**NAGAR UDASE** : *Historical Play in Kashmiri*
By **MOTI LAL KEMMU**



اشاعت :- ۱۹۹۷
ناشر :- موتی لال کیمو
کِتابت :- محمد یوسف مسگر
تعداد :- ۵۰۰
مول :- ۲۵۰ روپیہ



کِتاب سپدِ دستیاب :-

1. Kitab Ghar
Abhinav Theatre,
Canal Road,
Jammu-180 001.

2. 5-Apna Vihar
Kunjwani,
Jammu-180 001.

# گوڈُت

جون، جولائی ۱۹۶۷ء ہس منز کرلوٗو مےٚ یہِ ناٹک لیکھُن شروع۔ اَمہِ برونٛہہ ٲسی مےٚ "ترٛنوو" ۱۹۶۴ء، "مانگےٚ" ۱۹۶۵ء تہٕ ژھاے ۱۹۶۵ء۔ صرف یم ترٛےٚ ناٹک کٲشرۍ پاٹھۍ لیٚکھی رٔٹی تہٕ یِمو منز اوس نہٕ اکھ تہٕ چھپیوو مُت۔ مےٚ اوس نہٕ کانٛہہ ناٹک کارِ سندِس رٔویس منز زانان۔ وٲزی گوٚ "مانگےٚ" تہٕ "ترٛنوو" اوس رٔیہرسل سپدان تہٕ کیٚنٛژن مجلسن منز گنٛدنہٕ یوان۔ یِمہِ ناٹکُک گوڈ حِصہٕ لیٚکھتھ گیہِ سرینگرس منز "بہٹہٕ ایجیٹیشن شروع بیٚیہٕ۔ بٔڈے یہِ کلچرل اکیڈیمی دفترس منز میانہِ کامہِ تہٕ میون ذہن روٗد آوُر تہٕ مےٚ ہیوٚک نہٕ یہِ ناٹک اَند تام لیٚکھتھ۔ ۱۹۷۴ء دتسِ منز آو یہِ گوڈ حِصہٕ ٹیگور ہالس منز دِوَیہِ لیٚبہِ گنٛدنہٕ۔ وارِیاہَو لِکھارٛیو اداکارو تہٕ تھیٹروالیو کوٚر باند باند نہٕ بہٕ کرٕ ناٹک پوٗرٕ۔ اَما پوٗز مےٚ کرِ وارِیاہ کوشش مگر نہٕ ہیوٚکُم سِٹایل رٔچھتھ نہٕ ہیوٚکُم ناٹک لیٚکھتھ۔ دوٚیِم اَنگ اوسنہٕ میانہِ مِنہٕ مطابق بنان۔ لہٰذا اوسُس بہٕ لیٚکھمٕژ لیکھمٕژ رٔدی کاغذٕ ٹُکرِ منز ترٛاوان۔ اکہٕ پتہٕ بیاکھ ناٹک گوٚس لیکھان تہٕ کِتابہٕ چھپاوان مگر "نگرٕ وداسی"

ہیوٚکُم نہٕ بروٚنہہ پکہٕ ناوِتھ۔ مُشکِل پیوٚم بارِ گران گوم۔ آخر آسم کمھ ٹہٕ ٹھکر۔ حالانکہ کِتابن منز آسم پبلسٹی تہٕ کرومت زِ آیندِ چھپیہٕ میوٚن "نِگروٗ داسی"۔ مگر یہ روٗد خالِص اپز وعدہ ــــ میٚے اوس ذیٖہنس منز یہ ناٹک صرف ترِن حصن منز لیوٚکھمت۔ مگر گوڈنیک حصہ لیکھنس تہٕ باقے حصہ لیکھنس منز گزرے یہ ۲۸ ورِی تہٕ باقے حصو لوٚب اپریل، مئی ۱۹۹۵ء تس منز زنم۔ لہٰذا گو یہ ناٹک ٹرون باگن منز تیار۔ یہ ڈرامہ شروع کرنہٕ وِزِ آس میانی کانکھیا زِ کاشُر رنگ، سیٚچھن والین کُنیٚت کاشرِ پاٹھی زنتہٕ یونانی ترادسی لیکھنی یُتھ سُہ گندن سٹایل سمجھن تہٕ زانن۔ گندن گرِی بیٚیہ روز ترادسی ہُند تاثر تہٕ ناٹکس منز۔ یہوے وجہ چھ زِ اتھ ناٹکس منز چھ کورس لُس سٹھاہ اہم چھُ۔ وونی گو میٚے چھ ہر ہمین ہُند کورس اکِ اکِ مقالمہٕ وَنہٕ لوگومُت یُتھ زن اداکاری تہٕ پیش کش ہُند سٹایل آسان باسہٕ۔

یہ ناٹک چھُ راہ زِ اننت دیو تہٕ تسُنز رانی سُریہ متی ہُنزِ درد داستان مگر یتھ منز چھ اکھ سالم نگر اہم۔ نگروٗ داسی اہم۔ یم فِکرن، ولون، اندیشن تہٕ وسوان منز چھِ زندگی بسر کران، توٚے چھ نگروٗ داسی۔ یہوے وجہ چھُ زِ اتھ منز چھ کورس سٹھاہ اہم۔ میٚے چھ ہرزہ نین کینشرن بیٚین ناٹکن منز تہٕ کورس استعمال کوٚرمُت۔ امانوز یتھ ناٹکک کورس چھُ وکھر۔ امیُک اکھ اکھ فرد چھُ ذاتی تہٕ اجتماعی طور اہم۔ اَتی کِردار تہٕ اتی زنتہٕ سوتر دھار۔ اتی نقاد تہٕ اتی زنتہٕ صلاح کار بیٚنِ۔ کاشرِن چھِ کھتن دِل دنک واش کڈنک، تبصرٕ کرنُک عادت زنتہٕ سماجی رِواج بنیومُت۔ اکہٕ تہٕ ماآسن تواریخی تہٕ جغرافیائی وجوہات۔

اوے چھ کورس وَنان تہٕ دِل دِوان۔ شیٛکان ہٕ تہٕ زرژان وسواسس باوتھ کران۔
وُداسی روزان ہٕ بیٚیہ تہِ وارِیاہ۔ یِتھ کُنہٕ تازٕ اخبار اَنہٕ وانہٕ پنٕنٕجہٕ پیٹھ ہاہیتھ
پرٕژورہ نرٕ خبرٕن دِل دِوان دِوان پنن پنن اَلو بھوچھہ باوان تِتھے کُنہٕ چھ کورس
سپدٕ وُنہٕن حالاتن تہٕ واقعاتن یا تہٕ ژینان سنہٕ راے ترٲے دِوان سنہٕ وداسی
روزِتھ سورے برداشت کران یہٕ سپدان چھُ۔ یِہے وَنن گیہِ پتہٕ مین ینشرِ ہن
وُرِ یِن منزٕ کاشرِ ہن لوٗکن، عام لوٗکن یِمن منزٕ بنہِ چھس اکھاہ وُداسی
نگروُداسی:۔

یونٲنی طرزٕچ "تراسدی" منزٕ چھےٚ انگہٕ باگے یا حصہٕ باگے آسان
میون ڈرامہ چھُنہٕ کُنہٕ یونٲنی تراسدی ہُند روپا منزٕ بلکہ میون تخلیقی ڈرامہ خالص
اَمِیُک سٹایل دِیہ یہٕ باس زِ یہٕ ہیٚکہِ زنہٕ تہٕ تِھی اندازس ہٕ طرزس ہیٹھ تہٕ گِندہٕ
یِتھ ییتھ اندازس منزٕ یونٲنی تراسدی آسہٕ یوان گِندنہٕ۔ یہِ چھُ اکس ہدایت کارس
تام زِ سہٕ کرِ شیا مو کھٹ تہٕ کھرِ او استعمال یا نہٕ۔ میانی کُنہٕ چھنہٕ تمن ہُند ضرورت۔
یوٗد وے کانہہ یہِ زانہٕ زِ نگرُوداسی چھُ خالص یونٲنی ڈرامہ ہیوٚہ تراسدی تیٚلہِ
چھُ تس برم، ییتھ منزٕ چھِ ترِ بیے ژھین وکھرِ قسمکہ کورس بیس نثری سمواد (مقالمہ)
چھُ وَنان ییتھ منزٕ چھُنہٕ کانہہ یونٲنی عقیدٕ تُک تہٕ طرزُک ٹریجک ہیرو۔ ییتھ منزٕ چھے
از کالُک کتھ تہٕ وَنن۔ اَکھ پیش کاری آسہِ جدید طرزٕچ۔

ہٕ چھس مانان زِ یوٗد وے کانہہ تواریخی واقعہ، لُکہٕ داستان یا کتھ پیٚیہ
سنٕہٕ تہٕ تتھ پیٚیہ ناٹکچ شکل صورت دِنہٕ تیٚلہِ گژھہِ سہ ہم کالِچ عکاسی کرُن۔ ییٚمہ کنہٕ

موضوع تہٕ واتناوٕ پرچھ بامقصد باسان نگرُ اُدسی چھُ تو اَرٕکی ڈراما۔ مگر پرن
والین یا سٹیجس پیٹھ اَچھ پیٚکش وُچھن والین ییٚہ پانے ییٚنُن اَز کال تہٕ اَتھ
منٛز درٛینٹھ۔

۱۹۴۷ ہس منٛز گوٚسون مُلک دۄن حصن منٛز تقسیم۔ لچھہ بُدی لکھ گیہ
بےٚ گھر۔ زمین زراعت مکانہٕ جایداد ترٛاوِتھ بنے یہ مہاجر۔ رفیوجی۔ کیتہٕ گیہ
مارٕ۔ ساٛنی ریاست تہٕ آیہ وُلٹہٕ پاٹھی ہینہٕ۔ قبائلی حملہ، ۱۹۶۵ء ٹک جنگ تہٕ ۱۹۷۱ء
تُک جنگ۔ ۱۹۶۵ ہس منٛز پیوٚ بیٚڑ مالی نُکسان لیکنن مکانہٕ، جایداد ترٛاوِتھ
ژلُن زو بچاوُن۔ ناس منٛز دوٚد بیٚڑ مالی شُن۔ ییتہٕ آو نوٚو انمانہٕ تعمیر کرنہٕ۔ ۱۹۷۱ء
کس جنگس منٛز گوٚو چھمب ژھینہٕ۔ خبر کیتن ڈُدی گھر۔ زمین جایداد تہٕ زراعت
راوُنٛ تیوٚل پیوٚکھ۔ ۱۹۸۹ ہس منٛز گیہ کٲشیرِ منٛز گوڈٕ دہشت گردی تہٕ پیتہٕ
مِلٹنسی شروع۔ گوڈٕ آیہ کٲشرٕ بٹہٕ زمین، مکانہٕ زراعت باغات تہٕ جایداد ترٛاوِتھ
جومّ، دِلہٕ، پنجاب، ہماچل تہٕ باقے علاقن کُن تہٕ پیتہٕ کیٚنہہ مسلمان گرٕ تہٕ۔ اَڈی رۄدی
مائگرنٹ کیمپن منٛز تہٕ اَڈی رۄدی کرایہٕ مکانن منٛز۔ چھلہٕ چھانگر موت، وانگہٕ وۄر
راوُن تیوٚل، بندن باین ہمساین تہٕ رشتہٕ دارن نِش جُدٲیی۔ نوٚو انمانک ہوا نوٚو
تہٕ ماحول۔ موختصر دۄکھ، دۄکھہٕ درد، دگ، چھوکھ جُدٲیی رُوزن قسمہٕ قسمہٕ اَنو بھو
دہستراوان تہٕ اَکھ ترٛاسد جذبہ تہٕ اَنو بھو رۄد وچھس منٛز پیتہٕ من شٮ۪ن وٕری ین
تھُن تلان۔ نیتیجہٕ ۶ اَکھ ساس وٕری برونہہ کٲشیرِ ہندِ ییٚتھ کالُک تو اَرٕکی لوت
منظر دلوُ میے پیٚنہٕ نس اَنہٕ کٲلی اَنو بھوس پیٚتہٕ پیوٚ یہ ناٹک تھٕنہٕ۔

گرس منز چھہِ باضے کانٛہہ لوکٕٹ شُر نیٚبہٕ زوٗن منگان تہٕ ہٹھ کران۔ یہوٚے ہٹھ کرُن چھُ وٲنٛس بڈنس سیتی احتجاج کرنُک ذریعہ بنان تہٕ بعضے شکل صورت بدلان۔ عوٲمی سطحس پیٹھ چھُ احتجاج کرنُک ذریعہ ہڑتال تہٕ یِم ہڑتال چھہ ازکل کٲشرِ منز لیسلہٕ پٲٹھی سپدان۔ پرانہِ زمانہٕ اوس کٲشیرِ منز ہاٹھ بندتہٕ گھاٹھ بند سپدِتھ احتجاج سپدان۔ برٛہمن ٲسی رازس تہٕ راج ولوستھایہِ خلاف "پرایہِ الوپیش" کٕرِتھ احتجاج کران۔ تِم ٲسی کھین چیٚن ترٲوان، فاقہ کٔشی کران تہٕ رازٕ اوس تہنٛدِ مقصد باعمل انان یُتھ زن تس برہمہِ ہتیایہِ ہنٛد پاپ لگہِ نہٕ۔ ازکل چھ ییٚتھی نےٚ احتجاجن ستیاگرہ تہٕ دٕنان تہٕ گوٚ پزر موکھ احتجاج۔ پزرس پیٹھ قایم روٗزِتھ احتجاج کرُن۔

تہٕ چھُس لوکچارِ پیٹھے نارس کھوژان مےٚ وُچھ پننِس محلس اَنٛدۍ پکھی خطرناک نار تہٕ اُچھن تل وُچھِم لرِ پیٹھ لرِ تران تہٕ درچینہٕ وادمکانہٕ دزان تہٕ درچینہٕ واد گھرٲکی ساعتہٕ گھرِ واوس منز ہیٚنہٕ لوان۔ ییٚتہٕ کیٚنہہ دستی نار پور ترٲوان تہٕ کیٚنہہ گرٕوٲلی زٲلی دِوان اوٚش ترٲوان۔ یہِ گوٚ سہ نار ییُس انسٲنی غفلژ ہنٛد نتیجہِ آسہِ۔ مگر ییٚلہِ حملہٕ آور پرٕملکی زوراوار نگرن ہنٛدۍ نگر تہٕ گامہٕ ہنٛدۍ گام زالان آسہن کٲشرۍ کتھ مصیبتس منز آسہن ہیٚنہٕ لوان۔ ملٹنسی شروع سپدنہٕ پتہٕ کٲشیرِ منز بٔڈ ژلنہٕ پتہٕ بٹھ لرن، سکولن، کدلن تہٕ درگاہن نار دِنُک جذبہ ماگوٚ کم۔ تہذیبہٕ تہٕ علمکی آگرنار بُزی کرنُک انجام کیا سنا چھُ آسان؟ انتقام ہنٛدُک جذبہ چھا پزی کینہٕ نار یا مار کٕرِتھ ہمان؟ ییٚلہِ بہٕ پیٚمہِ ناٹکُک ٲخری حصہٕ اوسُس

لیکھان تہٕ ٹی۔وی پیٹھ بوٗزم خبرن "زرار آو زالنہٕ" تأریخ اوس ۱۱ مئی ۱۹۹۵ءتہٕ بہٕ اوٗسس اَمہِ وزِ پتھی ٹاکیس منز ہٹ نمبر ۲ ہس منز ٹھہرتھ۔ قلم روٗٹم پیتھ پہرس کھنڈس توٗگم نہٕ کینہہ تہِ بوزن تہٕ سمجھن۔ زنتہٕ گوس شینہ ژھٹہِ منز لگھتھ تہٕ پتہٕ کینشہِ دوہی جوٗم والیس یتھ کوٗرم یہِ ناٹک لیکھن ختم۔ یمن کینشن دوہن روٗدس سونچان زِ تریمہِ حصہٕ کس آخرس پیٹھ دود وجیشور تہٕ دزن دگ وۄ تلے یہٕ ژوٗرس انگس منز۔

کلہن پنڈتن تہٕ چھ راج ترنگنی منز سرینگرکہ اکہ بڈ ناروٗک ذکر کوٗرمت یپلہٕ کاٹھی ہلہٕ پیٹھ نار اَلور توٗر لاشہِ دَزتھ ووٚتھ منز۔ تیوٗت نوقصان تہٕ دَدار دوٗت لوٗکن زِ کلہن سُند بیان لوٗنہٕ تھپھے ترپھٹان تہٕ یپلہِ وجیشور آو زالنہٕ، کوتاہ نوقصان آسہِ لوٗکو ژولمت؟ نارچھ تَتھ دُک ہتی یار! خاصکر کشیرِ منز یتہٕ مکانہٕ، کدل، ناوہٕ عمارژہٕ تہٕ اَستان لکرِ ہندی چھہٕ آسان۔ ادے انتقام ہیتہٕ واٹس اِنسانی ہیپ شیطانس وٚ اَلبجہ شیچھا روات تہٕ ناہٕ دُدِس راوٚن تیوٚل تہٕ گرداو!!

کاشرِ چھہٕ مالہٕ مٹی۔ مراز، کمراز چھہٕ ووٚریس منز واریاہن جاین مالہٕ وہرِس تہٕ دِوہٕ یہٕ لگان۔ لکھ تہٕ عقیدت مند چھ جوک درجوک استانن تہٕ مالن واتان بازرہٕ تہٕ چھ لگان۔ نترن گبوٗن تہٕ لکہ رنگہٕ علاوٕ چھ واریاہن قسمن ہندی تفریح تہٕ میسر روزان۔ یتھی مالہٕ آسی یہٕ ژرتھ وورِس منز سپدان۔ بودھ کالس منز ہندی راجس منز، سلطانی منز یا چاہے لکہ راجس منز مالہٕ روٗدی جاری۔ دوٚنی گو گرا روٗزنہٕ کٕھ نوعیت بدلان۔ مگر واریاہ ہشر روٗدکھ پرتھ دورس منز ہوٕے۔ یم

مالہِ چھِ بعضے ژوٗن دوہن ژوٗن جاین یا طرفاتن جایہ پھیر کران۔ یتھے اکھ مالہِ چھُ وینجہِ برارِ سایہ واد وٗری لو پیمپ ڑاٹیج۔ یتھی پے ماس شترُ چھِ یتھ ناٹکس منز دینجہِ برارس ناریوان دیتہ۔ چھلہِ چھانگر گژھان۔ مو ختصر بربادی۔

یبلہِ انتظامیہس چھانہِ چھانگر چھنے گژھان، تکھ چھِ دوٗلابن منز ہینہ لیوان۔ گرگر راج تہٕ بدانتظامی چھُ دوہدِش ہُند رویہ بنان۔ یژھہ حالژ منز چھنے کلچرل کرایسس تہٕ وو پدان۔ مول، آدرش، اخلاق، نیتاے تہٕ ورتاوس منز چھنے فرق لیوان۔ خوف، بے، حراس تہٕ خاموشی چھنے گونماتن وُکھن موہر کران۔ گندن گرٕی، مُرنہ گرٕی تہٕ تر کار تہٕ دوٗیم فنکار یا تہٕ دیش ترٲوِتھ ژلان یا پنُن پیشہ بدلاوان۔ فنی تہٕ فکر و خیال کین نہ آوی جارن چھُ دکہ لگان۔ لیکھن ترٲین ہُنز ہُنیج چھنے بدلان۔ اخلاقس تہٕ سوبھاوس منز تہٕ چھنے فرق لیوان۔ یُس و بتہٕ راوان چھُ تُہ چھُ سمیجہِ تبدیلی ستی سمجھوتہ کران نتہٕ اندری گلان یا ژلان پینڈ بُرن ترٲوِتھ۔ کلچرل کرایسس چھ وار یاہن فنی ہُنجن راو راوان نتہٕ اکھ ٹھہراو کران۔ ذہنی ٹھہراو تحلیقی ٹھہراو سوچ تہٕ فکر چھینہ برونہہ لیکان۔ ادبی تہٕ فنی تحریکہ چھنے روٹہ گژھان۔ بعضے چھنے ریاکاری تہٕ مکاری لوان نتہٕ بعضے وارِ وارِ نوٚو سوچ، فکر، ادبی تہٕ فنی ہُنجہِ، رایہ ترایہ لوٚانمانہ نوٚ ژوٚ نہ بتہٕ سان زنم ہیوان۔ نوٚی تجربہ تھینہ پیوان۔ وق چھُ ہینہ تجربک تہٕ یتھ کالکین واقعاتن نِش سبق نہ تھہ وارہ ہیچھتھ نوین نہ تین تحریکین زنم دِوان۔ ساری فن چھ آدمی تجربک نتیجہ اسان۔ یتھی صدی منز و تیلوو کشیرِ منز وارِ گرتھپنک دورہ تہٕ گو اکھ JOINT FAMILY یعنی بوٚڈ کوٚمبہ گوٚ بیوٚن بیوٚن۔ اکس

بڑِس گرس گیہِ اَکھ اکھ اِکائی الگ۔ ماَلِس نِش نیچو۔ باَپِس نِش بوے۔
حالانکہ اقتصادی، اِنفرادی، سماجی، تہٕ کارٕبارٕ بڑٕ نٕکی تناو چھ اَمِکۍ وجہ۔ کانٛہہ ہَے ڈاکٹر بنیوو تہٕ کُل رٔژِس مُلکہٕ نیٚبر ژٕ لنج۔ خاندانی منصوبہ بندی آیہ تہٕ اَسہِ زٕ تہٕ ساُنۍ زٕ یا ژٕ تہٕ بٔتہٕ لُتہٕ بابہٕ بنیوو اَکھ اَکھ کوٚٹھ۔ تہٕ بڑِ گرک یا کوٹھک یکجا لسُن تہٕ بسُن، اَکی دانہٕ کھیوٚن چوٚن، ہشر تہٕ گنڈ بُھٹ ہموٚسُن بوڈ کوٹھ چھلہِ چھلہِ گژھان وُچھ۔ تِمن کیٚشت اوس یہِ دوکھہ تجربہٕ تہٕ یم الگ گیہِ تِمن کیٚشت نوِ وقتک تقاضہٕ پوٗرٕ کرُن۔ یتھنا کٕس منٛز یودوے یہِ دگ تہٕ آسہِ ووٚتلان تہٕ کوسہٕ کتہٕ چھِنے۔

تنہائی، کُنٕسرٕ تہٕ لوٚب کُن ہیوٚن چھُ سہ احساس یُس راوی ہمتن چھُ سپدان۔ پننہِ زمینہٕ ژٕ کلہٕ، ہوا نواح ماحولہٕ نیٚبر پیٚنہٕ کِنہٕ پننین نِش جُدا سپدنہٕ کِنہٕ یِم احساس و جذبات ووتلان چھ تِمہ رُکنہٕ چھُ پنُن پان عالمس منٛز اَجنبی لوان لبنہٕ۔ یہِ الگ تھلگ پننک احساس چھُ اَندرۍ گٕڈٕ کران تس یُس نِشکاسِت آسہِ۔ جلاوطن آسہِ یا وطنہٕ دوٗر آسہِ۔ تس چھُ پنُن لوکچار جوانی تہٕ زندگی ہُند پراوُت روٗدمُت باسان۔ تس چھُ ذیہنس منٛز لوٚت کال اُچھن تل درینٛٹھان بنہٕ لوان تہٕ وَچھس راوَن دگ تلان۔ وُٹھن پیٹھہٕ ولے! افسوس! ایا ہے ہوشیند تہٕ نیران۔ خالِص زلوٗٹھ وو شاہ ترأوِتھ اِنسان ژھوپہٕ کرِتھ سوچِس پیوان۔ ڈٕکس ژنجہِ کڈان۔ پننۍ ساری کار تہٕ زندگی بے معانے، مُدعا مقصدٕ روٚس باسان تہٕ وُنکہٕ ارساتھس منٛز اکھاہ لوٗدمُت ہیوٗہ باسان یُس نہٕ کانٛہہ ژھانڈنہٕ نیرِ۔ یُس نہٕ کانٛسہِ ضرورت چھُ۔ یہِ احساس

تہٕ چھُ تراوان احساس ہِتس احساب تہٕ جذبہٕ کِس آولنس منز یُس ہیٚرٕ پیٚیہ
لوٚڈ دٲے سُہ خود کشی تہٕ کرِ کو سہِ کتھ چھنے؟

محمود غزنوی چھُ بھارتس پیٹھ واریاہ لٹہٕ حملہٕ کران۔ کیٚنہہ زیٚنان تہٕ کیٚنہہ ہاران تہٕ۔ ییلہٕ کٲشِرِ پیٹھ حملہٕ چھُ کران تہٕ پرونٛچھ منٛڈی تام واتان ییتہٕ کٲشرِ ہِنٛد فوج تہٕ چھُ تمی سُنٛد مقابلہٕ کران سُہ چھُ واپس ژلان۔ ناکام گژھان۔ مگر اَمہِ حملُک اثر چھُ توٲرٟخ بدلاوان۔ قندہار تہٕ کوبلکی شاہ چھ تاج تختہٕ نِش گژھان۔ یِم چھ پنجاب تہٕ کٲشِرِ کُن یِوان۔ کینٛژن کالس چھ دوٚیمِن راژن ہِنٛدِ مدد تہٕ راج تاج واپس پراونٕچ کوشش کران۔ ناکام گژھان۔ یِم ژھیپھ دِنہٕ کٲشرِ چھِ واتان تم چھ ییتہٕ کِس سیاستس منز حِصہٕ نِوان۔ اِنتظامیس منز اَژان۔ ژوٕ یہٕ کران، تِمے چھ نگر وُداسی ناٹکس منز شاہ کوبلکی راجکمار آمتی وَننہٕ۔

راج ترنگنی ہِنٛد سُتیِم تہٕ اَٹھیِم ترنگ چھنے کلہن پنٛڈت سنٛدِ دورٕچ توٲرٟخ۔ تسنٛد مول چمپک اوس راجہٕ ہرش دیو سُنٛد وزیر۔ ستِم ترنگس منز چھُ اننت دیو، کلش دیو، ہرش دیو اَکی خاندانکی ترییے اہم راژن تہٕ یہٕ ناٹک چھُ اَتھی ترنگس پیٹھ شلوک نمبر ۲۳۳ پیٹھ شلوک نمبر ۴۵۳ پیٹھ مبنی۔ ساری اہم کردار چھ توٲرٟخی شخصیژ تہٕ بیشتر واقعہٕ چھِ توٲرٟخی۔ مییٚ چھ کلہن سنٛدیٚن ژور شلوک مقالمن منز کٲشر اَوِتھ ترجمہٕ تاوی ری۔ اَمہِ کِنہِ چھُس بہٕ کلہن پنٛڈت سُنٛد مشکور۔

ییلہِ ۱۹۷۷ہس منز "نگرُو داسی" ناٹکُک گوڈنیک حِصہٕ ٹیگور ہال سرینگرس منز میانِس ہدایتس تحت دوٚیہ لٹہٕ گِندنہٕ آو، ہتہٕ واد ڈراماوُ چھن والین منز اَسی رنگس سیتی وابستہٕ فنکارو علاوٕ کٲشرِ ہِندی نوٚم نامور ادیب تہٕ۔ جناب پی۔ این۔ پُشپ۔ جناب دینا ناتھ نادم۔ جناب محمد یوسف ٹینگ پروفیسر رتن لال شانت۔ ڈاکٹر ششی شیکھر توشخانی تہٕ۔

یِمو اداکارو تہٕ گِندن گرِ یو اَتھ منز حِصہٕ یِنَو ہِندی ناو چھُ۔

۱۔ اننت دیو۔ غلام محمد گاش۔ تُرارِ شریفُک ریوٚش۔

۲۔ سوٚریہِ مَتی۔ شریمتی پرانا شنگلو

۳۔ سوٚریہ چندر۔ ڈاکٹر سوہن لال

۴۔ کھرلوٚپ۔ پران چندرا

۵۔ کورس۔ (۱) کنیا لال (۲) گوری شنکر رینہ۔ بیٚیہِ تِہ ورا اَداکار یِہِندی ناو اَز سے یاد چھنہٕ۔ یِمہ ناٹکس دِژ سے پنٕہ پنٕہن شنِن رتن خبر کَرِنہٕ لٮ۪ہِ نظر تہٕ دوٚنی ییلہِ بیوٚ ٹھم زِ یہ پَیہِ چھاپُن تہٕ کوٚرم شنز۔ بھارت سرکارچ سینیر فیلوشپ تمہ کنہٕ ہیوٚکم خرچہٕ تہٕ برداشت کٔرِتھ۔ مےٚ چھُے وومیدزِ کاشرس تہٕ اَرچھس کلچرس تہٕ ادبس سیتی تعلق تہٕ دِلچسپی تھوَن والی پاٹھک کرن یمہ ناٹکس متعلق پننہٕ راے تہٕ رٲے قایم تہٕ یَتھ ضرور رینہ الماری منز تھاوِن۔ بہٕ چھس محمد یوسف مسگر شد مشکور زِ تمی کٔرِ یمہ ناٹکس کتابت۔ شریمتی وجے گپتا لائبریرین کلچرل اکیڈمی جموں تھوٚسے کتابہ پیش کش تہٕ شری رتن لال جوہرن پروف لہذا چھس بہٕ تِہُند تہٕ سٹھا شکر گزار۔

جموں۔ فروری ۱۹۷۷ء۔

موتی لال کیمو

کِردار :۔

کورُس :۔

۱۔ مختلف وٲنسن ہٕندی شیٚیہ برہمن ـــــــ گوڈنیک برہمن چھُ ژُھٹھ برہمن ۔

۲۔ اننت دیو۔ وٲنس شیٹھ ؤری

۳۔ سوٗریہ چنٛدر۔ پنٛدراہ ؤہُر۔ اننت دیوُن طرفدار ۔

۴۔ رانی سُریہ متی (اسبھٹا) ۵۵۔ ؤرِش۔

۵۔ کھیر لوٗپ ۔ ۴۵۔ ؤہُر

۶۔ کیٚنہہ زنانہ ۔ کیٚنہہ مرد

۷۔ راجکمار ہرش دیو ۔ ۱۲ ؤہُر۔

۸۔ پارشدی برہمن۔ یِم چھِ باہ مختلف وٲنسن ہٕندی

۹۔ مہاراجہ کلش دیو ۔ ـ ـ ـ ـ ـ ـ ـ ـ ـ ۔ وٲنس اکتاجی ؤری ۔

۱۰۔ کوژہلی :۔ (۱) ۳۵۔ ۴۰ ؤہُر۔ ہُتھِ شُش تہٕ وُچھنہٕ تلہٕ اوٗژھ باسان ۔

(۲) ۴۰۔ ۴۵ ؤہُر مگر اوٚر دوٚرہ

(۳) ۶۰۔ نزدیک۔ کھوٗژی کِتھہٕ کران ۔

(۴) ۲۰۔ ؤہُر۔ کتھہٕ کران زنتہٕ سیاستدان ۔ سارِنے کوٗنس ۔

(۵) جوان، پوٚہل ہیوٚہ ۔ ہڈ چھاتی تہٕ قداوار ۔ ۳۰ ؤہُر۔

(۶) ۔ پیتہٕ جوان۔ آسہٕ وُن ۔ بے خوف

(۱۱) تھکن ۲۵ ؤُہَر۔ راژِ کمارِ ہیوٗہ باسان۔

(۱۲) ترِ سیوک۔ خدمتگار

(۱۳) نِہ زنانہٕ تہٕ کینٛہہ شُری

(۱۴) سیتھ وُول مرد

(۱۵) نولنکا۔ رانی سوٗریہ متیٖ ہنٛز ژٕ وشنز

(۱۶) سینٹ ۔ اننت دیوٗنی تہٕ سوٗریہ متیٖ ہنٛدی طرفدار۔

(۱۷) کھیمٹ

(۱۸) پاتھرِ گوٗر۔ شٹ ۳۵ ؤُہر

(۱۹) پاتھرِ گرٕ نٹی۔ ۳۰ وُرِش سوندر مال آواز لوٗبہٕ وُلی

(۲۰) دیہہٕ وُتی۔ ۵۳ وُرِش۔ چوٗژہٕ گجرآلی۔ راژِ ورن لاگیھ۔

(۲۱) گنگادھر ۔ اننت دیوٗنی ذاتی سیوک۔ جان واٹشہٕ۔

(۲۲) دنڈک

(۲۳) ولگا۔ سوٗریہ متیٖ ہنٛز دوٚیم ژٕ وشنز

(۲۴) ترِ ناہہٕ ژٕ ہر۔ جوان واٹشن ہندی

(۲۵) دوٗت۔ ۲۵ ؤُہر چوٗژہٕ جوان۔

(۲۶) آنند۔ ہرِش دیوٗن ذاتی نوکر۔

(۲۷) بییہ کینٛہہ نگر واسی شُری تہٕ زنانہٕ۔

——— ۵ ———

وق۔ ۱۰۷۹ تا ۱۰۸۱ عیسوی

ہیوٚر سیٹجس چھ بیٚنے منٛزرس ہیر پاوٚ ی تہٕ براند۔ اُتھۍ ستی چھُ اندر گرزھنک دار۔ دارِ اندر تہٕ چھ ہیر پاوٚ ی باسان۔ دار تہٕ براند چھُ وچیشور مندرس تہٕ دھرم سالن کُن اَتہٕ ژِ وتھ۔ یوٚن کھوٚوُر سیٹجس پیٹھ چھ اکھ کنُو چوٚکی یتھ پیٹھ شیٚنے زٕلی ہیکن بیہتھ۔ دٔچھنہِ سیٹجہِ کُنہِ چھُ اندرازُنک بر۔ باقے رنگ چھُ زنتہٕ آنگُن۔ یمِن برہمن ہُند کورس چھُ اَژان گوڈٕ نیُک برہمن چھُ زیٹھ برہمن۔

گوڈنیُک برہمن:۔ کُس وَنہِ از چھُ زیٹھُن دوہ۔ بَس چھ اَنٛد وُندزاندٕ لگِتھ۔

دوٚیُم برہمن:۔ کُس وَنہِ از چھےٚ وہتھ سو کھ سان وسان۔ تس چھ ینہٕ بھٹی ودیر باسان۔

ترٛیُم برہمن:۔ کُس وَنہِ از چھےٚ بتراتھ رٔچھ۔ تس چھُ پاپی آدم یادن ہُند گوبہ۔

ژوٗرِیُم برہمن کُس وَنہٕ اَز چھُ کانٛہہ کاشُر بَبہٕ روٗس۔ پرٛتھ کانٛسہٕ چھُ پنُن۔ بُتھ
ووپرباسان ۔

پوٗنٛژیُم برہمن۔ اَز کُس چھُ کٔشیٖرِ کرٕ طرفداری۔ پرٛتھ طرف چھُ شنکاین ہُند آگُر۔

شییُم برہمن۔ اَز کُس وَلنو چھُ کُس بوزِ سأنٛز کانٛہہ کتھ۔ راز چھُ بیوٗن تہٕ پرژا چھ الگ۔

گوڈنیک برہمن :- اَز چھِ راز گرس منٛز ووپر ژھوپر۔ نگرس منٛزِ چھُ لکھ مندن
برٛ برُو پرٛتھ بہان ۔

دوٚیُم برہمن :- گرٕ ٹاپن ہنٛز آواز بوزتھ چھُ پرٛتھ کانٛہہ بسکین بے
کھبوان وُزنہٕ وُنہ ماگوو پود شروع

ترٛیٚیُم برہمن :- راز اننت دیون لوٗزنہٕ گاٹلیس ہُند۔ ارمان اوس
تہٕ بخشن راج پننِس پوٗترس ۔

ژوٗرِیُم برہمن :- راجا کلش دیوس، یُس کہ سنگس منٛز آمُت ہلینہٕ۔ از چھُس
گاہنٛز پرکرتھ بدلیتھ۔

پوٗنٛژیُم برہمن :- راجیٚک پرٛتھ کانٛہہ ولقار منٛزرتھ یُس منہٕ کل گینٛمژ
بداخلاقیہ۔

شییُم برہمن :- بدکردار چ! ایُس اُنٛدی ژکھی اَز کل ڈوٗمبن ہُند سنگ۔
زلوٗ زیٹھی بتہٕ ساز نٛدر چھس بنے ہتی مشورٕ دان ۔

زیٚٹھ برہمن :- شاہی کوہلی کو کرمی راز لوترویس راو راوٕ مٔژ وتہٕ۔ تس
چھُ گومُت مُشتھی زٕ پرژا یہ ہندی وُچھ ہے داوی دگ ۔

دوٚیُم برہمن :- بجہٕ، پھٔٹراج، پاجہٕ تہٕ حیاتہٕ! پموٚے چھُ کوٗرمُت سہٕ پیٚنہٕ نس مٲلِس نِش ہیوٚن۔

تریٚیُم برہمن :- ذام مارکچہِ کھوڈٕ پھیٚچہِ زانن وول پزٕمد کنھ چھُ بنیومُت رازس گور۔

ژوٗرِیُم برہمن :- نے واین وول نس ژوٚٹ چمک چھُ بنیومُت رازس شاہی موسیقار۔

پوٗنژیُم برہمن :- بیٚبہٕ تہٕ ہیمتی بدکردار چھِ از رازس پرٛکرتھ ڈٲلِتھ کوٗرمن منٛز بڈٕ راوان۔

شیٚیُم برہمن :- کتہٕ روزِ تیٚلہِ رازس سہٕ دھرم یاد۔ کتہٕ روزِ رازس تیٚلہِ پرزا یاد؟

برہمن اوٚرٕ لور پھیران

گوڈنیُک برہمن :- کیٚنہہ کالاہ کوٗرہٕ یہٕ سوٗرے انٛنت دلون برداشت۔ اما پوٗز یٚیلہِ آب ہیٚتِس تل ووتُس سہٕ گوٚو اکرِ دوہ کلش دیوس ہتھکرِ ترادنہٕ

دوٚیُم " :- مگر کلش دیولہٕ یارسنگی آسی برونٛہہ پیٚیس وآتِھ۔ بٕہ دِژہٕ اَتھ کارس اپنہٕ مان

تریٚیُم " :- کُنہِ ہین نہٕ پوٚشتھ۔ راز انٛنت دلو دژاو ساری گرو ییٚتھ ہیتھ راز دانہٕ منٛز پینہٕ نس ٹیٚچوس نِش روٚشتھ۔

ژۄرِیُم برہمن :- تہٕ آویور وجیشور ! وینٛجہٕ برۄر !! ییتہٕ ریشٕنی تہٕ پرٕتی چھہٕ
شانتی لبان ۔

پۄنٛژیُم ،، اَدا پۄنٛژ اندنت دیلوس نہٕ چھُ دۄہس سو کھ تہٕ نہٕ راتس نیٖندٕر
سِشو پۄنٛژا یہٕ منٛز تہٕ چھُ سُہ لوان وۄرک وۄری ۔

شیٖیم ،، ژٕ ہتھ پریشان ۔ من ژٕ ننٛزٕل ، کرۄدی نیٚبھر ، ڈاکس دزہ لُدہ
تہٕ زلو تیز تلوار ہِش پرٕکان ۔ دمی باسان زن تہٕ تس وٕرا گگ
نال وۄلمُت تہٕ دمی باسان زن تہٕ بارٕو ہیوٚہ نیبر لیو دکرہٕ ۔

برہمن اوٚر لیور جاے یدلان

زیٹھ برہمن کیتہٕ رۄدی آدرش ؟ نیاے ؟ تہٕ پرٕزایہٕ سو کھ واتناو نکی سامانہٕ ۔

دوٚیُم ،، :- ییلہٕ دیشس منٛز آسہٕ راجُت چھکرِتھ ۔ ییوٚن ییوٚن آسن رازن
ہنٛدی آدیش حُکم تہٕ پرواہ !!

ترٛیُم ،، :- پرٕزایہٕ ہنٛدی انگ آسن پانس پانس تہٕ پرٕژھ انگ آسہٕ
الگ وجوٗد تھوان ۔

ژۄرِیُم ،، :- ییلہٕ رازس ییتھ آسہٕ نہٕ پرٕژھ رۄز مہرٕ ۔ لکھ آسن کیول
دیہِ ناو سوران ۔

پۄنٛژیُم ،، :- ییلہٕ انت دیلون آسہِ پانہٕ سُم ژٕھمبرٕ ، پرٕزایہٕ کوتاہ کال نیرِ
کولہٕ گرٕہنس ۔

شیٖیم ،، :- گوٚژھہا دٕ کلش دیوس راجُت سائینُن ؟

زیٚٹھ برہمن :۔ یِس سٕندی اطوار ہُتھی پھِری آسن، پٔژ کرتھ بدلے تہٕ لوٗکن مَنٛز شک۔

دۄیِم برہمن :۔ زِ یہ چھا پَزی پأٹھۍ راج پُتر۔ یہ چھا پَزی پأٹھۍ اننت دیلوس پنُن نیچُو !!!

ترییِم برہمن :۔ کُنہِ ہنہِ چھِنہ پٔرٛزھ۔ مہارانی سوٗر یہ مَتی ہیچھ کُس کرِ شک۔

ژوٗریِم برہمن :۔ راز رانی چھ پانہ راژ کوٗچ، کانگڑہ دیشچ، جالندھرنگرچ راژ کمأری۔

پوٗنٛژِم برہمن :۔ یِیمہِ مرٛیادایہ موجُب وہتھ بھٹن ہیچھ مسھ تہٕ مندر کرِی تأمیر۔

شٔیِم برہمن :۔ یِیمی برہمن ہنٛدِ خوشحألی خأطرٕ اگر ہار تہٕ گرٛ گیٛن کرِی دان !

زیٚٹھ برہمن :۔ یِیمہِ لوٗہنکس لوٗترٕ سٕندس شوٗکس مَنٛز راژ مندورِ ہنٛد کوٗر تیاگ تہٕ کوٗرن واس سداشو مندرس مَنٛز۔

دۄیِم برہمن :۔ یِیمی راژ کوٗچ شان برقرار تھوٗ ہنہ موکھ کوٗر پنُن خزانہ تام وزِ وِزِ خألی۔

ترییِم برہمن :۔ یِیمی ہٕ راژ سٕند بیٚنہ چندرک رتن لأگِتھ تاج راژ گرٕ نیبر کِنہ دیُت۔

ژوٗریِم برہمن :۔ تس راژ راہ ہیچھ کُس تلہِ اکہ نگچ۔ کُس اَنہٕ زلوٗ تہٕ کرِ تسنٛز

غائبہ۔

پوٚنٛژیُم برہمن:۔ اَما پوٚز باپہٕ ہَتس دِزِ ھانٛہ ہیچھ۔ زیوٚ ہتس کیا کرِ زِ۔

شێیُم برہمن:۔ کرمہ لاینس کیاہ کرِزِ۔ اَمس راجہٕ یہٕ یِنہٕ اوسہ پھس پوترس لایق بُھچھ بایہٕ۔ اَز چھےٚ راجہٕ داپہٕ منٛز نیٚبر، راجہٕ گرِ منٛز نیٚبر!!!

"برہمن ہناہ ژھەپہ کران۔ کلہٕ نوٚمرِتھ اورِ یور جایہ بدلان۔ پیتہ زِنتہ بھتی پھیرِ ہوٚ رلوان"

زیٚٹھ برہمن:۔ باسان۔ ازچھ کُستام شاپ آمُت راجہٕ کولس یہٕ یمِتھ دلیٖلس پیٚٹھ ووتلیھ۔

دوٚیُم برہمن:۔ کُمی تام کو کرِ میٚن چھ ہیوٚ کمُت زۄم۔ یُمی سٕنٛد لور بیہ پوٚتر بُتہ راتھ چھِنہ ژالیتھ ہٮ کان۔

ترێیُم برہمن:۔ یُمی سٕنٛد لو پاپو ساٗرے پرٛزاچھےٚ وُنٛچھ۔ یُمی سٕنٛد لو پاپوسترووُمت رازس پیٚٹھ کوٚ یربھاو!!

ژوٗریُم برہمن:۔ نتہ کُمتھ پیٚٹھ گاٹہ منٛز کاشہ دلوس منوش اَسِتھ راکھس لوٗد۔ یُمی راجتہ زوٗممت شُری گینٛدناہ!!!

پوٚنٛژیُم برہمن:۔ یس اُنٛدرِ پھی غرضمندو وولُمت نال! بدلے آز ار۔ بدلے وِسٕرار۔ یہٕ پھرِتھ پرٛ کرِتھ کھُرٛہہ منٛز سنکھس۔

شێیُم برہمن:۔ وُچھو اورِ چھ یِوان سوٗر یہ چندر۔ اَمی سے پرٛژھو

راز دانہٖ ہٕنٛز شیچھی !!!

"سُریہ چیندر اَدٲن، سہٕ باسان باوقار

راجہِ پوٗرُش۔ برہمن تس اَلہٕ وَلہٕ لوان"

سأری برہمن:۔ توٚہہِ آسِن آے تہٕ تقدن پاے۔

زیٚٹھ برہمن:۔ ڈلو مہرا توٚہہ کتہِ یہٕڑ چھیو لوان؟ راز دانہٕ ہٕنٛز چھیو کینہٕ خبر۔؟

سُریہ چیندر:۔ راز دانہٕ مٕنٛز چھہٕ راز اندنت دیوہٕ نیرُنک شوٚق لوکن دِلن منٛز۔

شیٖیم برہمن:۔ آسکھ نا؟ کوٚہ کالن چھکھ ہوٗمت بُتھ۔ تہٕ سوزن چھہ آمتی راز دانہٕ مٕنٛز نیرِتھ۔

سُریہ چیندر:۔ راز اندنت دیوہٕ راز دأنی تراوہٕ پیٚتہٕ چھہٕ مہاراج کلش دیوس باسیوٗمت زِ زنہٕ نگر منٛز چھےٚ سأرے وہٕہِمبتھ تہٕ شوٚبھ دراہِمتۍ۔

دوٗیم برہمن:۔ یہٕتھ کٔنی شاہمار زٕلِنہٕ پیٚتہٕ زمینہٕ تلہٕ کڈِتھ نیوٗمت خزانہ چھُ خألی باسان۔

سُریہ چیندر:۔ سارِوے وِسپلوہٕ نشہٕ اَتھ ہٕلمتھ کوٚر مہاراج کلش دیوَن بجس سیٚتی مشوٗرٕ۔

ترٔییم برہمن:۔ یہ گوٚوے بجہِ بیمی مأیس تہٕ پوترس منٛز پھاس تردٕو۔ یمی کلش دیوَن کیتھ گرمِن نِش روٚتنہٕ پراوہٕ موکھ کلش دیو بأندی بناوہٕ نشہٕ نچوو۔

سُریہ چندر :۔ بجہ نہ مشور سیتی بناوی مہاراج کلش دلون جیانند سرواد ھیکار
پہ وہتھ ووتُرک ولاہ دلو بنوون دہ وار پتی۔

ژوٗرِیُم براہمن :۔ تہٕ کمپن آدیش، سیناپتی کُس آو بناونہٕ۔؟

سُریہ چندر :۔ وِجے متر!! ییُس اکہِ وزِ راژنہٕ گرِہ کین پلو بنڈارن ہُنْد اِنتظامی
اوس۔ بنڈار کراوس۔

پوٗنژیُم براہمن :۔ تہٕ کلش دلون کیٚاسناہ پزٕ بند ہیوٚت کرُن خالی خزانہٕ برنہٕ موکھ؟

سُریہ چندر :۔ جیانند چھُ وُنی کین دَہنہٕ دیار ووزُم ژھاڑِتھ گنجٕ کران۔ جمع سٕہ
چھُ اَز کل چنڈالن نِشہِ تام دیار ووزُم ژھاران۔ تِکیاز۔ تِکیازِ۔

شییُم براہمن :۔ تو ہیٚرِ ماہرا کیازِ کرُو ژھہ پہٕ؟ وُلو سٕہ کیازِ چھُ یہِ کران؟

سُریہ چندر :۔ تِکیازِ سٕہ چھُ کلش دلوس پننہٕ نِس مالِس اننت دیوس سیتی لیوٚد
کرنہٕ موکھ ووٚتش دِوان۔

ساٗری براہمن :۔ اَنرتھ! اَنرتھ!!۔۔۔ مگر کرِیا مہاراج کلش دلو پننہٕ نِس
مالِس اَننت دیوس سیتی لیوٚد!!!

سُریہ چندر :۔ سٕہ چھُ حملہ کرنہٕ موکھ راز دانہٕ منٛز دژامُت!!

ساٗری براہمن :۔ اچھا! سٕہ چھا حملہ کرنہٕ موکھ راز دانہٕ منٛز دژامُت!!!

زیٹھ براہمن :۔ اَبہِ پزِ۔۔۔ راژٕ اننت دیوس یہِ ساٹھے شیچھ باوٕنی!

سُریہ چندر :۔ بُتہِ چھُس امی پژٕ لوٗزنہٕ ژو بچاوی بچاوی راز دانہٕ ییٚہٹھ
لیور آمُت۔

"ہیر پاوو لو اٙندرٕ چھُ راز اننت دیو نیران تہٕ رنگس اژان"۔

ساڑی برہمن :۔ وُچھو راز اننت دیو دژایہ لیوٚری۔ راز تہٕ پٔرزاروُزِن سوٚکھی۔

اننت دیو :۔ تُہنٛزن آہین آسہِ ہے کانٛہہ تاثیر تہٕ مانہٕ ہا! توہی آسہِ ہو سوٚکھی تہٕ لوٚت ما آسہِ ہو آہتی بارٕودِ نہٕ! اُڈلو کوسہ شیشِتھی چھِو باونہٕ آہتی؟

سُریہ چندر :۔ مہاراج! سارِنٕے چھُ احساس زٕکیاہ کیاہ ناکار گی چھ سپدان۔ مگر کمہِ وِدپایہ ستی یا کمہِ کرِمہ ستی سپدِ جاگی تتھ کُن چھُنہٕ کانٛہہ کمر گنڈان

اننت دیو :۔ چوٚن مطلب کیا چھُ؟

سُریہ چندر :۔ مہاراج! تُہنٛدِ نگر منٛز نیرنہٕ پتہٕ چھُ مہاراج کلش دیوٚن جیانند سروادھیکار بنوٚومُت۔ وِجے رستر کمین آدیش تہٕ وِراہ دیو دوارپتی بنوومُت۔

اننت دیو :۔ دوکھہ دِہی منٛز طاق جیانند تہٕ شاہ کو لکی ہم راجیشرِ بجہٕ پاجہ۔ تہٕ پیٹھ راج کرن نہٕ راجیٛت تہٕ اُدکُس کرِ! ہموے ڈاجی کلش دیوس لود۔

سُریہ چندر:۔ مہاراج! ہٕ کتہٕ اَنہٕ زلو تہٕ کرورنن زٕ نگرس منٛز کوسہ تیاری آیہ کرنہٕ

اننت دیو :۔ کوسہ تیاری آیہِ کرنہٕ! صاف صاف وَن؟

سُریہ چندر:۔ ہمو شاہ کو لکو راجپوترو کوٚر کلش دیو توہہ پیٹھ حملہٕ کرنس آمادٕ۔

اننت دیو :۔ کیاہ؟ — کلش کرِ یا حملہٕ؟

ساڑی برہمن :۔ اَنرتھ۔ اَنرتھ۔ کُس پوٗتر کرِیہ۔ کوروٚن تہٕ ڈاج نہٕ پیٛرِھ پٔرکرتھ۔ پوٗتر کرِ راج تیاگ کرِ ہیتس ماٛلس پیٹھ حملہٕ۔

اننت دیو:۔ حملہٕ! تمبیک کارن؟

سُریہ چندر:۔ کارن چھُ زِ جندٕ راج چھُ بانٛدٕ وانہٕ منٛز آنت یلہٕ تراوٕ۔ تس
چھکھ نہٕ یہ ہیٚتھ حملہ کرنہٕ موکھ پیادٕ فیٖچہٕ کھ ستی دژمٕش۔
اننت دیو:۔ چندو راج! ٹھیک گوٚ۔ سُہ آسکھ بدلہٕ ہیٚنہٕ خاطرٕ وُتشوومُت۔
تس چھُ پنٛنہٕ بلہٕ ویری ہُنٛد سیٚٹھاہ گمنٛڈ۔ سُہ سورُے گمنٛڈ کرِ
تہٕ تس چکنا چوٗر۔ سُریہ چندر! توہی کرُو سارِنے ڈامرن،
راز کُمارن تہٕ تِمن میٛانٛین اَنگن اُشناوَن شُکھی یِم میٛانہِ طرفہ
چھہ زِ تِم کرن یِژھہ طرفہٕ ہُشیاری۔ یِتھہ زِ کُنہٕ وِز تہٕ اچانک
سیٖدٕ وُنہِ حملک مقابلہ یِیہِ کرنہٕ۔
تریٖیم برہمن:۔ یِنہٕ اوت نہٕ۔ اَمہِ کتھِ ہُنٛد گرٕ ڈنڈورٕ یُن دِنہٕ۔ یِتھہ
زِ تِم سارِی یِم شاہ کوٚہ للکو رازٕ کُمارَو تہٕ کلش دیونٛوا طوارو
چھہ تنگ آمٕژ ہیٚتہ کرن تِہنٛز طرف داری۔
اننت دیو:۔ یہ چھہ نیک مشورٕ! بہٕ تہٕ وُچھہ زِ از کُس کُس آسہِ میٛانہِ طرفہ
تہٕ کُس کُس آسہِ یِمن کوٚکرمین ہٕنٛدِ طرفہ۔
سُریہ چندر:۔ مےٚ چھُ باسان یِم چھِ اُکس سوٚنٛچھہ سمجھہ منصوبس تحت
اَسہِ پیٚٹھ حملہ کرنہٕ یِوان۔ لیٚکن منٛز بے تراوٕنہٕ موکھ لیٚد
یٔژھان کرُن تہٕ جاری یٔژھان تھوُن۔ یُتھ زَن تِم مُنٛشراون
تہٕ ہیٚرِ تہٕ کلش دیونٛن کوٚکرمن کرن کھما۔
اننت دیو:۔ مگر بہٕ گرنہٕ اَتھ کھما! مےٚ پیٚٹھ سیٖدِ حملہ تہٕ بہٕ روزٕنہٕ گرِ

دارِ بر ترٚوِپرِتھ۔ ہرگز نہٕ! گژھو پٔرِتھ کٲنٛسہٕ کٔرِو خبر زِ تیار
رۆزِن۔

سُرِیہٕ چندر:۔ یتھا آگنیا مہاراج۔ "نیران"

زیٹھ برہمن:۔ کٔمی دِیُت شاپھ!!! ہرِ بتہٕ رات زنہٕ دوہ کھیہٕ دوہ ژھوکان
تہٕ شروٗ کان۔ کُس ہو کلاو پٔرزایہِ اَمہِ شاپہٕ لٔنِہ۔

اننت دیو:۔ کُس شاپھ! یاگو یتھی سمے چھِنہٕ یتھ کٔشیرِ منز یتھ کالہِ آمت۔
مہر کل۔ شنکرورمن۔ وٚنمتھ تہٕ چکرورمن۔ کیا یمو رازو چھنا پٔرزایہِ
دوکھ واتناوِ متی۔

دوٚیُم برہمن:۔ مگر راجیُت چھُ اَزی وُچھان ٲلِس تہٕ پوٚترِس منز دوٚن حصن
منز زنہٕ باگرِتھ۔ راز گرچہ گرہن پیدٲیہِ ہُنٛد پرہاو چھُ
مہاراج! پٔرزایہِ بیٚمہٕ تہٕ ہوان۔

اننت دیو:۔ مےٚ چھُ راج تیاگ کوٚرمُت! تاج تہٕ تخت ترٛوٗمُت۔

ترٛیٚیُم برہمن:۔ تیتھ کُس کرِ انکار۔ مگر پٔرزایہِ ہٕنٛدین دادین تہٕ مصلن
چھُنہٕ کانٛہہ واتان۔

اننت دیو:۔ یہے دگ چھُس بہٕ لٲلہِ وان۔ پٔرزایہِ آسہٕ نہٕ تیوت دوکھ
لوٗت مےٚ چھُ۔ نہٕ دوہس قرار نہٕ راتس نیٚندٕر۔

ژوٗرِیُم برہمن:۔ کُس کرِ نہٕ اَتھ پٔژھ۔ سنگاسنک لوٚبھ کٔمی چھُ ترٛوٗمُت۔
کارکوٗٹ کولکہِ راجہِ پتہٕ وُچھی یمی دیشن کم کم رنگ۔ تیٚنٛزِ

مانایہ اوس پانہٕ راج کرُنگ تہٕ سِنگاسن چھاوُنک لوٗب تھٕد کوٚ پچھہِ دپہٕ رانہٕ کوٚر کھوٚر کھوٚٹ رٲیج کرِمتہٕ دعوی دار رجیٚترِن ہُنٛد ناش صرف سِنگاسنکہِ لوٗبہٕ موکھہٕ۔

اننت دیو:۔ چوٗنکہ مےٚ اوس سُنٛدِ پانہٕ پھِٹھ سِنگاسن پرٛوٗمُت تہٕ تاج چھوٗمُت۔ اَوے کریٖو مےٚ از ہروہہ شراہ وٕری پتہٕ پنس ترٛوٗدُہہ ؤہرِس جوان پوترس تاجپوشی۔ میٚے تاج تختک لوٗب اوس ترٛوٗمُت۔

پوٗشترُم برہمن:۔ مگر کلش دیو گوٚژھ تتھٕ یِگی آسُن۔ تس کتہٕ دراپہٕ ہُم گون ریم اکس رازس چھہِ شوٗبراوان۔

اننت دیو:۔ آخر پتہٕ پالیس ییٚلہِ تہٕ میٚون سایہ آسس۔ اَلوٚ بھوٗکس سایس تل چھہٕ نِشاے تہٕ دھرم پھانٛچھلان مگر کلش دیوس چھہٕ میٚون سایہ شاید مقابلہ آرآیِ کُن برٛسراوان۔

ساٗری برہمن:۔ افسوس! اَتھ کمہِ بُتھہِ کرِ حملہٕ! تس روزِ نا اُچھن منٛز رِچھن دگہٕ ہُنٛد سر ہیٚہ۔

اننت دیو:۔ گاٹلیو! تس ایٚگی پوترس چھہٕ گومُت مُشتھہٕ زِ مےٚ ماکریٖو وہتال ہیوہ ترِبھون ڈامرُ شُری پانہٕ لیوہ دِ بھومکا پہٕ منٛز لسی پیٹھ مجبور تہٕ ابھنو ڈامر کرتلہِ ہُنٛد اکِہ ٹاسہٕ ڈھیر، کرِن حملہٕ، کرِن، بُتہٕ وُچھہِ! اکی ساتہٕ موکلہِ یہ سوٗرے نِشاے

......کرٕن حملہٕ!!!

زیٹھ برہمن:- یہ آسہٕ کشیر منڈلچہٕ تواریخ منز گوڈنیُک سعے بیلہٕ
پوتُرس یہ ماُلس منز لیود سپدٕ- مہاراج! نو ہوٚ نینترو یہ کلہٕ
کاپنچ ژھسھٹ وچھنہٕ بروٚنہہ گژھن ساٚنی پران ہرٕنی-

اننت دیو:- تو، ہی کیاہ پنٕن ہرٕدے لوات ژھوٚٹ کران- دیو لیود سپدنہ
دلوٚ اُتھی ستی لیوہ گہ پھیٔرٕ سپدٕ- دوٚہ لیو منز اکھ ناشس گژھہ
اکھ ہارٕ یہ اکھ زینہٕ- یہ لیو دگژھہ سپدن- ضرور سپدُن-

"امی وزٕ کنن گژھان دمامہٕ وزنٕچ آواز"

لوزِو! ونی گژھہ وےکھسترس اندٕ وٕنٕد شیٚچھی- راجُت تیاگی
ماُلس یہ مہاراج کلشس دیوس منز سپدٕ لیود- لیود- لیو!!!

"امی وزٕ نیران سُریہ متی نیبرٕ"

سُریہ متی:- کُس لیود! یہ کرژھ پارے؟ ڈم ڈم؟ وٕلو تو یہِ کتھہ پیٹھ
چھ گرٕدٕ-؟

اننت دیو:- گاٹلی برہمنو! وٕلو ییمس راز ماتایہ زامٕ شُدس سو پوتھر
شُدی راز دھرمکی کرم یہ اطوار- وٕنیوس مہاراج کلشس دیو
چھُ ہتے بیٹھ حملہٕ کرنہٕ یوٚری یوان-

سُریہ متی:- اپُز-اپُز! یہ چھُ اپُز!! یہ کمی ساٚنی شوترن چھے
شووے ترٰاوہٹر- پرژا یہ ہٕدِس کس اُنگس آوہ سوٚن

یتھ جایہِ ان زل کھیوّن خوش، اکُس چھُ سُیُس اَسہِ لوٗت واٗتھ تہٕ چھُ پھاس ترٛاوان؟

زٕیُٹھ برہمن:۔ راج ماتا! اَسی کتہٕ اَلوٗ سو زلو تہٕ کرو ورنہٕ زِکلش دیون کم راج اٗگنیایہِ چھےٚ جاٗری کرِ مٕژ۔

سُریہِ متی:۔ اَسہِ دوہ کھ تہٕ آزار واتناو ہچھِ، کمہ راج اٗگنیایہِ چھےٚ؟ خبر کُس چھُ ثوٗ ترلاٗ گمتھ راز دانہٕ ہیچھِ اَسہِ ستی ستی یتھ بحرُس منز اَسہِ صبح شام بے قرار کران؟ ڈلوٗکُس چھُ سُیمیس سانہٕ زندگاٗنی ہندی پُشتم دوہ یتھ رِشو دِجیشورکِس استھاپنس منز گُزرٛاونی چھُنہٕ خوش لوان۔

دوٚیم برہمن:۔ کلش دیو تہٕ شاہ کوہلکی راجکمارِ چھِ سینا ہیتھ لوٗری حملہ کرنہٕ ہو کھ رازٕ دانہٕ ہیچھ دژا میتی۔

سُریہِ متی:۔ ہرگز نہٕ! یہ سپدِ نہٕ شہ کمتھ ہیچھ کرِ یہ حماقت۔

"برہمن نیران"

اننت دیو:۔ وے ترٛنی ندِ اپور تارن ڈول سو پوٗھرِ چھُ بنی ژکی در ہیتھ ہتھی یار آزماونہٕ تہٕ ماٗلس ہیچھ وار کرنہٕ دژامت تہٕ ژٕ چھکھ دُنہٕ ماماتایہِ ہنزِ ماہہِ بھٔرِتھ کمتھ کران۔ واہ! واہ!!

سُریہِ متی:۔ یہِ چھےٚ بے پٔژھ کمتھ۔ میون کلش دیو چھُنہٕ شریُس بژمراونہٕ ہیہ۔ وُلتشاونہٕ پیہ۔

انمنت دیو:۔ تس چھےٚ بوٚد ڈٲجمٕژ، نظر ڈٲجمٕژ، تٔہندی آثار تہٕ وۄسژار چھ وۄسپر ہتھ۔ توے تہِ چھُ بٔجہِ تہٕ پھٔراج ہوٚن پٔچھن ہٕندِ پٔن کوٚسنگن آمُت ہیٚنہٕ۔

سُربہِ متی:۔ مگر تس کُس دی اَسہِ پیٚٹھ حملہٕ کرُنک مشورٕ تہٕ کیٚازِ؟

انمنت دیو:۔ جِندوراج چھُکھ بٲندی وارہٕ مٔنزٕ ترٛوومُت یلہٕ۔ تس چھکھ مےٚ پیٚٹھ حملہٕ کرٕنۍ وُتہٕش دِژمٕژ۔

سُربہِ متی:۔ بِمو پیٚٹھ نو اَتھو روٚچھ اَسہِ سُہ سَرٛدیہ! تس گرٛدھن یور واتنچہِ سارے وَتہٕ بند کرِنہٕ؟

انمنت دیو:۔ سُہ چھُ پیادٕ چھوکھ ہیٚتھ لوٚری کُن لِکان۔

سُربہِ متی:۔ مگر سون کلش دیوکرِنہٕ حملہٕ۔ سُہ آسہِ کانٛہہ ہُہم ہیٚتھ راجپوری کُن گژھان۔ نتہٕ ما آسِس کانٛسہِ ڈٲمرِ سٕتۍ بغاوت ختم کرٕنۍ!

انمنت دیو:۔ یہِ چھِنہٕ قیاس کرٕنۍ کانٛہہ گرٕ۔ وُنۍ اوس راژِ دانہِ پیٚٹھ سوٚربہِ چندر آمُت تمی وُنۍ سارے شیچھ۔ کلش چھُ کمپن سینا ہیٚتھ لِکان۔ لوٚزتھ؟ یہ کرِ لوٚد! یہ نیٚر پانہٕ! یتھ نیٚاس گرٛھہ دوہ لۍ سپدن کانٛہہ فاصلہٕ۔

"سُہ ہوان واپس اَندر اَژُن۔ ہیر کھسان۔
ڈٲم ڈُہچ آواز تیران"۔

سُربہِ متی:۔ ٹھہرِ و! اَمہِ برونٛہہ زِ لوٚہ ہنیٚر دپانہٕ لیوٚد لوٚمکایہِ۔ یہ

کروٚواکھ وٕہنتی ۔

"اننت دیلو ٹھہران تہٕ پتہٕ پوٚت پھیران"

اننت دیلو :۔ کوٚسہٕ وٕہنتی ! چانہٕ وٕنی تیوٗ وانہٕ لۄوٗس بہٕ وہہ کھینس !!

سُریہِ متی :۔ میٚتے وار آسہٕ ہے بُتہٕ دِمہٕ ہا وچھس چاکھ مگر کرکیا آج ہے

چھس ! بہٕ چھس وہکھُت درمہٕ سنکٹس آہشر ہینہٕ ۔

اننت دیلو :۔ کلش وانہٕ سینا ہیچھ یود کرنہٕ لیوٗری تہٕ ژٕ روزکھ درمہٕ سنکٹس

منز ۔ خبر کتی نیتہٕ ہُدی مُنش مرن تہٕ ژٕ روزکھ دھرمہٕ سنکٹس

منز ۔ دِجے کھیتر بنہٕ یود بھوٗمکا تہٕ ژٕ روزکھ دھرمہٕ سنکٹس منز ۔

سُریہِ متی :۔ اَدے رٔکی تہٕ چھم وٕہنتی ژٕ ۔۔۔۔

اننت دیلو :۔ وٕنی تی آسہم ژٕ بہٕ گژھہٕ کلش دیوس پوشہٕ مالہٕ تراوٕنہٕ ہتہٕ نیرن

سُریہِ متی :۔ نہٕ ! نہٕ !! تہٕ چھنہٕ میٚ وُنُن ۔ مگر میٚ دپو توہی کمہٕ تہٕ کرنہٕ ۔۔۔

اننت دیلو :۔ وَن ، کیا چھے وَنُن ؟

سُریہِ متی :۔ توہہِ پیز کلش دیلو لیوٗری اَنُن بُلاوِتھ تہٕ تس پانہٕ پیٚر ژُھن ۔

یِمن حماقتن ہُند کارن ۔

اننت دیلو :۔ ہرگز نہٕ ! بہٕ چھس نہٕ وٕوٕنی تس پوتر نظرِ وچھتھ کانہہ تہٕ

سمجھوتہٕ کرنس ییتھ تیار ۔ وٕنی گژھہٕ فاصلہٕ سپدُن

سُریہِ متی :۔ کیا چھو وَنان ، توہی چھونا تس پوتر نظرِ وچھان ۔ سہ چھناہ

سون سنتان ؟

اننت دیو :- شاید نہ کینٛہہ

سُریہ متی :- تیٚلہٕ تِلو تلوارٕ تہٕ گرٕ ژھوگرٕ لوٗن پہنٛزٕ نین نیٚبرن تل پیٚنہٕ نوٚ اکھو وَد۔ مگر گوڈٕ تلیو نو٘م پنیٚن زٕ اچھ تہٕ دپو مےٚ ہٹس چیر پیٚھ بران ہرنم پیٚنی نس ـــ "اننت دیاولن اَتھہٕ تلان"

اننت دیو :- "تھیٚہ تراوان" سنتان چھِس کانپھان، بُجرس منٛز سوکھ واتنہٕ موکہ مرتھ پوس تارالگہٕ موکھ، ولہٕ شنہٕ بوٗنس منٛز جاے پراوٕنہٕ بہٕ کہٕ مگرا می نالا یقین تھوٗوس نہٕ یہ کانٛہہ بُتھ دیُن لایق۔ زِنٛد زٕ بہٕ مرتھ کُس شیٖچار واتناو؟

سُریہ متی :- مگر کلش دیو اُنیوٗن تھی بُلاوِتھ۔ بہٕ زٕ تس پانہٕ!

اننت دیو :- بہٕ چھُنہٕ پہٕ تر دود ملہٕ ناوُخ وِز۔ مےٚ چھُ پنٛہٕ نین سارِنے بلہٕ وپرن یہ دلو مکاپہٕ منٛز گرٕ ھنگ آدیش دیُت مُت۔ مےٚ چھُ از پانٔی زبانہٕ نیٚبرے اَنٛد واتناوُن۔ بہٕ نیٚر پانہٕ۔ "شہ اَژان اَنٛدر"

سُریہ متی :- ناتھ! اَز لوٗزِو میانٔز وہنتی؟ لوٗزِو ـــ

"سو لیوان تہٕ کلہٕ تراوان، ہیر پاوہن، کینٛشرن بر شنٛزہن
روزان ژھوہ پہٕ پتہٕ اَژِ ہِف کورس بنیہ اندر۔"

زیٹھ برہمن :- اِوتاہ دوتاہن زن چھےٚ زلو بجیٚر تالس تہٕ اُچھن زن چھکھ اوٗبرُ ٹھرِ بہتھ۔

دوٗیم برہمن :- یتہ ریشی وارِکُن وُچھنس زنتہ چھُ تموٚ پرن کوٚرمُت۔ کرُن گوژھہ کانہہ تیٚشہٕ وُدہ پلے یتھ زِتم سپدہن راضی۔

ترٛیٚیم برہمن :۔ راجماتا! اگر و منٛہ منٛز کلیش دوٗر تہٕ ہناہ تھاوٕو ہر دہس منٛز

در ہیرٕتہ شانتی۔

"سُریہ متی وارٕ وارٕ پھیرِتھ تھوٚڈ ووتھان"

سُریہ متی :۔ کوٚسہٕ راجماتا! اگر ژٕھ راجماتا! مےٚ ہہ وٕلو راجماتا!!! بٕہ کوٚس

چھس ووٚنی تمہِ یوگ۔ یُس نٕہ ییٚنٛ ٲژ کانٛہہ ولقار تھوٚ!

یُس ییٚنٛ کُنٛ سنتان نیرِ بُتھی پھیٚشرُ!! ییٚمہِ راجبُت آسہٕ ترووُمت

!!! یوسہٕ وانٛگجٕ بٕنٛتھ آسہٕ درمہٕ ستھانس ہیمٕھ دوہہ گزٕاری گران تس

ہہ وٕلو راجماتا!!!

زیٚٹھ برہمن :۔ ماتا! اگر مہ ٲنس کُس ووت؟ وٚق گوٚ پھیرِتھ تہٕ مےٚ چھ باسان

یتھ دیشس چھ کُس تام شُند پاپ وارٕ مالہ ہٕندی پآٹھی گٕتھ کران

سُریہ متی :۔ کُس چھ سہ پاپی؟ کیاہ چھ تمی شُند پاپھ؟ کیا چھ سہ پاپ ییٚمہِ سآنس

تھٕدرِس ناوس رب مٔترھ؟

باقے کورس اژان اَندر ہکہ۔

کورس :۔ راجماتا۔ راجماتا!!!

ژوٗرِیم برہمن :۔ راجماتا! کیا ہتام اَشبھ چھ ہنہٕ وُن!

سُریہ متی :۔ کیاہ؟ کتھ ہیٚٹھ؟

پونٛژیُم برہمن :۔ ژکر دھرمندرس منٛز چھ زیٚٹھ پارشدی برہمن باوٕرٕ گومُت۔

سُریہ متی :۔ کُس؟ زیٚٹھ پارشُدی برہمن چھا باوٕرٕ گومُت۔

شیٚییم برہمن :۔ ماتا! سہ چھ گنٛ واکھ تہٕ وژُن لہٕ لہٕٹہ ونان گرٛھان!!

سُریہٕ متی :۔ کیا چھُ وَنان ؟

ژوٗرِیُم برہمن :۔ زرازٕ کو لکہٕ وِہناشُک گوڑ دوہ آسِہ لیگاہ !!!

سُریہٕ متی :۔ کیا چھُ لِکان ! اَناپ شناپ وَنان۔ یاوٕ رٕ برہمن ! ۔۔ بہٕ ۔۔ بہٕ ۔۔ دِمہٕ نہٕ یہٕ وِہناش سپدنہٕ ! ہرگز نہٕ !! بہٕ دِمہٕ نہٕ ڈوٗمبس تہٕ ڈیکس منز لوٗد سپدنہٕ۔

ژیُٹھ برہمن :۔ پاپن لوٗگ پوچھرٕ تہٕ بار گوٚ گوٚب ! ہی وجیشورٕ ! سنکیہٕ ژالہ منز کرٕن منوش !!

سُریہٕ متی :۔ پاپ ۔ پاپ ۔ پاپ !! توہی کوٚ نہٕ چھوٚ نٕسرِتھ وَنان۔ کُس پاپ ؟ کمُی سُند پاپ چھُ تیوٗت لوٗڈ ییتھ نہٕ نوارن سپدِ ؟ ییتھ نہٕ پرایاچھِتھ سپدِ۔ ؟

شیٚیِم برہمن :۔ کینہٕ پاپ چھِ تِم یِم نہٕ پرایاچِتو ستی چھلنہٕ ین تہٕ یِم نہٕ تیرتھن تہٕ استھاپنن گژھنہٕ دوٗر سپدان۔

دوٚیِم برہمن :۔ تِم پاپھ ییٚن ہِنٛد کوٚ پربھاو رازٕ گرن تہٕ پرٕزا زِن ییٚچھ چھُ ٹاکارٕ ہیوان۔ رٕتین رٕتہن تیہٕ رٕیشن تہٕ مُنی زِن ہِنٛدِ سیوایہٕ تہٕ پاد چھلنہٕ تہٕ چھِنہٕ تِہِنٛد کوٚ پربھاو ژلان۔

سُریہٕ متی :۔ تیٚلہٕ یہٕ باوی آسِہ تِتھ کُس ہیٚکہٕ رُکاوِتھ ؟

پوٚنٛژیُم برہمن :۔ پارٕشدی برہمن سُند باوٕ رٕ گژھِتھ کوٚ کیٚھ موکھ منز وَنہٕ تہٕ چھِنہٕ بے معانے۔

سُریہ متی :۔ رِتم چھےٚ بے معنی۔ مُتہٕ کینٛہہ، باورٕ واکھ!!! بہٕ۔ بہٕ دِمہٕ ہٕ پننہِ راژٕ کوٚد لکُ ناش سیٚد ہٕ لوٗ تام۔ یوٗ تام بہٕ زِندٕ چھس۔

"برہمن گژھان بیٚمہ ہٕ پیٚتہٕ اَکہِ اکہِ نیٖران"

کورس :۔ ژٕ کرد ھر سأمی کرِن راۓ چھی

رازس ہٕ پژٕ زا ییے

وجیشور سأمی کرِن راۓ چھی

رازس ہٕ پژٕ زا ییے

"ڈُم ڈُہچ آواز وو تلان ہٕ کھپر بوٗپ اژان

نیٖبر پیٚٹھٕ اَندر"۔

سُریہِ متی :۔ کُس ؟ کھپر بوٗپ! ژٕ کمہِ پژٕ یوزٕ ہٕ آکھ یور ؟

کھپر بوٗپ :۔ راجماتا! ۔۔۔ کیٛاوٕ ہٕ ؟ مہاراج کلش دیلون چھہ سأنہِ سینا، ہیٚتھ وجیشورس پیٚٹھ حملہ کرٕ ہٕ موکھٕ اُدٕ نیٚتہٕ پورٕ پیٚنُ پرٛاد

تروٗ وُمت !!

سُریہِ متی :۔ اچھا ؟۔۔۔ تس چھا پُرٕ زی پأٹھی مأ لس پیٚٹھ حملہ کرنُک اِرادٕ ؟

کھپر بوٗپ :۔ ماتا! سُہ چھہ اَمی پر یوزٕ ہٕ ہٕنی سنگی۔ سأتھی ہٕ راجپوژٕ ش ہیٚتھ راژٕ دانہٕ پیٚٹھٕ دراُمت۔

سُریہ متی :۔ تس کأژاہ سینا چھےٚ ستی ؟

کھپر بوٗپ :۔ ماتا! سُہ ہیکہِ ہٕ کُنےٚ رِکُ پأٹھی سون مُقابلہ کرِتھ۔ وو ہٕ گوٚ تس آسہِ کُنہِ ژھلہٕ بلہٕ حملہٕ کرنُک ارادٕ۔ مختلف طرفا تو کہی۔

سُریہ متی :- ژٕ یٚے کمی باوٕ ے یہِ شیٚچھی۔

کھیر بوٗپ :- ماتا! میانہِ موہنوی آیہ وُنی نو نگر وُڈار پیٹھ میٚے یہ شیٚچھی ہیتھ
وُنی کین چھہ سانہِ طرفکی ڈامر۔ تہنٛد سپاہ تہٕ بلہٕ ویر۔ وِجے
کھیترس ہُنٛز سماں۔ میٚے چھہ ہنٛنی موہنوی تہٕ گُپت ژٕر وِجے
کھیترس ژٕرو پارٕ ی تھاوِی متی۔ یٚیمہ تہٕ طرفہ اسہِ پیٹھ سپید
حملہٕ تمہِ طرفکی راچھدر آئن شیٚچھی۔

سُریہ متی :- کُلش دیوس کر آسہِ حملہٕ کرنک اِرادٕ؟

کھیر بوٗپ :- تمی سٕنز و تیار یوتلہٕ چھہ ننان ژٕ کرِ پگاہ پراتاکالہٕ پیتہٕ
کُنہٕ وِزِ کُنہ تہٕ طرفہ حملہٕ۔

سُریہ متی :- ہٕ۔ تہٕ۔ ہٕ۔ بہٕ دِمہ نہٕ تس حملہٕ کرنہٕ۔ کھیر بوٗپ! یہِ
حملہٕ گژھہِ نہٕ سپدُن۔ یہِ یوٗد گژھہِ ہٕ سپدُن!

کھیر بوٗپ :- ماتا! اَتھ کُس ہیکہِ رُکاوِتھ؟ یوٗدوٕ ے رانہِ اننت دیون
ہنٛز اِرادٕ آسہِ بدلوٗمُت ـــ سوٗ گیہِ وکھر کیتھ۔

سُریہ متی :- بہٕ بدلاوٕ یہِ ـ بہٕ بدلاوٕ یہِ ـــ بہٕ دِمہ نہٕ کولک وِناش سپدنہٕ
یہِ یوٗد لیلا گژھہِ نہٕ سپدنی۔

"سوٗ ہیکہ، ژان اندر اَژنہٕ موکھ ہیر پاوِن کُن
گژھن اوٕ رٕ نیران اننت دیو صلح پارِتھ ننگہٕ تلوار
اَنفس کیتھ ہیتھ۔"

سُریہ متی :- ساٗمی! کُلش چھہ سینا ہیتھ اوٗنتی پوٗرٕ ہنٛز پراو ترٛوومُت۔ یوٗدوٕ ے

توہی میاٚنٛ ونتی کرٕو قبول یہِ یوٗد ہیٚکہِ رُکھٕہ۔

اننت دیو:۔ ژٕ چھکھ ناڈلیشان ـــ بہٕ چھُس صلح یاٚرِتھ۔ یوٗد ویرٕ شندِس رٕکھس منٛز۔

سُریہِ متی:۔ مگر بہٕ چھس ییہِ نِس ساٚمیس تہٕ کلشس سٕندِس ماٚلس پرار تھنا کران۔

اننت دیو:۔ تیٚلہِ گژھہِ یہِ یوٗد سپدُن۔ ٹکیاز اُکس راج تیاٚگی ماٚلس بیہتھ چھُ تمی سُند یوتھر حملہٕ کران۔ تس چھےٚ خبر زِ شاید میٚ ماچھ ہُتی یار تہٕ تیاٚگ متی۔

سُریہِ متی:۔ ماٚلس تہٕ پوترس منٛز یوٗد سپدنک انجام کیٛاہ آسہِ؟

اننت دیو:۔ دوٗ یوٗ منٛز زینہِ اکھ تہٕ اکھ ہارِ۔ پرٛتھ یوٗدُک انجام چھُ یِی آسان۔

سُریہِ متی:۔ تہٕ یمن دون منٛز آسہِ اکھ میٚون ڈوٗمب تہٕ بیاکھ ڈیکہٕ۔

اننت دیو:۔ وُنی کینس ییٚلہِ یوٗدکرنُک فاٚصلہٕ سپُد ژیٚنے ییزی پوترس ہاے ترٛاوٕنی۔

سُریہِ متی:۔ زہِ یوٗ سٕتی یہِ ونٕن چھُ سہل مگر ہردے کیا چھُ ونان تہٕ چھےٚ میٚ خبر۔

اننت دیو:۔ بہر حال بہٕ ہیٚکہ نہٕ یوٗت کھیرِتھ۔

سُریہِ متی:۔ توہی چھِو منٛتران زِ لکھ کمہٕ کمہٕ کرن۔ یوٗد وے راز گرن منٛز ییٚرِتھ دشا روزِ تیٚلہِ کیٛا سپدِ پرٛزایہِ ہندِ بن گرن منٛز

کُس کرِ ماٹلس تہٕ پوترٕ سندِس رٕشتس ہیٚڈ پٔژھ۔ کوٚسہِ مثال
رٕوزِ لۄکن زیوٗ ہیٚڈ؟ یِ زِ ماٹلِ پوترن نہٕ رُوٗد ہشر نہٕ رٕوزٕ کھ
کُنہِ کیٛتھ۔ ساٹمی! ایوٗ دکرِنس گژھِ کانہہ کارن آسُن۔

اننت دیو :۔ کارن! بہٕ چھُس تہٕ اکارن پننیٚ، جیاٚز تہٕ وِجیشورکین بکیٚنن شٕزر
رٕکھیا کرنہِ گژھان۔ یوٚد وے بہٕ یود سپدٕ نہٕ چون لالہ ہیوٚل۔ کشیر
مُنڈلُک راز کرِیتھ وِجیشورس لورٕ پار۔ پتہٕ کیا تھوٗن لکھ یاد؟
یہٕ زِ کلشس دیون کوٚر وِجیشورس ہیٚڈ حملہٕ تہٕ اننت دیو. ہیوٚڈ نرزنگہ
وُٹھتھ سُریہ متی ستی کتھا سرِت ساگر پران !!

سُریہ متی :۔ یہِ کُس سمے چھُ توہیہ دیوٚمتے کتھا ساگر پرٕنچھ پامہ۔ میانی چھوٚ
کُنی وہ نتی زِ مٔتے دیو توہی وعدٕ زِ توہی گرِو نہٕ کلشس ہیٚڈ حملہٕ؟

اننت دیو :۔ واہ! واہ!! جوان نیٚچوی سٔنز زندگی چھےٚ ٹاٹھ تہٕ میانہِ بجُرک
چھےٚ نہٕ پرواے !!

سُریہ متی :۔ توہی چھوٚ میانہِ کیتھِ نوقطٕ ژھاران تہٕ کیٚنہہ کڈان۔ بہٕ چھس
گاڈِہٕندر پاٹھی تلنہ لوان تہٕ توہی چھوم ہٕنزِ کران۔ میون ساٹمی
تہٕ پوتر کرِ پانہٕ واٹز ہرِ تہٕ بہٕ روزاہ اتھ زِ ڈیٚتھ تماشہِ وُچھان؟

اننت دیو :۔ کھیر لوٗپ! توہی کیتھ پاٹھی چھوٚ آیتی۔

کھیر لوٗپ :۔ راژن! بہٕ اوسُس یہِ تیٚتھی یاد نہٕ آمُت زِ مہاراج کلش دیون چھُ
ہیٚن سِراداوٗنتی بلورٕ ترٚوومُت۔ جندوراج چھُ وِیشوکُنی دِژامُت۔
تمن آسہِ کُنہ ژھلہِ بلہِ حملہٕ کرُنک اراد ـــــــ ممکن

چھُ تم گرن لگاہ پراتاکالہٕ پتہٕ کُنہٕ وِزِ پتہٕ یاکُنہٕ دوہہ پتہٕ حملہٕ۔

انںت دیلو:۔ ٹھیک چھُ۔ توہیہِ نیرو پتہٕ وِ جے کھیترکِس پٔرتھ طرفس تھٲوِ ٹوکھ ہُشیار موہنوی یتھ زن تم سمیس پیٹھ حملہٕ سپدنہٕ نِشہِ ٹھی اَنن۔

کھیر لوپ:۔ ریتھا آگئیا مہاراج !! "نیران"

سُریہ متی:۔ ڈلِو! توہیہِ دیلوٗ مےٚ وعدٕ زِ توہیہِ کرِوہ نہٕ کلشس دیلوس پیٹھ حملہٕ؟

انںت دیلو:۔ لیو دلوٗ مکابہٕ منزٕ کیا حالات روزن۔ کیا خبر؟ یہٕ کیتھ کٔنہٕ ہیکہٕ یہٕ وعدٕ دِتھ۔

سُریہ متی:۔ مےٚ چھےٚ پوٗر پٔزھ۔ کلشس کرِوہ توہیہِ پیٹھ حملہٕ۔

انںت دیلو:۔ سُہ پتہٕ پانہٕ زور آزماو پتہٕ مگر جِندو راج کتھ پیٹھ چھُ دٔر امُت سیناہس؟ شاہ کوہلکی راج لوٗتھر کیتھ کٔنہٕ چھس ستی؟

سُریہ متی:۔ تم پراوٕن کو کرِ من ہُند کھل۔ لوٗدو دیتو سہ پتہٕ کلشس منزٕ لوٗ دو سپد ساری بہت تماشہٕ گیرہوی وُچھنہٕ پتہٕ زکھتھ کیا وہ؟ کتی مرن اکاک؟ ایمبسرت؟ پتہٕ کتی گٔرِھن چھوکہٕ لد؟ کُس ناد روزِ سون پیٹھ دشیس منزٕ؟

انںت دیلو:۔ رِتِھ فکر پیٚنہٕ ہے کرِ کلشس پیُٹھ کُشیر ہُند راز نہٕ چھُ۔ پتہٕ کرِ تُہیٚ یا مےٚ؟

سُریہ متی:۔ تس چھکھ ڈاٹھ منٛز لوٗ دپتہٕ کیا کرو!! تس چھےٚ اُنٛدرٕ کھورا کھیس آستی بارس! ڈلِو! توہیہِ دیلوٗ لگاہ سرِی لوسنس تام کلشس پیٹھ حملہٕ نہٕ کرنک وعدٕ؟ یہ سوٗز تس نِشہِ ٹھی! مےٚ چھُ بھروسہ یہٕ لوٗ دسپدِ نہٕ !!!

انںت دیلو:۔ مےٚ اَتس اَتِش۔ پزٕ آسکہ رتن دیپ تھال ہیتھ میانی آرتی آلونہٕ خاطرٕ دارس پیٹھ تیار۔ مگر پنٛنہٕ پتُر ورت دھرم منٛزٕ تھ چھکھ پتہٕ پوتر پٔنٛزٕ طرفدآری کران۔

سُریہ متی:۔ دھرم پتہٕ سنکٹس منزٕ آستھ چھس پتہٕ شوب پٔزھان پتہٕ توہیہِ دوشوٕنی ہُند آے کاپھان۔ پہٕ کموٗ منٛز لوکدٕ ہیہٕنز آلتھ پتہٕ پیٚزٕنہٕ پوتر سُند

مرُن۔ بہٕ پیمو پادن میٲنؠ وہنتی کرٕ و سولیکاہ۔

"سو پادن پوان"

اننت دیلو :۔ ٹھیک چھُ ! بہٕ چھُس وعدٕ دِوان بہٕ کرٕ نہٕ کلشس پیٹھ حملہ مگر۔

"ہکہٕ سُریہ متی تھوٗد وٕتھان"

سریہ متی :۔ مگر کیا؟

اننت دیلو :۔ یوٗد وے تمہی تورٕ ستے پیٹھ حملہ کوٗر بہٕ ہکہٕ نہٕ بیتھ رٕ وزِتھ!

"نیران"

سُریہ متی :۔ سٲمی!!! اے۔۔۔ واے!۔۔۔ میون ہوٗہ مہ گژھن کٲنسہ؟

اکہ طرفہٕ چھُ میون سٲمی ستے پانسہٕ دِوان۔ دوش دِوان۔ ہزل کران تہٕ دوٗیمہٕ طرفہٕ میون کُن پوتھر میٲنس شیر تاجس حملس لوان۔ کس ڈرِس ہیکہٕ ونِتھ شوٗہر دوٗر؟ کیاہ کیاہ چھُم تمو پاٲلی اُچھو وُچھن؟ دوشوے اندو آیس ہیٚنہٕ! اکیاہ کرٕ۔۔۔ مے ہیٚیہٕ کلش دیوس سوزنی شیٚچھ! سُہ گژھہٕ نہٕ حملہ کرُن! تس کمیچ کمی چھسے؟ تس کُس بے چھُ؟ سول ماج چھس بیتھ استھانس مغز بجر کی دوہ کڈان۔ افسوس! تس کوٚ وٕ اسنا گنڈٕ ڈن۔۔۔

بہٕ سوزس شیٚچھ۔ پپن۔ یم برہمن۔

"سُہ بیٚہان پادن پیٹھ تہٕ اورٕ اتٕان برہمن ہند کورُس"

"سو تھوٗد وٕتھان"

سوٗریہ متی :۔ اے گاٹلی برہمنو! مے چھِ تو ہہ پیٹھ دِرڈ پروہ! تہندِس گاٹہٕ جارس تہٕ کیتھ

ہندِس واتہٕ نادٕرس پیٹھ پٔژھ۔ مےٚ چھُ پورٕ وِشواس زِ توٚہۍ اَلو
میانٕ اَتھہٕ کام سٔہٹاینک پتی سان باطل۔

زٕیٹھ برہمن:۔ ماتا! پٔژھ چھےٚ برہمن ہندِس کرس تہٕ وآنی پیٹھ یوسہٕ کام
توٚہۍ سآنپوسہٕ اَلوانجام یوٚدوے تتھ منٛز دلیشک تہٕ دھرنک
شوٗب آسہٕ۔

سُریہ متی:۔ توہۍ چھو برہمن ہندی زِٹھی! یوسہٕ کام بہٕ توہہ سآنپہ تتھ منز
چھُ سیٹھہٕ دیُٹک تہٕ راہٕ گرُک شوٗب۔ پزرایہٕ ہُند شوٗب۔

دوٚیُم برہمن:۔ تیٚلہٕ آسہٕ یہٕ سانٛز باگیہ تانٛ یوٚدوے توہۍ آسہٕ پٔژھ کامہٕ کام
انجام اَتہٕ نس یوگہٕ زآلو!

سُریہ متی:۔ اَے برہمنو! توہۍ نٕیرِ وودی گرٕپن کیتھ اوٗشی پور۔ کُنہ جایہ
گرِی زپو نہٕ ٹھہراو!! تہٕ ڈٕلو میانٛز شیٖچھہ کلش دیوس۔

ترٛیٚیم برہمن:۔ ماتا! اَسہٕ کیا آسہٕ تس وَنُن؟

سُریہ متی:۔ وٕنیوس ـــ اَے کلش دیلو!! اِژ روٚ چھکھ مآلی ماجہ سیٹھی دوہ
خاطرٕ؟ یتھ زِن ژٕ ہمن دِکھ نہٕ بجٕہ کر دوہ سوکھ سان کڈنہٕ؟
وٕنیوس ـــ اَے کلش دیلو!!! چانٛز راہ بوڈ. کیتھ ہیتھ چھےٚ
ڈٕ جمہٕ؟ کیتھ پیٹھ چھکھ پانٛز پانس اَندی اَندی چاہ کھنان؟ کیتھ
پیٹھ چھکھ مُرکھ پونٕیرِ ہندی پاکھٹی مآلی ہندِس کرو وِ اَگنس
منٛز دزنہٕ یوان۔

ڈُنیوس — اُے کُلش دیو!!! چھےنا خبر چیاڑ بلہٕ وپہر پتاہن کیتھ کنہٕ کُرِ پننہٕ دُشمن یودن منز ختم ؟ یاد تھاو یُس کروڈ وِرِژ ناپہٕ تسہٕ ہیوٚہ چھ تیتران یودوے اکہِ لبہٕ گُرس کھوٚت تہٕ یوٚدکھ شنکھ وایہِ — تیلہِ کُس کرِ چیاڑ تہٕ چانہِ سپاہ چھوکہٕ منز رکھیا ؟

ڈُنیوس — اے کُلش دیو! ترٕ کٲتیاہ پیٲدٕ ہیتہ۔ کٲتیاہ رتھہٕ تہٕ رٕتھی ہیتہ — کٲتیاہ ہسی تہٕ نیزٕ بردار ہیتہ۔ کاتیاہ گُرِ سوار ہیتہ چھکھ بلہٕ وپہر مٲلس ستی لوٚدس یوان۔

میانہِ طرفہٕ ڈُنیوس — اُے پوٚتر! اگر ژٕ چھاو راجتینگ الیشوری ژہیے مٲلِ پانہٕ راج سوٚنپِمُت چھُے تہٕ دولکھ ہیتہٕ چھُے مٲلِ سُند بے ؟ مول چھُے ہیتہ وِبیشور استھاپنس منز بجر کِرِ دوہ کڈان تہٕ ژہیے کُس دوکھ ووتے ؟

ڈُنیوس — اُے کُلش دیو!! رٕم ہم ژہیے تہٕ چانِس مٲلس درمیان پھاسی چھ تراوان، گژھن پاڑ پانہٕ ختم ۔ یگر یعد وے ژٕ تہنزن کھتن تہٕ ژوٚین ہندہِ شکار سپدِ لوکھ ژتے سپدی ناش !!!

لہٰذا اُے پوٚتر! اگر ژٕ راز دانہٕ والیس ؟ پھِرکھ سپاہ تہٕ سینا پوٚت۔ تہٕ گژھ یوٚ تام چانِ مٲجی سُریہ متی چھُے زِندہ توٚتام وانی نہٕ مٲلِ ہسندہ ڈُسی کانہہ انداز۔ بلکہِ یوٚدوے تنگی پننہٕ سادھارن دھرماتما پُرِش مول کرن پننہٕ نو پہٕ تہو کرمو تہٕ ووٚن تو ستی خوش !!!

برہمن :- ماتا! یوٚدوے شہ یہٕ کرِ قبول اُسی مالو آگاہ شکِن دِوتاہن ہند احسان

سُریہِ متی :۔ شہ کرِ یہِ ضرور قبول ۔ اَتھ منز چھ تمی سُند کلیان ۔ آخر کیتھ
ہیٚکہ کرِتھ بینہٕ وہناشُک سنز !!

برہمن :۔ تیٚلہِ نیرَو اُسی تہٕ اَلوٚ یہِ کامہ انجام ۔ اُسی اَلوٚ یہِ کام انجام
راتہٕ تہٕ پٔرزا روٗزِن سوٚکھی !!

سُریہِ متی :۔ وجیشور ساٗمی کرِن تھٲنز رکھیا ! یوٚتام توٚہی یِتہٕ ژشیٚچھی ہیتھ
واپس ، پھیرِو نہٕ ـــ بہٕ روزٕ بیٚٹھی جایہِ نِراہار ـــ
پراران ـ پرران ۔ پراران ۔

برہمن نیران تہٕ سُریہِ متی مُدے گنڈِتھ دوٗر
وُچھان تہٕ پتہٕ واپہٕ واپہٕ پھِر بیہان ۔

## گوڈنیُک ژھین

گوڈنِکس حِصس منز ہیٚتھ مہاراٗنی سوٗریہِ متی چھ آسان بہتہٕ تہٕ
نس چھ زیُٹھ برہمن کلہٕ نوٚمراوِتھ آسان ۔ زنتہٕ چھ دیس کُن تمیٚہنِد
گاش زالن وٲلی چھ تایہ کی ژانگی زالنہٕ اَژان ۔ تمن پتہٕ اَژان
برہمن ہُند کورس ۔ زیُٹھ برہمن چھ کینہہ کالہٕ پتہٕ تمن ہیتی رلان ۔
یِم ساٗری چھ متابق ہِندِ موکھ مطابق جایہِ بدلان ۔

روزان۔ کینہہ کالاہ ژھو پہ روزنہ پتہ چھ زٕیُٹھ برہمن اکھ پننہ کلہ تھوِدتاہتھ بلاپتے برہمن ستی ژلتھ پننہِ مقالہ وَنان ژانگی زالن والی چھ اندرکُن اژان

زٕیُٹھ برہمن:۔ ہی وِجیشور سوامی!!! گاشہ راوُن! اگہ منز پھوٚلمُت زُگُتھ گاشہ راوُن یُتھ زن لکن مُنک کرِ ہنیار تہ اُچھن ہنز ژھانپھ ژلہِ۔ ہکہ ژلہِ۔

دوٚیُم برہمن:۔ گاشہ راوُن وِجیشورک اوٚند پوٚکھ۔ گاشہ راوُن کشیرِ منڈل یُتھ زن کوکرمی پھٹتھ نیرن نُنی تہ ژلن وَنن کُن۔

تریٚیُم برہمن:۔ نہ تہ گلن شیپنہ ماہنن تل، نہ تہ روزن ژھیپھ دِتھ ژوٚرِ گوپھن تہ غارن منز۔

ژوٗریُم برہمن:۔ تمن کیاہ کرِ گاش تہ گٹہ یمہِ ہند مدعا آدمی رتس باپار کرُن چھُ۔؟ یمہِ ہند مدعا گرن ہنز شانتی بھنگ کرنہ تہ باژن منز پھاس تراوُن چھُ؟

پوٗنژیُم برہمن:۔ یہنز کام پژزایہِ چھلہ چانگر کرُن چھے۔ پرتھ طرفہ خوف تہ بے تعاوُن چھُ۔ لوکن نیٚبر نیرنس کامن کرنہ چھے۔ تمن کیاہ کرِ گاش!!

گوڈنیُک برہمن:۔ وُنہ گیہ صرف رِتھ، پچھا تہ کینہہ دوہ ییلہ گلش دِلوسینا ہتھ اوٚنتی پور یِیتھ راز دانہ کُن واپس پھیرے لوٚو۔

دوٚیُم برہمن:۔ تکیازِ اسی کرِ ہیہ رازہ گلش دِلوس، رازہ ماتاسُر یہ ستی ہنز ولہ زاٚری تہ ممتایہ ہنز باوتھ تہ سہ پھیرِ لوٚو پوٚت۔ اسہ کرے لوٚو دِلوی دوتاہن ہند شانتی پاٹھ۔ اسہ زانے لوٚو زووت ماتالی لوٚترن ہند نیلے اند۔

تریٚیُم برہمن:۔ لوٚو دِسِد لوٚو نہ کینہہ۔ رازانت دِلون تہ رازہ ماتاسُر یہ ستی زانیو زووُد کدھن زندگی ہند یتم دوہ پوزا پاٹھ کران سوکھ سان۔

ژوٗریُم برہمن:۔ مگر تمن کتہ آو خوش۔ یم رازہ گلش دِلوس لوٚو چھ ڈالان تمن چھے رازہ گرٕ تح خوشحالی اَچھی کرٕ۔ مالِس تہ پوٚترس منز کُنہ کتھ آسنہ تہ اَچھی کرٕ۔

پوشتریُم برہمن :- راژٕ گرس منتر سمہٕ ژار- دھرمہٕ سنسکارن کُن پرورتھ تہٕ پرژاہ ہنٛد سوکھ ہرآنی کار کرنٕ اُچھو کنٹر۔ بھوے اُچھی کرُٹ نیر ہے راژٕ گرٕک نیائے وایہِ ہے آند۔ لوُکن ژلہِ ہے وودٕ آسی بدحالی تہٕ بے

اکیُم برہمن :- پرژا لبہِ ہے سوکھ تہٕ شانتی۔ گرِ ٹاپن ہُند صدا لوُزنہٕ تھاو ہَن تہٕ لگھ دوہلی دارِ ہر تروٕ پرتھ۔

دوٕیُم برہمن :- کوتاہ مشکل! کوتاہ مشکل چھُ ویر گالُن۔ یتھ کُنہِ اِنسومُت بلو چھُنہٕ ڈیبہٕ دی دی تہٕ لوان، تتھے کنہِ چھُنہٕ شوٗترتھ اکہِ لٹہٕ ووٗتلِتھ یتھ گنڈِ و، گھڑ جوڑو تہٕ سمجھوتو ڈسی تہٕ پایہٕ دوٗر روزان۔

ترٕییُم برہمن :- پرانین زخمن تہٕ چھوکن چھ ابلوٗنے کرِ آلی تلنہٕ یوان۔ تہٕ کیانژ پردیشکی راژٕ کمار چھ کشمیر منڈلس ہینٛز سالگاہ، شکارگاہ تہٕ آرامگاہ مانتھ راجیئت یژھان چھاوُن۔

ژوٗرُیم برہمن :- یہ تہن تہٕ نیک منوشن چھ آنان تنگ۔ یم منوش تہٕ بلہٕ ویر یم راژٕ اننت دیوٕ نہ طرفہٕ دراے یود کرنہٕ لاگھ نانا پرکاری عذابن۔

پوٗنشریُم برہمن :- گوٗڑہ ناکانھہ پایا، ووپایایُن کرنہٕ یتھ زن یہ مُژکری بد ظونی تہٕ پھاس آند وایہِ ہے۔ راژٕ گرٕ روزِ ہے سوٗکھی۔ پرژا روزِہے سوکھی۔ تہٕ وپاری روزِہے دیش سوٗکھی!!!

"ساری برہمن پتہٕ اتہٕ وُلنس برس بتھ روزان"

اکیُم برہمن :- وُلہِ راژٕ اننت دیوٕ آسن وونی واپس پکان شران سندھیا

کرِتھ۔ ڈلو روزِو تامتھ لور کُن ہے وِجیشور سٲمی !!!

"کینٛہہ برٛنٛزی تہٕ ھو پہ پتہٕ ہتھ اَڈان انت دیلو۔
تس آسان پزٕ زٕلی ستی۔ اکھ چھیترٕ ہیتھ تہٕ بیاکھ
الم ہیتھ۔ یِم دوشوٕے مندورِ اَندر اَتہٕ ان راژٕ
انت دیلو برہمن ستی ہم کلام سپدان"!

سٲری برہمن:۔ راژٕ روزِن سۆکھی! پرٛزا روزِن سۆکھی!! دَے کٲرِن راژٕ
گرِیچ وِیاد تہٕ پرٛزا لگِن پتھ گرمن کُن۔

انت دیلو:۔ تی سپدِن! تِی سپدِن ہے وِجیشور سٲمی تِی سپدِن۔ ڈلو
کیا چھوٕ باوِنہٕ آمتی۔ یگیہ کرنُک کانٛہہ سنکلپ چھوٕ کوٗرمُت
کِنہٕ کُنہٕ یاترایہ کُن چھوٕ دراہتی۔

زیٹھ برہمن:۔ نٕرگت کلیانکی یگیہ کرِن۔ آہوتی ہُنی چھِ سانِہن نیٚتی کرِمن
منٛز اکھ۔ مگر راژٕن! اُسی چھِ اکِ شیٚتھ پتہٕ بیاکھ بد شیٚتھ لۆزی
لۆزی کانپان۔ بےٚ تہٕ ترٛاس کھوان۔

دوٚیُم برہمن:۔ مَن چھُ اشانت روزان۔ مندرَن تہٕ استھانن منٛز چھینہٕ
دِوے پراٗنہٕ شوٗبہٕ تہٕ اَنمانہٕ لگان۔

انت دیلو:۔ کارن؟

ترٛیُم برہمن:۔ لُکھ چھِ شاہ کوہ لکن راژٕ پوٚترن ہٕندی بد اَطوار وُچھتھ گرٛنیبر
نیرن زنتہٕ شاپھ مانان۔

ژوٗرِیُم برہمن:۔ دیان یاد شکیل کورِن چھِ مالِن ماجِن نش جبراً تُلان تہٕ کولہٕ

مریادن چھ بھنگ کران۔

پوشہ شیم برہمن:۔ راژ پوٗرش تہٕ قونونکۍ محافظ چھ پانہٕ اکھ ہتہٕ یا بییہ ہتہٕ پرزایہ تنگ انان۔ کوٗژھ ہہنہٕ دِنہٕ ورٲے چھینہٕ کانہہ کٲم اندان۔

اننت دیو:۔ کانہہ رُت پوٗرُش، بلہٕ ویر، دیشہٕ دھرمک رُت زانن وول چُھکھ ناکینہہ تہٕ ونان؟

برہمن زیٹھ:۔ بییلہٕ نہٕ وَنہٕ نس تہٕ کرنس منز ہشر آسہٕ۔ بییلہٕ نہٕ من رلن۔ دِہشرار رلن۔ بییلہٕ نہٕ کولہٕ ستکارن کُن پروٕرتھ آسہٕ بییہ کرتل تہٕ موکھس ہیٹھ دیہٕ ناو سورن آسہٕ۔ راژن مکاری ہندِس تیتھ زگتس منز کوسہ قدر تہٕ مول آسہٕ تہٕ تین بلہٕ ویرن گاٹلس تہٕ گیانس۔

" امی وِزِ چھے نیٖبرِ زنہٕ ودن باکہٕ گژھان
کینہہ زنانہٕ، مرد کریکہٕ دِوان دِوان اژان"۔

آواز:۔ ہا ماتا! ہا پِتا! ہا راژن!! ہا راژہٕ ماتا!!!

اکھ زٕنی:۔ اتیاچار راژن۔ اتیاچار!

اکھ مرد:۔ ہا۔ ہاکار راژن۔ ہاہاکار۔

" تمن چھ راژہٕ پوٗرش رٕ کاوان"

اننت دیو:۔ کُس چھ ہاہاکار کران۔ کُس چھ ونان؟ کس سُند اتیاچار؟ تراوِوُن اندر۔ کانہہ مہ رٕ ژاوِوُن۔

اکھ زُنی:۔ ہی پِتا۔ اسہ کیا کھمو؟ شرہن کیا دِمو؟

بیاکھ زُنی:۔ گاوُن، گُپن، پوشن کیا دِمو؟

مرد (۱) :- راژن اَسہِ چھِہ تران فِکرِ سون سوٲمی کُس چھُ؟ سون راژ
کُس چھُ؟

دوٚیُم مرد :- یوان چھُ اکھ تہٕ چھُ منگان راژہٕ گرِ موکھہٕ فصلک اکھ حصہٕ.
یوان چھُ بیاکھ تہٕ منگان استھاپن تہٕ اگر ہارِ موکھہٕ بیاکھ حصہٕ.
یوان ترییُم تہٕ ہیم بیہِ تہٕ تلوارِ دھارِ تل نوان کُچھِ خالی کرِتھ.

اکھ زنانہٕ :- یوان ژوٗریُم تہٕ کرِتل دارِ تل نوان ہٹیک تہٕ کُنگ سون کڈِتھ

اننت دیو :- مگر رتم کم چھُ.؟

اکھ مرد :- گرا یوان جیانسدِ نمو ہنوِ. بے ہیم ہاوِتھ ژلان جنس ہیتھ
یوان وراہ دیونِ موہنوِ تہٕ پلو دلو دِسہٕ پشمینہٕ ژلان ہیتھ.
زُوہار نشہِ بچنہٕ موکھہٕ چھِہ چارِ لگان سن ژیتھ ہمن حوالہ کرِنس.

اکھ زنانہٕ :- راژن! اَسی کیا کرو؟ اَسی کیا کھمو. کیتھ کُنی روزو زِندہٕ؟

بیاکھ مرد :- کیا کرو راژن؟ کیا کرو؟ زور رچھوا اکیہٕ گرِ تہٕ گرو ہیمڈ!!
زمین زراعت کمسادو کینہٕ گرِ ترو پرتھ بیہمو تالو پچہ گنزران.
ہیکہ راژن کرو انتظار. کیا کرو راژن. کیا کرو؟؟

بیاکھ زنانہٕ :- اسہِ کم پاپ چھِہ کرِی ہتی. یہ کُس سمے آو راژن!

اننت دیو :- پاپ چھِہ کرِی ہتی مئے، شاپہ لدِ چھس بہٕ. مگر ظلم چھُ سیدان
ہرزایہِ ہتی. کیہہ نہٕ کیہنہٕ پیٹیہ کرُن.

اکھ مرد :- راژن! اَلو تام کیا کھمو. شرین با ژن کتیاہ دِمو.؟

اکھ زنانہٕ :- ہیہڈ چھُ ونِدِ بینہٕ دول. تہپو کتیاہ. وٕ لو کتیاہ. وٗرِن وتھرن...

اَننت دیو :- مَن کٕرِو شانت ! راتھ ہٕند وَق چھُ ۔ اَتھ واندر
وِجیشورس منتر کٔرِو تو ہیٚتہٕ واس ... ہیکو اَتھ واندر ... ہیکو ۔

" تِمن زٕانان مندورِ کُن تہٕ اورِ یور گران ۔
برہمن ہنٛد کورس چھُ وُچھان روزان "

اننت دیو :- بہٕ کرِ ۔ بہٕ کرِ ۔ کیٚتھ نتہٕ کیٚتھ ۔ بہٕ کرِ ۔
زیٛٹھ برہمن :- راز ریوٗش کیا سنا کرِ ؟ چھا کانٛہہ پایا ، تدبیراہ ؟ دوٚ پایا ؟ ـــ

" اننت دیوٕ گوڈٕ وُچھان آکاشس پیٚٹھ
پھیران پوٚت وُچھان وجیشورس کُن "

دوٚیِم برہمن :- یِم کلش دیوٕ طرفدٲری چھہ کران ۔ تِمن سیتی گوٚژھ نہٕ تی
کرُن ۔ تی سپدُن یِہ ژِم تہنٛدِ ہمدرد تہٕ طرفدارن
سیتی چھہ کران ۔

اننت دیو :- (پوٚت پھیرِتھ) نہٕ ـ نہٕ ـ ہرگز نہٕ ! سنتوش تھاوُن تہٕ
سہن شیٖل روزُن چھُ سون دھرم ۔ اَکے پاے چھُ ـــ
کیول اَکے پاے ۔ راز نیٚشِن بدلاوُتھ ۔

" بلہٕ تے برہمن تس زنتہٕ گیر کران "

ساٛری برہمن :- کیاہ ـــ راز نیوٗن بدلاوُتھ ۔
اننت دیو :- آ ـــ شنونگ راج نِہِن پوٚترن کٔرِو راج حوالہٕ تہٕ ہیکِن
کشیر منٛز لگ سنکٹ دوٗر کٔرِتھ ۔

" برہمن الگ الگ سپدان "

زٕشِٹھ برہمن :۔ گوٗ توٚہۍ گرٛیوٗن کلش دیو برطرف !!!

اننت دیو :۔ اَمہِ روٚس کُس پاے چھُ ۔ چھا کانٛہہ پاے ۔ ڈلیو ۔ ؟

دوٚیُم برہمن :۔ کلش دیوٕ تہٕ تسٕندی ساتھی شاہ کوٚٹلکی راڑٕ کُمار جیانشد
وراہ دیو بیترِ ماکرِن بغاوت ۔ کمراز مراز ماگژھہِ یوٚدوس منز گیر
بیٚہنہٕ ماگژھہِ گرٕ گرٕ راج شروع ۔ افراتفری ماوٕ وہ تہٕ ۔ ٹکہ ماوا ین
اکھ اَکس کرتھ ۔

اننت دیو :۔ اَسی کرو تمہِنٛز تدوٗرُک ۔

ترٛیُم برہمن :۔ گوٗ نا یوٚدوہ ۔ وِناشکاری یوٚدوہ ۔ توٚہۍ تمہِ تہٕ یوٚرِ توٚہۍ پانہٕ ۔

باقے برہمن :۔ یوٚد ۔ یوٚد ۔ یوٚدوہ ۔

اننت دیو :۔ آ ۔ آ ۔ یوٚدوہ ۔ تہٕ یہِ یوٚدوہ گژھہِ فاصلہٕ کُن سپدُن ۔

" رژھہ کھنڈ روزان ژھعہ پیہ "

ژوٗریُم برہمن :۔ تنٛونگ راجنین پوترن منز کس اَکس کرٕد راج حوالہٕ ۔
رکینہٕ دوٚشوٕنی ؟ ـــ یوٚدوے دوٚشوٕنی نیلہٕ ماوٕ وتہٕ بیٚہنہٕ گرٕ نیاے ؟

پوٚنٛژیُم برہمن :۔ پتٕن گرٕ پچھہِ تھاوِتہٕ چھوٚہِ توٚہۍ بیٚہنس گرس تہٕ بیٚہنس کوٚس
راج ساتھ پنٛتھ نیاے یژھان ٹلُن ۔ اَمہِ سٟتی ہمہٕ نہٕ کانٛہہ مسلہٕ

برہمن زٕشِٹھ :۔ راژن ! کلش دیوٗن پوٚتھر ۔ راڑٕ کمارہ ہرش دیوٕے جوان
چھُ ۔ سُہ چھنا اَکھ ٹیگہٕ ؟

اننت دیو :۔ سُہ چھُ ماٗلی گرس منزٕے بند تھوٚومُت ۔ اَندرٕ پکھی چھینس راچھی
در تھاوِ کرمِتی ۔

دۄیُم برہمن:۔ سُہ گۄژھہ کُنہِ ژھلہٕ یور آنہٕ نادُن۔ سنیہٕ راچھو درن گۄژھہ دِتھہ

یا ہٕژم دِتھ موکلاوِتھ اَنُن تہٕ تٔمی گژھہِ پیٹھ تاجپوشی کرُن۔

اننت دیو:۔ مشورٕ اوس رُت۔ سیٹھاہ رُت۔ اماپوز سُہ کیتھہ کٔنہ واتہِ یور۔

تس کُس آسہٕ تِمن ہٕتھی یارٕ بند راچھودرن یِنس موکلاوِتھ یور۔

## — لہذا —

ساٹی برہمن:۔ لہذا — مہاراج کیا؟

اننت دیو:۔ لہذا کرٕ بہٕ تی یہ مے چھُ سوچمُت۔

ترٛییُم برہمن:۔ کھما کرِو راژن! — رانہِ ماتا سُربیٛتی دیوی چھا اتھ راضی؟

اننت دیو:۔ تس پیٹھ اتھ فاصلس پیٹھ راضی سپدُن۔

ژوٗریُم برہمن:۔ تُہندِ طرفکی انگ آشناو۔ ڈامرتہٕ زٕٹھی راجپُرشن آسیا بہٕ

راے منظور؟

اننت دیو:۔ تِم ماٲنہٕ راد کھ بہٕ۔

پوٛنژیُم برہمن:۔ لکھہ ماتلن کر یکہ ناد۔ لوکن منز چھُ ہرش دیو سیٹھاہ مقبول

— لوٗٹھ۔ سُہ شوٗبایہ مان چھُ پٔرِتھ ویدیایہ منز تاق۔ سُہ

چھُ پانژسہ زبانن زانان۔ سیٹھ چھُ بڈ۔ شلوک تہٕ کوِیتایہ وننہٕ

رکنہ زیادے لوٗٹھ۔

اننت دیو:۔ مگر سُہ کیتھہ کٔنہ واتہِ یور۔ سُہ آسہِ ماٲلی پانس کُن پھیرمُت تس آسہٕ

پنُن خرچ برچ ترٛاوٕن۔ آسہِ سارنے منزٕ تھ چھُ راج تاج تسندی۔

گوڈنیُک برہمن:۔ تیلہِ چھُ تِمہنزراے زیادے کرِتھ باسان تو ہی ساٹھ پور راج

نتونگ راج ہنن پوترن پتہ کلش دیوپتہ ہرش دلوکرن ناٹیمہ

میلیمہ بغاوت۔

اننت دیو:- تہ چھہ سٹھاہ ممکن۔ یتھ حالژ منز دیہ پرزا تہ تمن ساتھ۔

ساڑی برہمن:- تیلہ گژو ہنا ییہ وتھراد۔ دلوژت حل نیر مسلن پتہ مشکلن۔

"کینہ پہ ہرشنز روزان تھو پہ۔ ساری اوپر لیور

لپکان پھیران"

گودنیک برہمن:- کوتاہ جان گژو، لوٚدوے توٚہیہ پتہ کلش دیوس ہنز سپدِ

ہے۔ گرکھیہ ہے کرتھ۔ پرزا لبہ ہے سوٚکھ پتہ شانتی کیتہ ییبہ

ہے نہ عامس پتہ خاص منز۔

دوٚیم برہمن:- ژے لگہ ہے دھرمس کرمس کن۔ سوکھ پتہ شانتی بھوگہ ہے۔

پرزا یہ ہندین دوکھن تہ دادن سنہ ہے۔ پرتھ انداز یہ

ہاسہ جے جے کار۔

اننت دیو:- تمی پرزایہ کنی ساپنیوو مے تس راج۔ مگر گژ ہدی روٚدی

دوہے دہپر ہیتھ تہ شوتر روٚدی سرس۔ خند کران۔ ٹیپ

ژٹان۔ ناوتہ رہتھ کڈان۔ افسوس یہ سوٗرے چھہ مے

پانس خطاہ۔ گرا سو چھم پرزایہ ہندرت تہ گرا ادنہ گرک

گراس مہارانی ہنزن لولہ کتھن منز ہینہ تہ گرا جوان ییچوس

وتہ ہاوک ہنھ اکھ روٚت کرنہ کس جنونس منز — مگر

تس آسی پننی کرہتھ تہ وہکھر ادمان۔ دُراژ ایہ کی۔ وہ پرن

ژوٗپرن ستہ راز مرٕیا داپن ٹھکہ دِنکی۔ افسوس!

"مندورِ منزٕ سیٖران واپہ واپہ سُریہ میٖتی ساآری

بُرشنزٕ کھنڈ ژھوپہ کران"

برشنزٕ رِس منز بدلیوٗو وو۔ تٲلس ماجہ تہٕ چھپنہ سینتان سُند

آژرن پرٕز ناوُن تِگان۔ کِنہ یہ چھ تاجس تہٕ تختس صِفت

برشنزٕ رِس منزٕ چھ منوشس سو بھاو وہ سترار کل تہٕ آژرن بدلاوان

ہائے افسوس!!

سُریہ میٖتی:۔ سآمی!! ہرشے دیلوز مالوٗز و کانہہ شیٖچھ۔ سہ ماوٗث لوٗر

اننت دیلو:۔ کوسہ شیٖچھ! اسہ کمہ پکھہ لاگتھ یپہ لوٗر۔ تس چھکہ ژوٗپاری

پھیر بیٚنوومُت۔

سُریہ میٖتی:۔ مے چھے تس شیٖچھی سوز منز، لوٗر پینچ۔ جل واتنیچ!!

اننت دیلو:۔ واہ! واہ!! ژہ سوزتھ تس شیٖچھ تہٕ مے چھپنہ خبرے؟

کر سوز تھس شیٖچھی۔ کس. . . . . . . .

سُریہ میٖتی:۔ اَز چھ پوٗشنزِیُم دوہ۔ توہہ کیاہ سارِنے ژُدر سوزمس شیٖچھی۔

قسم موکُل تھاو نہٕ موکھ۔ ژِ۔ مے چھ تمی سُند سٹھاہ

لول آمُت۔ بہ چھس تس بتھ یرُھان وُچھن۔

اننت دیلو:۔ اوہ! کینہہ اَنز تھ گژھہِ نہٕ سپُدن!! دیا تس کلش دیلو لوٗر

واتنہ؟ لوٗد وے سہ لوٗت واتہ کلش دیلو ماکرِ کانہہ ژھل

بل استعمال۔؟

سُوریہ متی :۔ تو ہے بوزونا ــ کلش دیوس چھے شیچھ گاہشر۔ زِ تو ہی چھو تس ہر طرف کرنک ییراد تھاوان ۔

اننت دیو :۔ ہا ہنہ ! ژ ییٚ کمی باوےٚ یہ شیچھ ؟

سُوریہ متی بر آتھ متی واتھ از منزبن یور۔ تمہِ یہ وون زِ کلش دیون چھ ہرش دیوس اندی پکھ پہر در تھاوی مہتی۔ تس چھکھ راز دانہ منزبر نیرنس وتہ بند کرِ منز۔

اننت دیو :۔ افسوس ! تیلہِ گو ژہ نہ انز تھ سپدن !! یہ کیاہ گو ژتھ ؟

سُوریہ متی :۔ ہے کیاہ گوم ! کیا انزتھ ؟ کیاہ کیاہ ۔ ہرش دیوس ہیکو نا اُسی بُتھ تہ وُچھتھ ۔ ؟

اننت دیو :۔ ہرش دیو کرِ تن راز دانہ نیبر نیر نکھ سپل تہ ڈامرِ ہندی ٹوٹ کرِ تنس حملہ۔ کُنِ ہے ژنس کرِ تنس ابھنیو ہندی پاٹھی اندی اندی گیر۔ ژ کر دیوس منز پھسہِ۔ امہِ برونہہ نہ یہ سپدر ہے ہیز تنونگ راجنیو پوتر و منز اکس راج سپنک اعلان کرن۔

سُوریہ متی :۔ کیاہ ! ــ تو ہی واتی وہ کرنس ــ سےٚ تہ پرژھی زِ ہو۔ یوت کیاہ گژھن شین وولن زِ تو ہی بخشاوو وجے کھیتر ک راج بنیس کوس۔ اکھ پتر تھوُہن بالہ پانے لوہر کوٹک رانہ تہ بیاکھ چھیم از باندی بُتھ ڈامرِ ہندس زالس منز تہ تو ہی کرِ وو بر کوس راج دِنک اعلان ! یہ کیتھ فاصلہ ؟

پہٕ آسہٕ یمن برہمن ہٕنٛد مشورٕ ؟

ساڑی برہمن :- ہرگز نہٕ ! ہرگز نہٕ ! اسہِ آزٕ ووڈ آسی من کرن نہٕ زاہ ہٕ رانہِ کارس منٛز مُداخلت ! ہرگز نہٕ !!

برہمن زیٚشٹھ :- اُسی ہیکوٚ ستر دیتہٕ پرمیرا ایوٚ مطابق خالص رائے ترٛاٚوِنہٕ فاصلہٕ چھُ راذن ہٕنٛد آسان۔ سون نہٕ۔

سُریہ متی :- مے چھنےٚ خبر۔ ییٚتہِ کین لکن چھُنہٕ توٚتام کھیٚن ہیٚکہِ وسان یوٚتام نہٕ تم رانہِ کوٚس زکھ واتناوٕ نچہِ کیتھٕ کرن۔ کوٚ واد تہٕ رانہِ بندیا چھہٕ پرٛتھ گاٹھس ہیٚتھ شران سنٛد دھیاکرنس ستی سپدان ہُوٚنہٕ ! کوٚ وادس کُن پنے دھیان دِہن لکھ آسہٕ تہٕ سو کھسان دوہ گُزارِی کران۔ یمن چھُنہٕ ہرِ بوٚنے توٚتام دام وسان یوٚتام نہٕ لوٚ نوٚ شوٚوے ترٛاوِن۔ ییٚتہِ کِس پرٛتھ اُکِس بسکینس گوٚژھہ راز گرٛ پرٛتھ کانٛہہ وہ ہیٚوتھ برو ٹھہ کُن واتناوُن۔ تیٚلہِ زانہٕ ہن سوٚرے سمسار چھُ سو کھسان لیکان۔

زیٚشٹھ برہمن :- رانہِ ماتا ! اُسی چھہٕ رانہٕ گرٛک رُت کانٛچھان۔ تہٕنٛد کلیان یژھان سانہِ فکرِ تہٕ ووڈ آسی ہٕنٛد کارن چھُ ـــ رانہٕ گرٛک نیٚاے ! یہِ نیٚاے گوٚژھہ ڈُلی ڈُلی آنٛد واتُن۔ مالِ پوٚترن گوٚژھہ ہِشر سپدُن کلش دپوس گژھہ پرٛٹہ سیرا ہیتھ پینٛہ۔

سُریہ متی :- گرٛ نیٚاے آنٛدِ یا آنٛدِ نہٕ۔ توٚہہِ کٔس آزادوو توہہٕ۔ بانس تہٕ بانس چھُ ٹھس گژھہ وُنے۔ پرٛتھ گرس منٛز۔ ووذٕ گوٚ رانہٕ گرٛکی

ٹُھس چھ کھسان نیٹھن تہٕ نارٕہن۔

پوشہٕ بُرہمن:۔ ماتا! راژہ گرٕک نیاے چھُ پرزایہِ وسوآسی بناوان۔ یوٚدوٕے راژہ کُلس دلپو دِرمچہِ وَتہٕ ہُکھ نیاے وَرتاوِہے اُسی کتہٕ کرہٕ ہوتو بہٕ نش یتھ دِلہٕ زارٕی۔ ماتا اُسی چھ وسوآسی! اُسی چھ وُداسی۔ اُسی چھ وُداسی۔

باچے برہمن:۔ دے کرٕن راژہ گریح دِیاد دوٗر۔ دوکھ تہٕ سنکٹ دوٗر۔ راژہ تہٕ پرزا روٗزن سوٗکھی۔ سو کتھ ساوی روٗزن راژہ تہٕ پرزا۔۔ ہی وجیشور ساہی!!!

"ساری برہمن ڈیڈِتل یتھ پاون پیٹھ نمان تہٕ پتہٕ لوکن کُن تھر کٔرِتھ روزان ۔ انت دلپو تہٕ سُریہ متی چھ برونہہ سیٹھس پیٹھ۔"

سُریہ متی:۔ یہ سوٗرے چھُ تہنزِ شرافتُک تہٕ کمزوری ہُند نتیجہ۔ جل جل چھوٗلکہ کوٗوادس کُن تھاوان۔ یُتے پِلوِنہ تُہنٛزی چھو پرٛتھ کران۔

انت دلپو:۔ پیٹھس کالس شاہ چھُم تیٔتس کالس روٗزِمیشون آنگن بَر پرزازن ہنٛدِ سوکھ پرٛتھ وِزِیلہِ۔ کانٛہہ ہیکہِ کُنہ وِزِ تہٕ یتھ تہٕ یتھ حال باوِتھ۔ راژہ کوٗلک یہ سنسکار ہیکہٕ نہٕ یہ یتھ کُن ترٛاوِتھ۔ مےٚ چھُ پرزایہِ ہنٛدی داٗدی بوٗزِتھ جگرس تچھُن وۄتھان تہٕ بدلوٗتلہٕ میٚتر ہیٚر تھٕ زٕلان۔ زٕ چھکھ اَتھ ٹکہٕ کوٗوادوٗنان۔ بٔ کتھ کنٛز زٕہ نِمتیٲلس کُنس پوترس ڈالن پرٕ ملکی راژہ کُمار

بودھ ہِ اطوار وڈُسی آنہ رتیِن شوڈِن لوُدِن تنگ۔ چھُنہ کانہہ تس ٹُلی ہانشرھ لاگان ہِ تکسیر کھاران زِ ژِ ییٚ ماجہ ہنٛار ووٚتلِتھ۔ گوڈیُس ہِ سون دراوُ سِہ آسیاپرِ زِ ابہ ہِ نُشد۔ تِشدی کارِ بد لوٚزی لوٚزی چھم دِوہدش دستارس رب پلوان متھتھ۔

کانٛہہ ولہقار تھوُن ہِ! کانٛہہ ولہقار تھوُدُن ہِ —

سوُریہ متی:۔ یہ سوُرے چھُ توہی پانس تکسیر۔

اننت دلیو:۔ آ۔ راز کوٚلک سارِنی زِشیٹھ آسنہ کِنی چھُ مےٚ تکسیر۔ یِیے اوت چھُس نہر بل منوش ییتھ کشیر منڈلس منز، باقے رِ چھِ دیلوی دِوتا۔ پلوُزنی زن!!

سُریہ متی:۔ توٚہہ رِ دِزِ و ہِ کلش دیلوس یاد ہِ کِہن دوٚہن راجنیت چھاوٚنچ آتھ وَ تھ۔

اننت دلیو:۔ پوٚز چھ سوُرے چھُ مےٚ تکسیر۔ تکیازِ ژِ یئےٚ تمی زلوگاڑ ہش پکہ ناوِنی ہِ بہ چھس چون کرِ پ لوٚزِ تہ کلان۔ مُشران چھکھ زِ چاٚز ہے وَننہ نس ہیہٹھ کرِ لوٚ مےٚ تس راج ابھِ شیک —

تا چوشی۔ کشیر منڈ لک راز راجا کلش دیلو!! مگر سِہ کمہ لوٚگ؟ راج کاج مُشرِتھ بد اطوارن، بدکارن۔ تمی ژاٚنی رازِ کرِ عیاشی۔

سُریہ متی:۔ یہ چھ توہی تکسیر۔ اوس ناوکے راجہ۔ یہ سارے رازکرے آسس توہی رِنش۔ ساری ہے منز آسس مداخلت تھٚہنز۔

اننت دلیو:۔ تہ چاٚنی ہِ بالکل کیٚنہہ! اژکرِ چھکھ تریا ہِ رِتِرچ۔!!!

اَمی زیوٕ اکھ کتھ تہٕ اَمی زیوٕ بیاکھ کتھ ۔ دوہدش روزہٕ ہم پتےٚ
زِتمِس سائنیو راج تہٕ دیاو نوٗو تھس تس راج پاٹھ ۔ کالہٕ
آسی آسی دوشوٚے مہاراج تہٕ مہارآنی تہٕ تس راج دِتھ آسی
رانہٕ گرس منز زنتہٕ ابھیا گمتھ ۔ پتہٕ دوٚہ پتھ سُہ چھُہ کران شُری بارٚ
تہٕ مداخلت پیٚیم کرنی ۔ پتہٕ دو تھو دوہدش نیٖلے، مُٔز کری
اختلافات ۔ نہ روٗد زِ چھِر کانٛسہ نہ روزمان مریادا ۔ ولے!!
میانہٕ سرپرستی تل ہیچھ ہے وادیاہ ۔ شُری گی ژلہٕ ہس تہٕ
بجر پراوِ ہے ۔ بجر ۔ تہٕ ضرورت رانہٕ ہیکہ ہے بنِتھ مگر
!! ـــ

سُر یہٕ متی :۔ تو ہرٕ تہٕ کھاری وُوکھ پرداہ کرتم اشاہ کو لکی رانہٕ نکھس ۔
تہٕ کلش دپوس تہٕ ڈٲجی رہند چھو رانہٕ کمارو لوو دھ ۔

اننت دیو :۔ تہٕ چھکھ مُشران اکھ موٚلہٕ کتھ ۔ سوچھے ۔ سوچھے زِ تم رانہٕ
آیہٕ پننہٕ مُلکہ نیبر کڈنہٕ ۔ راج تاج کھیٚوٚکھ ۔ تکیاز پردھرمی
شاہ چھِہ آمتی بارسِنس ۔ یم اکہ پتہٕ بیاکھ دیش چھہ داس
بناوان ۔ یم دھرمہ پُستکہ چھہ ژالان ۔ مُرتن چھہ ژٕن کران ۔
مندرن چھہ ناش کران ۔ تہٕ اسہٕ چھہ پننین سرحدن رائچھی
کرنہٕ موکھ یمن شاہ گیارن ہندانہٕ بھوک فائیدٕ تُلن ۔ نتہٕ
وانہٕ ژھٹھ یتھ کشیر تام تہٕ سوٚرے راو ۔ سوٚرے راوِ ۔

سُر یہٕ متی :۔ ہوٗنہہ! دپیچ فکر کرِو تو ہرٕ ۔ کُس کرِ ان کاد ۔

مگر پنٛزٕ کوٚڈ لیکھ؟ ساری تکیس پر چھُو کھارن ہنٛنس شُرس.

اننت دیو :۔ شُر چھُہ؟ چانٛی شُری کرُن تم اطوار یم یہٕ کانٛسہٕ کرِ۔

سُر یہٕ مٔتی :۔ توٚہہ تھاوِو تسنٛز وٕتہٕ بند۔ سوٗرُے گنج روٗڈ لوٗ پانس

نِش۔ راہ کرُے چھِیٚ سیدان دیار وٕستی یم کتہٕ آسی تس.

رُ بچو یکہٕ وصیلہٕ پکہٕ ناوِ ہے راجیٚٹ۔ تس اوس پرٛتھ وٕنہٕ

تہنٛزٕ آگنیایہٕ پرٛارُن۔ توٚہہ آٚسِو دارِن ۔

" برہمن ہُند کوٗرس چھُہ لوٗکن کُن پھیران "

اننت دیو :۔ وٕنان گژھ۔ وٕنان گژھ۔ بیٚنیہ ما چھُے کیہٕ وٕنُن۔ تہٕ سوٗرُے

سیُد چانٛی سے مشورس ہیٚتھ تمی ہندی بجایہ تہٕ پاپر جایی

خاطرٕ۔ ژٕ ہے ٹلی کانٛہ اکھ۔ ٹیٚتے مندرن استھاپن منز

دان دکھشنا دِنہٕ موکھہٕ ژٕ بیٚ منگان اوس سے۔ وٕنہٕ تیٚ گنج

ژٕ بیٚ نِش چھُہ۔ ساری جنس تہٕ نقد راہ کراوس سے رٹان.

مے یاژٕ ئے کیاہ اوس تمہٕ منز پرٛاوُن۔ کیاہ اوس پرٛاوُن.

کیاہ اوس پرٛاوُن ۔؟

" برہمن وارٕ وارٕ لوان اننت دیو تہٕ سوٗریہ مٔتی کُن "

زیٚٹھ برہمن :۔ راجماتا! ہے پتاماہ!! یہ کُس سے چھُہ پرانِن کتھن پھیر

دِنک۔ توٚہی چھِوٕ امہِ رستی پنُن مٔن پرٛان وٕچھی کران ۔

" اچانک برہمن نینٛبرِ مس برس کُن نظر پیوان۔ تم

اکِہ اکہِ تیاری کُن وٕچھتھ وٕنان "

وُچھو نیٚبر چھُ کُتام باہرٕ باہری لوٗرۍ پکان۔ مےٚ چھےٚ

ٹھاے لبنہٕ یوان۔ وُچھو۔

دوٚیِم برہمن :۔ "بر چہِ ڈُنڈرِ پیٚنٹھی نظر دِتھ"۔ شاید چھُ کُتام راہنٕ پُرش۔!

مبارک۔ مبارک۔ شاید چھُ ـــ راجکمار۔ ہرش دیو۔

سُریہ متی :۔ اچھا لُجی سۄہ بلایہِ!! ہرشہِ دیو چھا! ٹُرزِ پاٹھی ہیوٗ واتتھ

دوٗلی آنٛدن ساری نیٚاے !!

"ہرشدیو اژان ہکہ۔ سُہ ہیوان اننت دیوس

پرٛن سُہ چھُس ناہمتہ لۄٹان۔ بیتہ ہیوان سُریہِ متی

پرٛن سو چھس مٚتی تہٕ ہیٚنھی کران"۔

ہرشہِ دیو :۔ پتاماہ! پادِ پرنام!! ـــ پتاجی! پادِ پرنام!!

"بلٕ چھے برہمن تہٕ ژُنڈرا کارگیرٕ گرِتھ زے زے کار کران"

ساری برہمن :۔ مبارک! مبارک!!

راژٕ کُمار ہرش دیوس اٗرن آے تہٕ تھُدرِن ہاے۔

دجیشور سأمی گرِن لوہرکولہ کین رازن تہٕ راژٕ کُمارن دکھیا۔

دجیشور سأمی دِمی نکھہ ہیٚنز بوڈھ تہٕ پرٛژو کتھ ہاوی نکھ !!!

ہرشدیو :۔ پتاجی۔ !! مےٚ چھُ گُرٛنگر ہیٚھ یوٚتام واو بکہٕ لوٗوُمت !

پاشرن گرہن منزٕ وُتُس راژٕ دانہٕ ہیچھِ یور۔ پوٚز گوٚیی زِ

مےٚ چھُ ساری سیے شہرس گرٛی سوارِ ہتی کُنےٚ گوٗمت۔

"سُہ چھُ ژٕمرو کمچہِ اکِس کُن دِوان داٗرِتھ"۔

اننت دلو :- تہٕ وۄنۍکھ سۄ کھسان اُسہٕ نش۔ یہٕ چھُ لوٗڈ مبارک۔
مٲلۍ ماجہِ چھنہٕ پیاد تہٕ ژھٕ تھی پسہ ترٲوی ہتی۔

ہرش دلو :- مےٚ ژلہٕ وُن وُچھتےٚ دژایہٕ کیٚنٛہہ پیاد۔ مگر پیٚٹس کالس منٛز
میانہٕ نگرہ منٛز تہٕ پیٚنٛچ خبر آیہٕ۔ گاٹہ پیٚٹس کالس آسہٕ ہا بہٕ
بدیوٗر وونمت تہٕ نظر گیتس کالس کرہن مےٚ یچھا۔

سُریہ متی :- یکھ کیٚنٛہہ کھیٚو چیٚو تہٕ ترٲو پلنگس پیٚٹھ آرام!

اننت دلو :- آ۔ آ۔ ترٲو تھکن۔ ژےٚ چھےٚ بارہ ذِمہ واری یہٕ سمجھالنہٕ۔

ہرش دلو :- کیا۔ کُہ ذِمہ واری یہٕ۔

اننت دلو :- مےٚ چھُ یرادٕ کوٗرمُت زِ اَسی کرو کلش دلوٗنہٕ برطرفی ہُند اعلان
تہٕ ژےٚ کروے تاجپوشی یٚتی۔

ہرش دلو :- پتاماہ!! یہٕ کیاہ چھِو ونان؟ میانۍ تاجپوشی کرنک ادھیکار
چھُ میانِس ماہس۔ راجہ کلش دیوس!! تس چھُ یہٕ اَدکار تہٕ یہٕ
پانہٕ بخشمُت یٚیلہِ بہٕ ترٕ وُہراوِسُس!! وُنہٕ تہٕ کوٚہ واتنِس چھ
مےٚ رازہٕ بنُن۔ بہٕ ہا کاشانہٕ پیٚٹھ راجہ کارک بوٗر تہٕ اَلتھ؟
"یہٕ بوٗز تھ چھُ اننت دلو ٹھاہ ٹھاہ کران اُسان۔
ہرش دلو نانہٕ نزدیک گژھان تہٕ تس یتھ اُسُن
وُچھتھ حیران گژھان"

اننت دلو :- ہا۔ ہا۔ ہا۔ ہو۔ ہو۔ او۔ او۔ وُنُس ۔ وُنُس بہٕ کوتاہ اوسُس
واتنِس یٚیلہِ کھوتہٕ منٛز اوٚنہس تہٕ راجہ گدی پیٚٹھ تھوٚوہس۔ مےٚ

اُس خبر تا جیوشی تہٕ چھُ کانٛہہ کاہ نیتھر، میکھلاہ یا بیٚیہِ کانٛہہ دھرمہٕ
سنٛسکار۔ تہٕ ژٕ چھکھ اَکھ جوان اٚسِتھ یہ شنکاہ کران زِ راجہٕ کارُک
بۄر ہیکہٕ کھاہ وِتہٕ رٲوِتھ کٔینہٕ نہٕ۔ تٲجُب چھُ ۔ تٲجُب چھُ!!

ہرش دیو:۔ پِتا ماہ! مۄن جوان چھُس۔ مژھ بل تہٕ چھُم۔ شستر ہیکہٕ کانٛہہ
تہٕ یوٗدھ وِہرس ستیٚ اَزماوِتھ۔ وِدیا تہٕ چھم۔ کشیر منٛڈلچہ ساریے
بھاشایہِ تہٕ زانہٕ مگر ــــ چھُیہ بُہٕ راجہٕ بنہٕ نس یُگی؟ میانہٕ طرفہٕ
کوٚسہِ سینا چھیٚے۔ کم پیادٕ۔ رٔتھی ۔ تہٕ گُری سوار چھہِ۔ کم وُصِلہٕ
چھہِ۔ کُس گنج تہٕ خزانہٕ چھُ؟ کمہٕ پایہٕ ہیکہٕ مٲلِس سُند مقابلہٕ کٔرِتھ؟

اننت دیو:۔ بس! اِلی چھا چون وسواس۔ یمہٕ ساریے کامہٕ اٚسنز راوکھ
بُہٕ۔ لوہرکو لُک گنج چھُ میٚے رنش۔ ناماوار۔ بلہٕ وِیر۔ جنگجو ــــ
یُدھہٕ وِیر تہٕ گاٹلی چھہِ ساری میانہٕ طرفہٕ۔ تم ساری پھِرکھ بُہٕ
ژیٚنے کُن۔ ژٕ روز بِلا وسواس!!

ہرش دیو:۔ مگر ــــ تو تہٕ ــــ

اننت دیو:۔ وَن؟ ــ وَن؟ ــــ کیاہ؟

ہرش دیو:۔ میانہٕ نگرمنتر ژٕلنہٕ پتہٕ کم اراد آسن راجہٕ کلش دیوس۔ تس
کیاہ مشورٕ دِن ہنٛزِ ساتھی، سامنت تہٕ شاہ کوٗلکی کُمار۔ تس
دِیا تا جیوشی آند واتناو نہٕ۔ تُہ ماکرِ سینا ہیتھ۔ لوٗری کوٗچ تہٕ
ییتھ دجیشورس کرِ لُر پار۔

اننت دیو:۔ تمی کرے لو بروٗنہہ تہٕ تی۔ اَسی کرو تمی سُند مقابلہٕ لوٗدوے

بیٚمہ لٹہٕ تہٕ بیٚمس چانہٕ نابہٕ کانہٕ تل پوترٕ دود وٕٹلِتھ ییٚیہٕ نہٕ۔

سُریہ مستی ہٕ: تۄہہ کیٛاہ زٕ رٕود میٚون لوٗت خانہٕ۔ میٚے کوٗر پزٕ تھ ؤرتی یہٕ بیٚمہ رانہٕ گرٕ خاطرٕ واجب کلیان کاری تہٕ نُت چھُ۔ آخر خوٗن خرابہٕ منٛز کیٛاہ بینیرٕ۔

ہرش دیو:۔ گوٗ میٛائی تا جیوشی سپدِ یوٗدوٕ تہٕ خوٗ بہٕ سپتی۔!

اننت دیو:۔ بہٕ تھاوے ساری وصلہ تابع۔ ساری ڈامر پھر کھ بہٕ تٔرےٚ کنٕ۔ میٚے چھُ پارے دِ دناوِ تھ پزٕ زا یہٕ وٗنمت زِ فصلک ہیٚمُ لوگ گرٕ تھِ وجیشور کین کوٹھارن منٛز بھرنہٕ یُن۔ تٔیہ لروزی نہٕ کانہہ پرگی۔ یتِنٕ سالم گنج ساتھیوے تٔریے۔

ہرش دیو:۔ یہ دلرٕن خاطرٕ گڑھن قابل، جوان بلہ ؤپر، سوار تہٕ تٔرتھی آوسنہٕ تہٕ یوٗدِ پتہٕ نوقصان پُرٕ دنک انتظام۔

اننت دیو:۔ چون ؤنُن چھ پوٚز۔ مون گرُی چھ اسِ نِش کم پہن۔ مگر یہ کتھ تھوٚ ہنٛس منٛز۔ میٚے چھ کیٛنہٕ ژٔکدر دِ نہٕ دیاہ ہپتہٕ بہر سوزِ ہتیٚ یمتھ زن رتم کوٗبلی گرُی ہٕ ہتھ مُلی تہٕ تٔرن یور۔ بہٕ کرِ وجیشور چانی رانہٕ داٹی بناونک اعلان۔

ہرش دیو:۔ رانہٕ کرٕ پیے ہنٛز سو ہر چھےٚ رانہٕ کلش دیوس نِش۔ ساری دیاہ تہٕ ہنٛکی چھ تہندی ناوی تنکنہٕ لوان یہتہٕ۔ وجیشور تام پھُچھ تمنٕے ہنٛد چلن۔

اننت دیو:۔ سُ چلن رُکہٕ پانے۔ میٚون سالم گنج چھُ کھاٹہٕ وادسو نہٕ زٕ وپہ

ستی بھرِتھ۔ ییلہٕ ژٕ راژٕ بنکھ کم کم کٲری گرِ ین لۄری لبٲے
کرہٕ۔ وجیشور تہٕ کمرازٕ ڈامر کرن پانے کلش دلپوس خلاف
بغاوت۔ تہٕ ژٕ ییہِ تنگ یُس روزٕ گئے۔

ہرش دلیو:۔ اتھ لگہٕ وار ہاہ سمے۔ راژٕ کلش دلیون چھُ کوژھ دی وار ہاہ
بدکار تو ہسہٕ پیڈا واتناوہٕ موکھ تیاہ ٹھاوی ہتی۔ ہم ان ییتہٕ کین
بسکینن پٹرتھ زنگہٕ تنگ ییلہٕ تمن لۄر سوزن۔

اننت دلیو:۔ ترأو ہم اندیشہٕ تہٕ وسواس! اچھاہٕ تاچیوٹی پیتہٕ واتن تسٕنزٕ
ساریے چالہٕ آنہٕ۔ وائے! امیٔ آسہٕ ہے تمس تمی دوہ بُتھ
ہوہ وُمت ییلہٕ میٔے تلوار تجے وار یاہسہٕ کٲلی مگر چاہٕ بیتاہی دِژ
ہٕ میٲنس کمارس آنمان۔ اوٚنی لۄرہ ییھٹے پھر لوون کلش دلیو
واپس راز دانہٕ۔

سُریہ متی:۔ لوٚ تامتھ میٚون من چھُ ونان ژٕ کرِ ہٕ۔ تو ہسہٕ تکلیف ونِک
کاہنہ سٕنزٕ۔ یہ چھس تسٕنزٕ ماجی۔ تو ہر روزو بلا وسواس۔

ہرش دلیو:۔ پیتاہی انا یہ مارہ موکھ چھکھ مگر سٕنزٕ دیار و ملی ہیتی ہتی چاری
تہٕ کھری وجے کھیترس کن سوزی ہتی۔ یتھ پھیرہ من تہ کوٹھارن
زوٚنگ دِتھ ہاہ کار تلن تہٕ لگہ گژھن تمہ سہٕ بر خلاف۔

اننت دلیو:۔ اچھا۔ تیلہٕ واتہٕ یہ گیہ کارہ چاہٕ تاچیوٹی ہتی اند۔

ہرش دلیو:۔ ییلہٕ میٲنس مألس خبر گژھہٕ زہ راجکمار ہرش دلیو ووت لۄر ژٕ ییہ
ملکہٕ تس ییہِ کینہٕ پاے کرن ژٕ ہیتہ ہنٛ رُت کانچھن ژٕ ییہِ پاس

ضرور پیٚیہِ پایس۔

اننت دیو:۔ کمن کمن شندر واکھ وژن تہٕ وۄ پدیش گیہِ تسٕنز سیکلہِ بۄدِ منٛز راُمسی تسٕ پیٚیا پایس ؟ ناممکن! مےٚ گیہِ واُتنس پراران پراران۔ وۄنی چھنہٕ مےٚ سۄ وۄزتہٕ واُتنس زٕ بہٕ سنہٕ راہٕ کرٕہ سۄ ساُنیے بہٕ زیے تہٕ سیٹھاہ ہُشاری سان اَنکھ ہٕ راہٕ کرٕ درمس پیٹھ یکھتہٕ انجام۔

سُریہِ مستی:۔ ہرشہٕ دیون کرٕ لاو بۄدِ ساُو کتھ۔ ہناہ سۄنچو۔ کیٛتہٕ کال کرٕو سنتوس۔ نیٚیچوی سندِ لوُروا تیٚج خبر بوٗنہٕ تہٕ آزٕ ہس ضرور بے۔ تسٕ تیٚز ہر یسٕ واتہٕ لوُری ہُتھندی یاد رٹنہٕ پۄترٕ سندٕ زھینہٕ گرٕ ضُن کرٕ تس ہوم۔ تسٕ سنٕہ ساہ نٕن شوٗترن ہندٕ اشرٕ سۄ خہ منٛز نیٚبر۔ تسٕ ماپیہ ہنزٕ وٕتہٕ۔ کیٛتہٕ کال کرٕو سنتوش۔ صبرٕ یوٚدوے سمبھلیو تہٕ جان ورنہٕ ۔۔۔ پی تو ہی زچھو سونٛچان تیٚ اَلو آ انجام۔

اننت دیو:۔ واہ! واہ!! کتھ چھ واُجب۔ مگر۔ زاُنہہ دِزٕ تھ تہٕ میتاُنٕن فاصلن عملاً شکل صوٗرت دِنہٕ۔ وچھس تل چھےٚ پزٕ تھ وٕزٕ پۄترٕ لول وۄتلان۔ یوٚتام تسٕ پزٕ تھ اَندٕ چھ اَسٕ یہ سوا کران۔

سوریہِ مستی:۔ مےٚ چھےٚ لوٗرٕ آش زٕ تسٕ کرہ تہٕ اَسٕ سیٚنہٕ میوٚر کانٛہہ دۄ کھ واتناوِنگ کار۔ تو ہی یہ وُنیہ بلاو سواس۔

ہرش دیو:۔ ہم جاسوس کوٗزٕ ہو دی دی چھکھ پزٕ تھ اَندٕ ترٛاوِ میتی۔ رٛتم کرن نا

پیٚنُن کار۔

انںت دیو :۔ توٚے کرِے بہٕ چاٗنی تاجپوشی یُتھ سأرِے پرٕزاتِھ بیٚ مانی رازٕ تہٕ کلش دیو روزِ کُنُے۔ جاسوس گژھن بے حرکت۔ تِم بیٚنہٕ ژٕ بیٚ شرن۔

ہرش دیو :۔ کوتاہ زُت گیوٗ دیو دوے اُسی سأری پیٚنُن گرٕنیاے آندواتناوتاو ژٕ تجہِ، پِھٹہ لاج، جیانند مُلک بدر پیہان کرٕنہٕ۔ تِمے چالبازٕ چھ رازس مندٕل۔ ہیرِ تھ پٔرتھ وِزِ روزان۔

سُریہ متی :۔ پی ارمان رٕ چھُم وٲلنہٕ۔ لوٚتام یتھ دشاہ وٲلی۔ دِ ے تہٕ چھُنہٕ تِمن گالان۔ ڈُلو ووٗنی وآژٕ رات ہور۔ پٔکو اٚژِ واندر بہٕ کرناوٕ لوٗزٕن کھیاوناونگ پرٕبند۔ پٔکو۔

"سو تہٕ ہرشہٕ دیو اژان اندر۔ انںت دیو تہٕ تھر کران لوٗکن کُن۔ پاوٕن کھسنہٕ پیٹھ پھیران لوٚت تہٕ وَنان برہمن"۔

انںت دیو :۔ ہے گاٹلی برہمنو! گژِھو کرِو آرام۔ سمے آو ژیر۔ اسِ تہٕ دیو سوکھہ موکھ راتری لوٗزٕن کرٕ پیچ آگنیا۔

"سُہ پھیران تہٕ ہوان ہیر پاوٕن کھسِتھ اندر اژُن۔ برہمن ہوان نیرِ ژتھ تِھتے آخری برہمن ہوان نیرٕن سُہ چھُ لوٚت پھیرِتھ آواز دِوان"

لوٗشٹرِ یُم برہمن :۔ راژن! ہناہ کرُو ٹھہرادا ۔۔

"باقے برہمن واپس اَژان ۔ راژہ آخری پاوِس
چھُہ واٹہتھ لوٚت پھیران"۔

گوڈنیُم برہمن :۔ راژن ! نیئبر چھہ ــــ اوٚرُ کم تام لوٚکہ لوان ــــ زنتہ
چھہ ــــ

باقے برہمن :۔ دٔہ باہ زِٹھ برہمن۔

اننت دیو :۔ کم چھِ یور کُن پکان ؟ برہمن ! ــــ کم برہمن ــــ !!

دوٚیُم برہمن :۔ راژن ! یِم چھہ ــــ یِم چھہ ژندرکی پارشدی برہمن !!

"مشالہِ جوراہ ہیتھ چھہ دٔہ باہ پارشدی برہمن
جٹہ مس تہ ریش دراز کٔرِتھ اندر اژان ۔ یمن
چھیے ژادرہ تاہ کٔرِتھ پھکن ہیچھ تہ بجہ بجہ
لورِ اتھن کیتھ ۔ پتہ تہ اکس برہمنس چھہ کھووِس
اتھس منز کمنڈل ۔ یِم چھہ ساری زنتہ دیشنو ہتکی
پارو کار ۔ اندر اژتھ راژس کُن وُچھتھ ساری شیمتھ
ونان"۔

پارشدی برہمن :۔ رکھیا کر ۔ رکھیا کر !! ہے ژندرکھر سامی رکھیا کر !! کرٛپا کر ۔ کرٛپا
کر ۔ ہے وجیشور سامی کرٛپا کر !!!

"یِم چھہ اکہِ اکہِ ساری سینجس چکر دِوان ۔ ژندرا کار
اکہِ اکہِ کوٹھن پیٹھ بِہِتھ ونان"

اکیُم پارشد برہمن :۔ ہے راژہ ریشہ !! کیول چھکھ ژہے اوت سۄ یُس یتھِ دیشچ

بۄہ ؤنی ناو بوٚڈ لاگ۔ بیٚیہ نہ کانٛہہ!!

دوٚیُم پارشد برہمن:۔ ہی پِتا ماہ!! ژٕ چھکھ مہیشورس سیٹھا ڈٕر پٔرِتھ تھاون وول اَن دان، دھن دان تہٕ پشوٚ دان کرن وول۔

ترٕییُم پارشد برہمن:۔ ہی سانہِ لکھہٕ پالہٕ!! ژٕ یےٚ پٔرِتھ یگنہٕ پتہٕ ڈٕہ ڈٕہ گام اگرہار رٕوٚپہٕ پٔرِتھ استھاپنس دان کرِتھ۔

ژوٚرُیُم پارشد برہمن:۔ ہی راژن ہٕنٛدِ راژہٕ!! ووٚنی کرِتہٕ اشہٕ مید۔ یُتھ زن لُکہٕ کو وادس ژھین گژھِ ہے۔ پنہٕ نِس راژہٕ پوٚترس سیٚتی کٔری توٚ مُیل۔ کیا زِ روزِ مالی پوتٕرن منٛز رنجش۔

پوٚنٛژُیُم پارشد برہمن:۔ تیٚتھ کینٛہہ کٔری توٚ یُتھ زن راژہٕ ولوسھا پیِہ ہے نہٕ یتھ کشمیر منڈلس منٛز دوٚن نگرن منٛز یوٚن یوٚن حُکم راٗیج کٔرِتھ کرنہٕ تہٕ پٔرزاپیِہ ہے اُکس چھیترس تل۔ اُکی سے آدھیکارس تل۔ اُکی سے نیایس تہٕ نیمس تل۔

شیٚییُم پارشد برہمن:۔ یُتھ زن اکی گنٛجہِ منٛز راژہٕ پُرش، راژہٕ کمار، سینک، نایک کالیستھ بیترِ پنٛن ماہانہٕ حاصل کٔرِتھ پننہٕ فرمانبرداری ہنٛد ثبوت دِہان۔ تِہنٛز راژہٕ کرٛے روزِ ہے نہٕ جُدا۔ جدا۔ الگ الگ۔

سٔتیُم پارشد برہمن:۔ ہے پِتا ماہ! ژٕ یےٚ چھے سورُے ولوٚد! ژٕ یےٚ نے آزار وا تناو ہانے راج تیاگ کٔرِتھ، راژہٕ داٗلی ترٛاوِتھ، نوکر چاکر ترٛاوِتھ ماداہ تہٕ ہکھہ وجیشور ساٗمی سٕنٛدِ ین پادن تل۔

اٹھیُم پارشد برہمن:۔ ہی ساٗمی! ژٕ یےٚ کیا کروے درشن۔ ووٚنی چھہ بھکھتی زن تیتی خوف زدٕ نہٕ تم چھنہٕ مندرن، استھاپنن، دِورن تہٕ سگن

کٔن بوان۔ خوف تہٕ بےٚ چھکھ۔ کانٛہہ نہٕ کانٛہہ چھکھ ناگہِ
رٲژِ تھ تھپھ دِنس پیٛہٹھ۔

نوٚیم پارشدبرہمن:۔ وۄنۍ چھہٕ پٔرزایہِ ہُند پٔرتھ کانٛہہ انگ، پٔرتھ کانٛہہ گرٕ، پٔرتھ کانٛہہ فردشکاین منٛز۔ زھوپہٕ کرِتھ خبر کیا کیاہ برداشت کران۔

دٔہیم پارشدبرہمن:۔ وۄنۍ چھِنہٕ سانٛہن مندرن منٛز چڑھاوا، دھان، دھِنہٕ تہٕ
اَن تیوٚت واتان یوٚتاہ پٔرتھ وٕری واتان اوس۔

کھٔہیم پارشدبرہمن:۔ پٔرزا پالکھ اکیاہ کیٛاہ وٕلنوٚے۔ کوتاہ ولنوٚے۔ لکھ چھِنہٕ خاندر
وۄسب تہٕ سال سبہٕ تمہِ انٛمانہٕ کران یِیمہِ اَنٛمانہٕ تم گولہٕ رٕپت
پالنا کرِتھ آسی کران۔

بٔہیم پارشدبرہمن:۔ ہی سانہِ لکھ پالہ!! وۄنۍ گوٚسبٹھاہ کرٛوٹھ، سٔری پیٛٹھی گوٚسہلاب
وۄنۍ چھِنہٕ کٔنہٕ ہاے۔ توہیہٕ تہٕ راژٕ کلش دیوس منٛز میٛل سہٕ
ژار سپدنُک نہٕ آسہِ انجام پٔرزایہٕ تہٕ راژٕ کوٚلہٕ موکھ کرٛوٹھ
کٲفی کرٕ لٕٹھ،!!

اننت دیو:۔ ٹالی پوترن منٛز میٛل اسہٕ ژالہٕ۔ اے پارشدی برہمنو!! اَسہٕ
کُس یود کوٚرہٕ؟ وۄنۍ کرو حصہٕ بٹاے یا صلح! بہٕ چھُس وانٛسہِ
ہنٛز پٔتم گرٕ یِیتہِ وجیشور ہٕنٛن پادن تل گُزاران۔ نہٕ توہی کوٚت
آؤ یوٚر؟ گژھو یِمہ کِتھ وٕلنو توہی کشیر منڈلہٕ کیٛس راژس۔
راژٕ کلش دیوس، مےٚ راج، تاج، راژٕ مندور تیاگی اننت
دیوس زٕنش یِتھ کُس حل نیرِ سمسیایہٕ ہُند!

"پارشدی برہمن چھ دۄن باگن منز گرشان"۔

شےپارشد برہمن :- پتاماہ! انگرگی برہمن چھ لاہِ دانہِ منز رانہ مندورِ ہنزِ ڈیڈرِ
تل اُنش کُرتھ بِہتھ۔ تمو چھ راژس وۄنمت زِ ش پیبہ تۄہیہِ
پادن تہِ تۄہیہ کرِ یۄس کھما اپرادن یتھ گرپچ وِیا دتھ دیشیس
سیتھ آنت سنکٹ ژلہ۔ پرژالبہ سوکھ۔

اننت دیو :- گوٹنگرکی برہمن بیٹھو پرایہِ اپویش کرنہ! تہِ کلش دیو مانیا
تہنزِ رائے؟ ناممکن! ۔ یس کاڈِہن منز بدلے سرسان
آسہِ۔ یس مدتہ اہنکار آسہِ۔ اُچھن گیٹہ کنِن منز
ڈومبہ ہگیون تہِ سنگ گٹہ ہن تہِ وہبی ژاہن ہُند آسہ،
ُ مانیا۔ نہ۔ نہ۔

باہتےشےپارشد برہمن :- تم پرایہِ برہمن تراون پران یوتام نہ کلش دیو لۄر پیٹھ
تۄہیہ پادن پیٹھ مہ ناوتھ نگرنیہ ستہِ۔ تہِ اُسی ———

اننت دیو :- تہِ تۄہیہ۔ تۄہیہ کیا؟

ساگری برہمن :- اُسی آیہِ تہنزِ ڈیڈرِ تل پرایہ الپواس کرنہ تہِ روزو تۄتام
جاری یوتام نہ تۄہیہ رانہ کلش دیوس کھما کرو۔ واپس رانہ
دانہِ گرِ چھو۔ گرِ نیاے اَند واتناوو۔ راجکمار ہرش دیوس وچیٹورگ
رانہ بناونک ارادتا میتھ ترک کرو۔

اننت دیو :- اے پارشدی برہمنو!! تۄہیہ کمی چھوِ اکساوی متی؟ کمی چھو
ورغلاوی متی؟ کہنہ کۄژھ نہ اُٹھ چھوِ یور آمتی؟ مے چھنہ کانہہ

اَتھر کوٚرمُت ۔ کانٛہہ اَدھرم کوٚرمُت ۔ کانٛہہ برٛہم ہتیا کرٛمٕژ

پُھۆزن توٚہۍ یتہٕ استھانس پیٹھ ہرٛاہِہ ژہو ۔ گژھو بہٕ سوٗرے

پرٛایہِ پاٹھر کرٛو راژٕ کلش دِیوس نِش ۔ پرایشچت گژھِہ کرٛن

ییٚمی حماقت ، پاپ ، اَنیاے ، اَپرادھ آسن کرٛۍ مژ ۔ گژھو ؟ سمے

آوٕژیر ۔ کرٛو وِشرام کُنہٕ کوچہِ پیٹھ ۔ دھرمہٕ بیٹھکہِ پیٹھ تہٕ لیگاہ

سری کھسہِ وُنۍ کرٛو نگرکُن پرستھان ۔ گژِھو ؟ وجیشور سامی کرٛۍ لوٚ

کلیان ! گژِھو ۔

" ژٕ ہوان واپس پھیرِتھ اَندراژٕن ۔

تہٕ پارشدۍ برہمن چھس وَنان "

شےٚ پارشد برہمن :۔ مہاراج ! پِی اَسہِ وژن تِی اَلوٚ باعمل !! یا تہٕ کرِو توٚہۍ ماٹلیوٚ تھر

اَتہٕ واس ۔ گرٛ نیاے تراوِو ۔ واپس راز دانہٕ سکھرو ۔ نہٕ ، اَسہِ ساری

برہمن دَروٚ ییٚمی دٕمہٕ پیٹھ ہرٛایہِ اُلواس ۔ ژٕندراہن ژالو ۔ رام

رام ہیٹھ تہٕ کفن وَلو ناٹلی ۔

ہلٕ قےٚ شیٚنے برہمن :۔ ڈلو ساری ژہو ۔ لوٚ تام تھاوو وِدیُس لوٚ تام نہٕ سمسیاہٕ حل نیرِ ۔

کورس :۔ اوم نمہ شِوائے ۔ اوم نمہ شِوائے ۔

" ساری پارشدۍ برہمن پِی پران ۔ کمنڈل ٹھاسراوِتھ

تہٕ لوٚرِ ہیتھر ساوِتھ الگ الگ ژٕندراکار بیہان ۔ کورس

رٹمن پتہٕ کنہٕ دون دون پتہٕ اکھ اکھ ووٚدلے روزان " ۔

اَژیٹھ برہمن :۔ راژٕ اننت دیو !! کیول توٚہۍ ژاٹلوٚ سو وِتھاہ لیوٚسہٕ ہم پارشدۍ برہمن

لولہِ للہٖ وان چھ ۔ اُسی للہٖ وان چھ ۔ پٔرزاللہٖ وان چھ ۔ گرٕ ہناہ وِہزار

مُشرٲدِ وسوٗرے تہٕ گرٕ یمِن برہمن ہُند پٔر لوزن قبول ۔

انت دیو :۔ تۄہہ انشن کرٕو ۔ ستیاگرہ گرٕو یاپرٲیہِ الواس تھاؤو فاصلہ چھُنہٕ میٚ کرُن ۔ بہٕ چھُس نہٕ کشمیر منڈُلک راژہٕ ۔ اڈراتھ ہیٚتھ بٔرن واتنہٕ دِلو اَن زل کرہٕ ۔ گژھو گرٕو کُنہٕ شایہِ آرام ۔ غارتس مہ پیولاینہٕ لوکہِ ہیٚیو کٲم ۔ منس تہٕ شرِیرس مہ دِلو پیدٔا ۔ گژھو؟ گژھو؟

"سہ اَژان یہ ڈُنہٕ اَندر ۔ برہمن پارشدی کران

اوم شپدُک نہ پچھ ۔ اوم زپس سیتی رتم اوم نمہ

شواے ۔ "نمہ پرمیشورائے" وَنان روزان ۔

برہمن ہُند کورُس پریشان چھِکرِتھ اوہ یور

کران روزان ۔ کینہہ برٕشنزی بیتہٕ دوٗرِ گرٕی

ٹاپن ہُنز آواز ووتلان ۔ یہٕ لۄزتھ چھُ کورس

یکجاہ سپدتھ برس نِھتہٕ رۄزِتھ نیٚبر ڈِچھان تہٕ

یِیلہ گرٕی ٹاپن ہُنز آواز نزدیک چھیٚ واتان تہٕ

وَنان" ۔

زیُٹھ برہمن :۔ ہناہ گرٕو دِیہ ناو سۄرُن بند تہٕ کن دِلو نیٚبر کُن ۔ لۄزِو گرٕی ٹاپن ہُنز آواز ۔

"اوم ناو سۄرُن گژھان بند"

دۄیُم برہمن :۔ آوما بیٚیہ کانہہ شوٗتُرو ڈلتھ تہٕ سانن پہر درن پیٚیہ نسر ۔

ترییٚم برہمن :۔ حِس کٔرِو۔ حِراس کٔرِو۔ ہوش کٔرِو۔ ذرا ٹٔہنو۔ شٔہنو!!۔

"سوٗرے کورس برس نیٚبر وٕچھان۔ پارشدٕ

برہمن زنہٕ تشویشہٕ سان اکھ اکس وٕچھان"!

ژوٗریُم برہمن :۔ وٕچھولشن ہُند گاش ہیوٗتُن لوٗری کُن پیوٚن۔ شاید چھُ

کُستام راز پورش لوٗری لوان۔ پینٛا ہ، تہٕ راٹھ چھو در تہٕ چھس ستی۔

پوٗنژیُم برہمن :۔ گرٕ سوار تہٕ رٕتھی چھِ لوٗری لِکان۔ جملس ما آو کانہہ۔؟

حِس کٔرِو؟ پنہٕ بینہٕ ژانگین گاش سوٕتہٕ۔؟

دوٗیُم برہمن :۔ شاید کوٚر وٕکھ ٹھہراو! اگر لو بیٚھی وٕتھی سوار لوٗن۔ گاش سمبولکھ۔

لوٗری کُن ترٛوٗ وٕکھ پڑاو۔

ترییٚم برہمن :۔ چھیٚترس تل چھُ کُستام راز پورش لوٗری لِکان ڈٕلو۔ وٕچھو! وٕچھو!

اکیُم برہمن :۔ تعجب چھُ!! یہ چھُ شاید پانہٕ راز کلش دِلو!

پارشدٕ برہمن :۔ کُس۔ راز کلش دِلو آو۔!!!

بلہٕ تے برہمن :۔ سُے چھُ! سُے چھُ پانہٕ راز کلش دِلو!! ڈٕلو یکطرف کُن روزِو۔

وٕچھو کمہٕ حالہٕ چھُ۔

"کورس ہیتھ پھیران تہٕ برس ہتھ دوٗیمہٕ طرفہٕ

یکجا کھڑا روزان۔ برٕ اندر اژان گوڈٕ ژٕ مشالٕ

رٕم روزان دارس تل دوٚن طرفن۔ پتہٕ اژان راز

کلش دِلو۔ پتہٕ بینہٕ کینہہ نیزٕ بردار تہٕ تیر انداز

یمن منز چھُ اکھ کیھر لوٚپ تہٕ چھیٚترٕ بردار چھُ

مشالین نش روزان۔ کلش دیو چھ اژان تہٕ

دوشوے نرٕ تھوٚد تُلِتھ بر پیٹھےٚ کرٕ کھ دِوان۔"

کلش دیو:۔ ہے پتا۔ ہے ماتا!! اپرادھن کرٕو کھما!!! ہے پتا! ہے ہے ماتا!!

"سُہ چھُ وجیشور کین ہیر پاون تل پوان"

کلش دیو:۔ ہے ماتا۔ ما۔ تا۔ پنٕنس کُنس پوترس کرٕو کھما۔ کھما ماتا۔

کھماہ۔ اپرادھن کھما۔

برہمن :۔ ہے راژن! ایم ساری پارشدی برہمن۔ چکر دھر کرِ زُٹھی کھوٗگانسی

پارشدی برہمن چھ پرا پیوپیش کران۔

زُیٹھ

پارشدی برہمن:۔ اے کلش دیو!! یوٚد وے ژٕ گرچ وشاد تہٕ پرزایہ ہنٛز پیڑا دوٗر

کرٕ کھ نہٕ۔ پنٕنس مٲلس پادن پیٹھ نہٕ۔ گرٕ نیتاے اتھنز راوکھ نہٕ۔

اُسی کرو بیٚیتی نس اُنشن۔ ان زل تہٕ آہار کرو نہٕ۔ سانیٚ ہتیا کھسی تٔژ نیٚتہٕ کرچالیر۔

"کلش دیو آسان ہیر پادس پیٹھ ڈیکہٕ تراوِتھ

سُہ پھیران پوٚت۔ کیہر لوپ کلش دیوس نِکہِ ہِ لوان

پیٹھ اژان اندر۔

کلش دیو:۔ پی تو ہے ڈلوتی کرِ ہٕ۔ مگر میون سیوٚد ساد مول، دِو تا سروٗپ

پتا گرٕ لون آماہ۔ واپس گرٕ وٚسہٕ نس، راہٕ دایہ پنٕنس۔ راہٕ بوٚن

پنٕنس۔ ہے پتا۔۔۔ ہے ماتا۔

"سہٕ چھُ بنیہ ڈیکہٕ ہیر پاون پیٹھ تراوان"۔

ہے ماتا! بہٕ چھُس پاپی۔ اپرادھی۔ میٚے چھےٚ چانی نیندر تام گرٕش۔

حرام۔ کھما کر۔ کھما! میشون آلو چھے ناکنن گژھان۔ ہے ماتا
روشن تراؤ تہٕ بوز میشون۔ ہے ماتا۔ ماتا۔ ما۔ تا!!!

"خشمہٕ چھو وارہٕ وارہٕ قدم تراوان اور نیران
رالی سُریہ متی۔ تس چھےٚ نہٕ زۆنس نو لگاتہٕ وولگا
ستی تہٕ کھیربوٗپ تہٕ چھکہ ستی۔

سُریہ متی:۔ کُس؟ کلش دیو چھُکھ؟ تم بدطون بے حیا بے شرم پاپرم
کوسنگی چھیہ ستی؟ از کُس بوٗد ناش چھے گومُت؟ کُس ژھل
کرنہٕ چھکہ آمُت۔؟

"ہکہٕ نیران اندرہٕ نیبرہٕ تہٕ دوان جواب ہیرہٕ پاوہٕ بوٗ تہٕ بسھےٚ"۔

کھیربوٗپ:۔ ماتا! اُمس چھُ کُنہ سے اَے یور ینک اجازت دیُت مُت ساتھی
چھس سنگمہٕ اپارہٕ۔ کیول چھُ پشچاتاپ کرنہٕ آمُت۔ کھما
منگنہٕ آمُت۔

"سوریہ متی منز سینجس کُن لوان"

کلش دیو:۔ (ماجہ پادن پھوان) کھما ماتا۔ کھما۔ بہٕ چھُس پادن پھوان پرن.
ماتا۔ بہٕ چھُس چون سنتان۔ بہٕ چھُس بیۆن پاپن اپرادھن سٟتھ
پشیمان۔ پاپہٕ زالس منز آس ہیۆنہٕ۔ کو سنگس آس ہیۆنہٕ۔ مےٚ
کرد کھما۔ تو ہےٚ پکو گرٕ۔ مےٚ کرو اکھ رۆٹ۔ راجہٕ سی تراوتھ کتھ چھو
ییتہٕ دھرم سالہٕ منز بہتھ۔ پکو راز داہ۔ راج کرو۔

سُریہ متی:۔ کتھ اپرادس کروے کھما۔ راز چھُ آسان پژرا پالکھ۔ یُس نہ ماجہ

ماٰلِس ہیکہِ پاٰلتھ تہٕ کٔرِتھ پٔرزا پالن ۔

کلش دیو :۔ کھما ماتا ۔ کھما ۔ بہٕ چھُس پاٰپی ۔ مےٚ چھُ اَنٛبر ۔ مےٚ ڈاٰجِکھ بوٗد

بہٕ چھُس پیٚتھ بھرٛشٹ ۔ مےٚ مۄتہٕ تراٰوِتھ بے سہارا ۔ بے مددگار ۔
(سُہ چھُ وۄچھس پتہٕ ٹھسہٕ ڈگہٕ لایان)

کلش دیو :۔ وائے ۔ مےٚ واتنوٗو تۄہہِ سۄٹھاہ دۄکھ ، پُنٛدرِ کوٗرٛ مۄہو ۔ کانٛہہ

بوٗڈ دۄہ وِنیت مۄنہٕ سۄکھ مۄکھ کٔڈنہٕ ۔ مگر ماتا ! تُہہِ چھوٗ نٕے سنتان

چھُس ۔ بخشُم ، کو لۄتُر دژاس ۔ مےٚ کر کھما ۔ !!

سوٗریہ متی :۔ کھما ! تہٕ آکھ راج ۔ تاج ۔ گر ۔ راجہٕ ڈاٰلی تیٚتھ آگرٕ مِتس ماٰلِس سینا

ہیٚتھ حملہٕ کرنہٕ ۔۔ تہٕ ژٕ ئے کروُ یہٕ کھما ؟

ژٕ ئے دیُتھ دۄپرن ژٕ وپرن کھرٛن مایہ واتلن کوٗژھ تہٕ سانٛن

اَنٛگن اٰشناوَن چھِکھ لرِ جایہ تہٕ کوٹھہِ دزالہٕ ناوان تہٕ ژٕ ئے

کرو یہٕ کھما ؟

راجہٕ اٰسِتھ چھِکھ پٔرزایہ مشرٛ سِپنہٕ اناچار تہٕ دُراژاہ کٔنٛہ بدنام

تہٕ ژٕ ئے کرو یہٕ کھما ۔ ؟

اکھ اَپرادھا آسہِ کوٗرمُت کرہوے کھما ۔ گاش یِنہٕ پیٚٹھہ

سِری لوٗن تام ہے چانِٛہ اَپرادھن گرٕ نٛد کرِو تو تہٕ روزن وارِیاہ

ہیٚتہٕ کُن ۔۔ کیتھ اَپراٰدس کروے کھما ؟

"سٗریہ متی چھیٚئے جنوٗنس مشرٛ زنہٕ تہٕ یِتھ سِیٚنٛجس

پٔرِتھ اَنٛدس وَنان وَنان پھیران "

یُس راجہٕ تہٕ پٔرزایہ ہٕنٛدین دۄکھن وادین واتہٕ تہٕ گوٚو راجہٕ ؟

یُس راہ خالِص عاش عشرت زندگی ہُند معنہ یہ مُدعا زانہ سہ گوراہ؛ یُس راتس دوہس کینہہ گرِہن، بھرشٹا چارِہن، اَدھرمی پروہن ہُندِس سنگس منز بدکاری لگہ گوراہ؛ یُس راہ آسیہ راہ ولوسہا راہ اَدھیکارن ولقاروالیہ گوراہ؛ یُس راہ دیشک یہ دھرمک وِسترار کریہ۔ ڈیہ بے وایہ کیُہ بنن اَتھہ راہ وراوہ گوراہ یُس وِسترار، آزادیہ سمہ زار روزہ یہ گوراہ بہ گو راہ۔

"برُشنر کھنڈ کھران۔ ژھوہ پہ کلش دیوکلہ نو مزآ فِتہ کوٹھن پیٹھ بیہتہ۔

سُریہ متی:۔ (وار وار وَنان پہ وُن ہوان) یُس راہ سارے مریادا پہ نشریتہ ریتن رسمن یہ سنسکارن لتہ دِتھ ووپرن ژوپرن ہندِ رچند بران روزہ، تہندِ گرِ کھاران روزہ بنن گنج یہ گرِ خالی کران روزہ سے گوراہ۔ وَن سے گوراہ؟

کلش دیو:۔ ماتا۔ یہ چھس دوشی۔ مے کرِ یژی کم کم اَترے۔ ڈلو مے چپرِ وہوٹ پننہ اَتھہ کریہا ہتیا ماتا! یہ کریہ وا اے! اگر واپس یکو گرِ۔ وانس چھو راہ دانہ۔ ماتا، ییتہ ژ کدھر، اُونتی پور، پاندریٹھنہ، پرہاس پور یہ شری نگرس چھ جایہ جایہ برہمن پرایہ الپوش کرِ بتہ بیہتہ۔ ماتا یکو واپس یکو۔ گرِ یکو!!

سُریہ متی:۔ گرِ! کُس گرِ!! گرِ گو ییتہ مول ماجی، نوشہ کور، ہائے بند یکجا سمتھ کال یہ کوج کھس۔ اَن گندن، لسن بسن، نون پھولن۔ لوکی دوہ بڈر دوہ یکجا مناوُن ۔۔ یہ مے کیہ چھ تیتھ گرِ۔ ییتہ ژویہ ژرُن، زاگہ بہن، ریتژ ھونا وکڈتھ دو بھن آسہ۔ زُد موچھہ منز ژھتہ شاہ کھارُن والُن آسہ سہ گوگرِ۔

ییٚتہٕ یٖنہٕ مرغی یُن گرٛٲھن سوٗنٛچن تھٲوُن، زِ چھر کاتُھر، زانُن مانُن

آسہِ سُہ گوگر؟ ییٚتہِ ووٚنٛدہٕ تتھٕر، کتھن لانٛگ بند باواکھ تہٕ دُراژار

ننہِ واتہٕ رازس وُتہٕ والہِ تھوٗرانہٕ دانہِ کُس گرٛٲہِ واپس۔ کُس گرٛٲہِ

واپس۔ وَن کُس گرٛٲہِ واپس؟؟؟

"سُربہٕ متی چھ اوٚش ووٚتھران۔ زٕ ژوٚننہٕ تس اَلہٕ ولنہٕ لوان
کلش دیو کلہٕ نوٚمراوِتھ لوان تہٕ تس پادن پہوان۔

کلش دیو :- ماتا! بہٕ دُرے پاد۔ میٚون ہرش دیو ژوٚل گرٕ ترٲوِتھ! چھم نہٕ خبر

یوٚت ووتاہ کینہ دوٗر کُن دراو؟ کوٗت کُن دراو؟ کُنے دراوِ کینہٕ کانٛہہ

چُھس یتی ہیٚے چھ ہٕرِدے وہمس منٛز۔ یتہٕ نہٕ کانٛہہ شوٗترُ تس

کیٚنہٕ کرِ! کانٛہہ آزار واتناو! شوترٕ ہندِس کُنہ زالس منٛز پھسہِ!

"اَمی وِزِ انت دیوُنٛز تلوار ہیتھ نیٚبر نیران
سُہ چھ خاموش رُوزِتھ سوٗرُے وُچھان رٕوزان
تس کُن زِنہٕ چھُنہٕ کانٛہہ ظلوٗن۔"

سُربہِ متی :- از ووٚ تلیشوہٕ لوترٕ دود بیلہِ چانہٕ گرٕ منٛز دراو! چانِس مانِس

ماجہِ تہِ ما آسہِ ہے پیٚٹھے دگ وِدتھان۔ لوترٕ موہس منٛز

گیاٚ چانٛی فِکر مُندی، وہمہِ، پھرٕ ٹہٕ دم، شنکاہ کیٚنہٕ زیادٕ

تہٕ چانِس مانِس ماجہِ ہٕنٛز دگ آسہِ وُگہٕ وانٛگ گنٛتھ آیہِ تہٕ

دٕرایہِ۔ از ہیوٗکھ پانس بیلہِ لوترٕ موہس منٛز پانس دگ

وُژِھے!!

کلش دیو :۔ ماتا! میُون ہرشہِ دیو گژھہِ واپہ روزِن ۔ تس گژھہِ نہٕ کانٛہہ سنکٹ یِن ۔

سُریہ متی :۔ ہرشہِ دیوا پنہٕ نوُوِ سےٚ چانہٕ گرِ منز کڈِتھ! تس کرو اُسی ٹیٚنٛتی تا جیوشی ۔ ہنٛہٕ چھکھے نہٕ راہنہٕ آسنس یکی ۔

کلش دیو :۔ کیٛاہ! ۔ ہرش دیو وتاہ یور ۔ ہے امریشور! ہے مہادیو! شنبھو!!

"امی ورزانت دیو ٹھاہ ٹھاہ کران اسان"

انت دیو :۔ ہا ۔ ہا ۔ ہا ۔ کشیر منڈلکُ راجہٕ کلش دیو چھُ وونہِ ذہہِ نادِتھ سوران!!!

کلش دیو :۔ ہے پِتا! پادہِ پیٚرنام! شتھ شتھ پیٚرنام ۔

"انت دیوہ واپہ ہیرو لوُن وسان"

انت دیو :۔ ژےٚ پوُتھرِونا ۔ شوتُر ونا؟ میٚتھر ونا؟ کو راہنہٕ ونا؟ کو سنگی ونا؟ کو کرمی ونا؟ کیٛہ دھرمو بعر شتھ ٹکہٕ گاٹک ذِ نہٕ؟ کیٛاونہٕ؟ ہائے افسوس! کمہِ شوقہٕ تہٕ کمہِ ساعتہٕ کرِیوےٚ ژٲرِتھ ناو کلش!!! مندورن تہٕ مندرن سرن سر پوش، نیٛایک، تیٛاگک تہٕ سنتان پراپتی ہند گاگر رٔپی ساگر کلش ۔ مگر ژٕ کیٛاہ دِژاکھ ۔ سنکوٚ کلش!!!

کلش دیو :۔ ہے پِتا! یہ خوش کرہ لو تہٕ ڈلو سےٚ ۔ میٛانٛین اپرادھن کرو کھما ۔ مےٚ کرِ غفلژ ۔ مےٚ ڈٲجکھ لوُد ۔ مےٚ تروٚگ ہِنٛہ پیٚرنہٕ ناوُن ہیُن تہٕ پرُد ۔ بہٕ چھُسو کھما سنگینہ آمُت ۔ کرِو کھما ۔

اننت دیو :- کھما! ژٕ منگکھ کھما؟ یہ ماچھکھ ماجہِ تہٕ وُرِ شیٖچھ سوٗزِتھ یود
اَتھ نوٗژ مٕت ہُنہٕ۔

سُریہ متی :- نہٕ۔ بالکل نہٕ۔ مےٚ سوٗزِس نہٕ کانٛہہ شیٖچھ۔ اُمس سوٗزِ نہٕ
مےٚ کانٛہہ شیٖچھ۔ بیہ گژھِ تم کانٛہہ اگر مےٚ شیٖچھ سوٗزِس۔

اننت دیو :- ہنگہ منگہ کیتھ آدیور۔؟ یہ نےٚ ساٗنۍ شکل صورت تہٕ چھُ
پٔژھان وُچھنہٕ۔

کلش دیو :- ہے پتا! مےٚ کھےٚ برہم ہتیا یوٗد وےٚ پرایہ برہمن منتر کانٛہہ
کیٚنہہ سپُد مےٚ کھےٚ برہمہ ہتیا یہٕ ہُند دوش۔ ہے پتا۔
ہے ماتا۔ ۂکو واپس گرِ۔ گرِ ۂکو؟!

اننت دیو :- ہو۔ برم ہتیا!! تہٕ۔ برہم ہتیا یہٕ اَز تام کران کرناوان آکھ تِہُند
دوٗش کس کھےٚ؟ تِہُند پھل کُس بھوگہِ؟

کلش دیو :- بہٕ کرِ اَپرادھن ہُند پرایشچت تہٕ تو ہٕ کریو وہرار۔ ۂکو گرِ وسو
ساٗری یکجا روزو۔

اننت دیو :- چانہٕ کتھ کتھہ کرو اُسی پٔژھ۔ یس نہٕ واٗنہِ توگ کانٛہہ پٔرز ناوُن لا
یُس چانہٕ ژٕنتھ اَسہ ناو ہی سہ زونتھن گاٹُل۔ یُس پٔرزایہ
پیدا وا تنا ونگ ژٔھل وَنہٕ ہی سہ زونتھن گو نما تھ۔ یُس لزا
ترا وِتھ سزا یُگو کو کرم کرناوِ ہی سہ زونتھن پوٚز یاد۔ یُس سمہ
ژایہ پچ دَتھ ہاوِتھ نِیائے دائے تہٕ بیپر دی ہی سہ۔ بوٚزتھن باندی
وان۔ یُس مول ماج پیچہ بس چھترس تل ژٕھتھ پٔرزایہ ہُند

لۆٹھ بناوِ ہی، تم تھاوی تھکھ راز دانہٕ نیببر۔ یِس راز وِلوہار۔

ژھ وِلوسھا سمجالیتھ گنجک حساب تھاوِ ہی، تروٗ وتھن کنتھ گرِ ن

تہٕ ژٕ وہ یہ گرِ ہن مشز۔ ییلہٕ تہٕنٛد سنگہٕ مشز نیسر آکھ تیلہٕ پیٚزِ ہے

پراَیسچتھ کرنہٕ تہٕ اپرادھن کھما منگنہٕ!!! از کوتہٕ آکھ؟

للش دیو :۔ ہے پِتا! ہی ماتا! کرُو کھما؟ ژلوٗ یہ مشون تاج۔ ژلوٗ یمو اکھو

توہہ میانی تاجپوشی کرُو بموے اکھو یِس پیٚزِ ہوتس کرُو

تاجپوشی؟ ژلوٗ یہ تاج! چاہے ہرشٛد یوس کرُو تاجپوشی

یا تھکنس یا بیبیہ کانشہٕ بہٕ ونو نہٕ کینہٕ مگر وایس پکو راز

دانہٕ۔ راز مسندور چھے توہہ ورأے کھینہٕ پوان۔ ژلوٗ پادن

تل چھُو یہ تاج یُس کشمیر منڈلہٕ کھو رازو کلس سیٚٹھاہ تھوو

مگر میانہٕ پاپن تہٕ اپرادھن کرُو کھما۔ کرُو کھما تہٕ گرِ پکو۔

سُریہ متی :۔ اَکھ ماتا جس سیٚٹھاہ چھِ مے کم کم گاہ یلہٕ برداشت کرِ ہتی۔!!

"ساری برہمن ودھان تہٕ ترِ ہن حصن مشز

ترِ ہن طرفن کنُ پوان۔ زیٹھ برہمن مشزس

آسان۔ کورس ونان۔"

زیُٹھ برہمن :۔ ہے پِتاماہ۔ ہی راز ماتا! کرُلوس کھما! پانہٕ آوٕ پراَیسچتھ کرنہٕ

اپرادھن کھما منگنہٕ۔ پادن چھُو پوان کرُلوس کھما!!

دوٚیُم برہمن :۔ کھما کرُن چھُ آریہ راژن ہُنٛد دھرم۔ شرناگتس کھما کرُن چھُ

آریہ ریشن مطابق

دۆیُم برہمن :۔ راجماتا سُر ییہ متی اُس کرنی رقص کہتھ۔ زنتہٕ آسہٕ تس لوکہٕ ہنان زِگرِ چھِ گرزھن۔

ترٛیُم برہمن :۔ رۄدٕ ہُت گرِ یتھ ہیٚتیہ مو چھِ منز ییہ تس چھنہٕ اپار بر ستا سپدان اوے اُس زنتہٕ زٕ ترٕ چھکان۔

دوٚشوے تمن پتہٕ کنہٕ روزان

زٕ وٚریُم برہمن :۔ پٔرزاکٔتر خوش آس۔ پٔرتھ انٛدٕ اوس جے جے کار۔ گرن منز اوسہٕ دودِ گکرٕ تہٕ۔ سادی اُسی دِتہٕ دٕپاسے کھڑا۔ لوٗش شرنی تہٕ لا ییہ چھکان۔ لوٗرِ سنگم تام۔

دوٚیُم برہمن :۔ سنگمہٕ اُسی لکھ ترٛپاسے ژٕسہتھ آمتی۔ یوتام تہٕ رانہٕ پرِ دار پرٕندن، تراکہٕ دار بن تہٕ ڈنگن منز ڈسمتھ ہیٚڑ دراییہ لوٗکھ رٕودی کیول جے جے کار کران۔ آہی تہٕ آشیرواد دِوان۔

ترٛیُم برہمن :۔ تمی دوہ سندھیا کاس اُس پٔرتھ دارس، دار بن تہٕ وتستایہ ہرِ بن گاٹھن سیٚتھٕ دیپ مالا، واہ کیاہ نظارہ۔ زنتہٕ اکھ لوٗدٕ تیوہار اہ! پٔرتھ کاٚنسہ وجیشورو اُسیس اُس دِلس منز راحت اچھن منز شانتی تہٕ سو کھچھ آش۔

ژوٚریُم برہمن :۔ پرٛانس ہیشر دِ نہٕ ستی کیاہ سیٚر وونی۔ کینہٕ چھہٕ خبر انت دیلو کیاہ زِ اوسیمہٕ لیٚہ ہیٚیہ راہ زِ دالی ترٛاوتھ۔

لوٗشٔریُم برہمن :۔ یہٕ کس پٔرزھو؟ یہٕ کس رنش نہٕ؟ گرٕڈِ کاٗہہ خاص زاتہٕ کالہٕ آسُن۔ یا تہٕ راہ گرگ نہٕ تہٕ اسنت دیوس ستی ستی روزون کاٗہہ

پٔکھہ دار۔

شٔییُم برٛہمن :۔ وُچھو اَنٛدرٕ چھہٕ کُستام لۄرِ نیران ۔ شاید تھکن ۔ تنوٚنگ راجن نیٚیچھوٗ ۔ آ ۔ سُے چھُ!

تھکن :۔ برٛہمن اَسِن میٚون نمسکار ۔ تۄہہِ کیٛتہٕ ہیٚہہ آمتی سُلی یوٗر ۔ بۆزِو! اَز کرن پتاماہ اننت دیوتہٕ پِتاماہی سوٗریہ متی تُلادان ۔ لہٰذا گُرو جیشور کیٛن سارنی برٛہمن تہٕ دِہن ، اَناتھن تہٕ دریدرن شٔیچھی یِیتہٕ تمہِ سندھیا کالہٕ برونٛہہ یوٗت یِیتہٕ ہلم بٔرِ بٔرِ دِنہٕ کرن حاصِل۔

کورس :۔ کیا تمہِ چھا امی پرلوٗزنہٕ یور وجیشور آمتی ۔ ؟ ساٰرے سمپدا ، یمی تہٕ دِنہٕ کرنہٕ دان ۔

تھکن :۔ تم آیہٕ ہمیشہٕ خاطرٕ یوٗتُے واس کرنہٕ ۔ چھُنا پتاہ کیازِ ؟

کورس :۔ تیٚیلہٕ کیٛازِ پٔرٛژھو ماہرا توٗ ہیٚہ ؟

تھکن :۔ راژٕ کلش دیٚون ولجے موٗل ماٰجی راژٕ داینہٕ کیوٗل برٛہمن ہُنٛد پرٛایہٕ اُلواس بُھژاونہٕ موکھ یُس اوس کیوٗل ژھل ۔ پٔرلوٗزن اوسُس برٛہمن ہُنٛدمان تھوٗن تہٕ موٗل ماٰجی مرناتس تام ۔ باٰنٛدرٕ وانس مشرٕ ترٛاوِ یِیتہٕ راجیُت پننہٕ اَنہٕ مانہٕ چھاوے ۔ یِیلہٕ جیانندَ آیہٕ کاٰم اٰشنرٛاونہٕ موکھ آد سوزنہٕ راژٕ اننت دیٚون تہٕ مہارانی سوٗریہ متی تھاوی ہنٛز ژٕ کر دِرہُشیار ۔ راٰتی مُشری بُھرکھ گرو یِیتھ ڈٔشن ڈُنٛگن تہٕ دراہٕ راژٕ مندوٗر

ترأوِتھ۔ ہیٚنٛدِ زٕگ در، زٕتھی، سوار تہٕ پیادٕ پکھ ہیٚتھ ہیٚتھ ستہ

ستہ یہٕ واتی یورشیٖنِس دۄہہ۔ منت آسکھ ٹاٹھٕ ہش زِ یتھے وجیشور

واتن تیتھے کرن تلادان۔ دِیہ تہٕ دان باگرن برہمن، دِینن،

اَنگہٕ ہیٚنن تہٕ اناتھن منٛز۔

ساری برہمن :۔ ہے وجیشور ساٗمی! ہے دیوتن ہٕنٛدِ دیو!! لوٗٹ دُرا ژار ووٚتھ۔

لوٗٹ گژھ کار ووٚتھ!!!

زِ چھر کاٚنسہِ رٔژو، دیا دھرم رٔژو۔ ہے وجیشور ساٗمی کُس

وۄسپہر یتھ سیے آو۔ بے ہیمہِ رٔژو۔ ہٹرد تہٕ پٔزر رٔژو۔

تھکن :۔ توٚہی تھٕہرِ وینتی۔ یہ کر ساری سے وجیشورس شیٚچھ یتھ زن،

دریدر زن ینِ تہٕ دان، دکشنا کرن حاصل۔

نیٚران نمبر

اکیٚم برہمن :۔ دان کرُن چھ سو درمس مطابق۔ تتھ دِنس کیا صفت یُس زٕٹھ

وارپن منٛز بتلِ تل ہیہ زٕورِ تھونہ۔

دوٚیم برہمن :۔ تتھ دِنس کیاہ ہُرہ تہٕ لوٗر یُس نہ خرچنہٕ ہیہ۔ یُس نہٕ

اناتھن اتھہ روٚٹ کرِ۔ پتھر ییمتین تھوٚو دُتلہ۔ شرناگتن سنکٹ

زٕلہ راوِ۔

تریٚیم برہمن :۔ تہٕ یہ شرناگتھ راژ تیاگی اننت دیوچھ لوٗرِ واتھ گوڈٕ تی

کران یہ درمہ سمت چھ۔ دان۔ تُلادان!

زٕورِیم برہمن :۔ وجیشور ساٗمی چھس لاچھی۔ تس ڈامبل راژ پوترِ ہٕنٛدِ زھلہ

مىٚنٛز موکہ لوٗون نتہٕ آسہٕ ہے باٗندکہ وانس مىٚنٛز بریڈٕ ترٛاوکھ۔

پوٗشنٛز یُم برہمن:۔ وجیشور ساٗمی سنٛز یٚژھا۔ شاید چھُکھ پینٛہٕ نن پادن تل

یٚژھان رٹٕنُ وُچھو ۔ اُندرِ چھِ کُستام لوٗری نیٚران۔ اوہ!

یِم چھِہٕ کھیر بلوٗپ!!

کھیر بلوٗپ ۔ ژلِو! وجیشور کیو برہمنو! پنٕن پنٕن بوگ ژلِو۔ پتاماہ اننت

دیوٗن کوٗر یور واٗتِہ تھے تُلادان۔ تہٕنٛد ہٕ ژرکاٗنچھو۔ ژلوٗ ژلِو

پنٕن پنٕن بوگ!

ستہٕ اٹھہٕ سیوک تہٕ سیوکا یہٕ بینٛز لوکچہٕ لوکچہٕ

کرنجہٕ بٔرِتھ ہیتھ نیٚران۔

کھیر بلوٗپ :۔ نیٚرو ساٗ۔ توہی باٗگرِ بہ دِنہٕ وجیشورکین گاٹھن، ڈوٗرین

کوچین، وتن تہٕ ژوتین پیٹھ۔

برہمن ہلہٕ پلو مُنٛزراوان تہٕ دِنہٕ موٹھہٕ موٹھہٕ

رٹان تہٕ پتہٕ گنٛڈان کمرس ستی۔

کھیر بلوٗپ :۔ اکھ اکھ دوٚژھ دِز لوپرتھ حاجت مندس۔ لوٚدوٚے کانٛہہ

بوچھہٕ ہوٚت آسہٕ تس ڈُنٛز لو بجہٕ ڈیڈٕ تل کرٕن ٹھہراو۔ تِہٕر

تہٕ سیمہ تہٕ بیہٕ باٗگراوِنہٕ۔

باقے سیوک نیٚران نیبر۔ کھیر بلوٗپ باٗگران

برہمنن مىٚنٛز اکھ اکھ دوٚژھ تِہٕنٛز۔ اُمی وِز

تہٕر تھال تہٕ دالہٕ لوٗری ہیے کینہہ سیوک تہٕ اندرٕ

کیٖمہِ لوٗپ :- توٚہی ہاگرِدیہ وجیشور کس اٚندرٕ پٔکھس منٛز۔ پٔرتھ اُکس شرِدھاوانس

زٕینن یازنہٕ شُرِس تہٕ بُڈِس بیٚیہ گژھِ سیٚتی نظر تھاوٕنۍ

سام ہیٚنۍ کانہہ شوٗترا چھُ میٚتھر لاگِتھ آمُت یور۔ پٔرتھ

کانٛہہ وِجیشور واٛسِس گژھِ وُنۍ ہُشیار روزُن

پیٚنہٕ شوٗبا تھٔر یور داتن۔

اُکیُم برہمن :- کیٖمہِ لوٗپ! ماہرا!!! توہیٚ چھوٗزانن والی! یہِ وُنۍ توٚیہ کوٚہ

سنکیٚچ دشا چھ آمٕژ زِ پیتا مہہ اننت دیوس چھُنہٕ زندگی ہنٛدک

شیٚتھ وٕری گُزرِتھ تہٕ سوکھ، پوترِ سوکھ، گرِ سوکھ، راژِ سوکھ!!

کیٖمہِ لوٗپ :- پٔرٛو زنہٕ کینہہ کرمن ہُند پھل۔ نتہٕ شاپھ! نتہٕ پاپ یُس تیوٗت

سنگین چھُ زِ دنہٕ آسِتھ، راجیٚت آسِتھ، زُرک، شُرک مُرک، گرُک

گژھن، سمپدا سنٛترہ سیٚتھ تہٕ گیٚنہہ بار اٚسِتھ تہٕ تِس راتس نیٚندرٕ

نہٕ دوہس آرام! ژٕہتھ ژٕنشرل، وہمہ، پریشانی پٔرتھ سُنگی

ساتھیس اُشناو اُشنادس ہیٚتھ پٔرتھ پٔرتھان۔ بیٚیہ کیاہ؟

دۄیِم برہمن :- ماہرا! کانٛہہ پاپا؟ دوٚ پاپا؟ دائے تدبیر اہ؟ کینٛہہ تہٕ چھُناہ یُتھ

راژِ گرُک تہٕ دِپٔشک رٕت سپدِ ہے۔

آمی وِز مہارانی سُرییہ متی تہٕ راژٕ اننت دیو اٚندرٕ

---

بانٛدی وان: قادخانہٕ۔ تُلادان: ترٛکرِ تولِتھ پانس برابر دینہٕ دان کرُن۔ سِسیہ: دالہِ

بیپھہٕ نیبرٕ نیران۔

سُربہٕ مستی :۔ کیپر بوپ! ماہرا! آوِ یہٕ سالم دِہٕ دِینہٕ۔ اناتھن کورٕ مالین
ہٕ حاجت مندن منز باگراوِ یہٕ؟

نیبرٕ ترییٚ سپوک ژناپہٕ ژھرے کرِ بجہٕ ہیتھ
واپس اژان۔

کورس :۔ وجیشورٕ سامی کرٕن راز ریشی سٕنز وِیاد* دور
ژکر دھر سامی کرٕن راز ریشی سٕند سنکٹ دور

اکیُم سپوک :۔ ماما! شو وجیشور کس گھاٹس پیٹھہٕ آو سارٕنی ہانزٕن، لوٕن
داسن ہٕ ناوِکن دِہٕ باگراوِ یہٕ۔ لوٕن ہٕ اتھہٕ تُلی تُلی آسی آہی کران۔

دوٚیُم سپوک :۔ ؤتہٕ پٕدِس پٕدِس پیٹھہٕ دژایہٕ کورٕ ماجہٕ ٹینکی رٹنہٕ۔ لوٕکن ہٕ
پوژن منز ژھکھ دیار!

تریُم سپوک :۔ لو کچہٕ پوشہٕ وارِ نکھہٕ کرِ گھہٕ ترٕ زہٕ تھیپہٕ تھپ زیہٕ میاژ لوکرا یہٕ
لایہٕ تٕہٕ ٹینکی آیہٕ چھکراوِ ہٕ۔ ساری وتہٕ ہکہٕ وُنی تام چھہٕ وُنہٕ ٹینکی
سومبراوان۔

کورس :۔ ہی راز ریشہٕ! دے کری لوٕ ہنیٖ شانی ہٕ ژہٕ پچھ دُوِ دادُون

باپہٕ :۔ تھاستو!

برہمن ہنٕد کورس نیران۔ کینہہٕ کال ژھو یہٕ
امی ورِ ژھ کینہہٕ شرد ہٕ زِنہٕ وَدن ہاکہٕ ژھٹان اژان۔

---

*:۔ وِیاد = دود دگ، سنکٹ، مصیبت۔

کھیپر بوٗپ :۔ آما یہ کُس چھُ وُنِ کیٚنس وَدان۔ باگہٕ ژھٹان۔

اُکیُم زَنی :۔ اَنرتھ! مہاراج! انرتھ!! ہے پرم پِتا! اُسہِ گیہ مارِ۔ سون کرِ چارِ!

اننت دیو :۔ کیٛاہ سپُد! کُس انرتھ سپُد!!

سوٗریہ متی دُکھی زنِتھ نزدیک گژھان

سُریہ متی :۔ کیٛاہ سپُد؟ وُلو۔ واہ، واہ، وُلو۔ کیٛاہ سپُد!

دۄیُم زَنی :۔ ماتا کیٛاہ وَنے! وِپدواہ کرِہس! یاوَن راے گرہٕ ڈالس دیشتہٕ ہَم نٕژندہٕ سے داہ!

اننت دیو :۔ ہے مہادیو!! کمہ کوٚر یہ اَتر؟ کمہ کوٚر؟

ستیٖوول مرد :۔ پِتا ماہ! شاہی کو مار، پِٹھ راجنبو، بہتہ ساز ندرو زول اُمی سُندہٕ گرہٕ وول کلس الوند ترٲوتھ۔

سُریہ متی :۔ کُس! ناو کیٛاہ اوسُس! ۔۔ کیتہٕ موٗرکھ؟

ستیٖوول مرد :۔ ماتا! بہٕ کیا وَنہٕ! کمہِ چانہٕ وَنہٕ! اُمی سُند گرہٕ وول بھدر دیو ہُند پہر دراوس روٗ بَٹ ڈھوٗ زنہو! ارزِ گنڈ اُسی ہَس کرِ ویتھ گرُس ترو ڈِ ترٲوتھ کھوٗرک نگرِ پیٹھ پنُن اَبائی گام۔ تیتہٕ ترٲوتھ کُلس ترو ڈِ۔ کلہ بوٚن کُن کرِتھ گاسہ گینچہ ہتہ لشہ ہچہ گنجہ ہس ہیٚر بوٚنہ۔ تلہٕ کیٚنہ زولہس گاسہ الاوہ تہ گامہ والین دِژ کھ کرِکھ۔

اننت دیو :۔ ہا! انرتھ۔ ترٲہیہ۔ ترٲہیہ!!

سُریہ متی :۔ کُس بھدر دیو! باپرتھ! اشتِل سو بھاوک پہر در۔ رت سواکار

اننت دیو :۔ اوہ۔ اوہ تمی سُند باپ کیٛا اوس!

ستہ وول مرد :- ماہرا اگر بکہٕ دِتھ سۄ مبرآوِکھ گاہکٕی لکھ! وۄنکھ دٕلیوٕ دٕچھو اننت دلیوٕ طرفداری کرنک انجام۔ بھدر دلیوس ماہرا دسکھ چھونکھو کوٗر مُت بند۔ کیول تسٕنزٕ زنگٕ ہنٛز ڈھرٕ ٹ ڈھرٹ آیہٕ تمہ لشہٕ نارس تہٕ گیہٕ کارس منٛز لبنہٕ۔

اننت دلیو :- ہے ہیشورا! لوٗت گیہٕ کار تلاہ تمو پرٕ ملکہٕ کیوٗشر ناگتھ راہ کمارو یم چھا مسنوش کیہٕ جہاکال بِسنٛدٕ یمہٕ دِتھ۔

ستہ وول :- ماہرا! اَم رٕوٕدٕ وٕ نان زٕ بھدرٕ دیون کوٗر تو ہرٕ نگر منٛز بیٛر نس مدد۔

اننت دلیو :- ادھرمی لوٗرش ہنٛدٕ ادھرمی ڈھل!

اُکم زٕنٛ :- ہی رازن! ایُس تہٕ بکاپٕ گرٕبن تہٕ گیوٗن ہنٛدٕ موکھ ڈیرن تہٕ گوٗبن منٛز اوس تمہ تہٕ دِنٛتکھ نار۔

اننت دلیو :- نار تہٕ مار دِنکی ڈھل ہیٚنٛچھو تمو پرٕدھرمی دُشٹ زنن زنش۔ پرٕزا دہشت زٕدِ کرٕنہٕ موکھ۔ تمہ ہندٕ بن کوکرمن برخلاف کاہنہٕ تہٕ تُلہٕ نہٕ آواز۔

کھیر لوٗپ :- آوے ماہرا چھنہٕ تم توہرٕ راز دارٕ منٛز یِرٛھان — روٗزن۔ دٕچھن۔

اننت دیلو :- دٕ زنہٕ تہٕ وارٕ اگی ہیوٕ ماہیہٕ میشوٗن پوتُر — کلش دیلو چھ کنس آمت زٕنمس۔ یہٕ چھہ کنس آمت زٕنمس! کنس واسدیو شری کرشن ہیٚیہٕ زٕنم تہٕ اُمس تُلہٕ تھوٗد!!

ترٚیِیُم برٛہمن :۔ دُچھوکہتہٕ کُنٕ چھُہ۔ تاج تہٕ شُہدٕ بن پادن تل ترٛاوِتھ پشیمان سپدِتھ آپرادن کھما منگان۔

ژوٗرِیُم برٛہمن :۔ دانہٕ مشر چھُہ کھما دانس سہٕٹھاہ جہما۔ شانت مَنہٕ کرٛلۄس کھما اپرادن۔

پۄنشرِیُم برٛہمن :۔ ہے پٮاماہ! اگرٛ لۄس کھماتہٕ کرِٛو واپس شری نگرٕ راژدانہٕ گڑھنگ سنٛز تہٕ یمن پارشدی برٛہمنن ہُشد انشن تہٕ واتہٕ اَند۔ دلۄیکہٕ پھیٚر سپدِ۔ کو لو ڈٲلتھ پرٛژ لو دلبہٕ راژہٕ تہٕ پرٛژل گرٛ لۄس کھما۔

اننت دیو :۔ کس کرٕ کھما؟ تس لۄترس یس تاج تہٕ تخت ستانٛیُم۔ یمہٕ تس شوٗترس تیٚمی راژہٕ مندور تہٕ راژہٕ گرٕ تیاگ کرنس کوٚرنس مجبورٕ کس کرٕ کھما؟ — کس کرٕ کھما۔؟

"سہٕ چھُہ بریکہٕ یتھ تلوار آکاشس کُن تُلان تہٕ ہوان واپس اَندر اژُن۔ پارشدی برٛہمن تہٕ کورُس یکجا سیٹھجس پھیران یہِ شانتی پاٹھ پران"

راجہِ سو سہتے پرجا سو سہتے، دلیشنہِ سو سہتے تہتے وچہِ تہمان گرٛہٕ سو سہتے۔ بہنیِ۔ اَتھی سِتی کاش وارٕ وارٕ سوتان

دوٗیُم ژھین

سوے وجیشور مندرچ ہیر تہٕ براٹھ۔ دھرم سالہٕ ہُند آنگنُ۔ بیٚلہٕ گاش پھوان ساڑ ہیے درینٹھانس سیٹس" مندورِ نیٚبر نیران کوٗژھل شیٚے مِر۔ پلو ڈلو ڈنان۔ تمن چھیٚے تاہ وار ژادر شانن پیٹھ تہٕ تمن پیٹھ رزٕ گنڈِتھ۔ زنگن چھکھ پاٹو۔ بیٚیہٕ ڈکھراوہٕ پینہٕ واجنہٕ لورِ اتھن منز۔ تم زنتہٕ واریاہ سامانہٕ اندر ترآوِتھ نیٚبر نیران تہٕ ووشواہ کڈِتھ اکھ اکس وَنان۔

کوٗژھل (۱) وُہی! اکمس ژابہٕ ڈوکھ۔ خبر گژھن دوہن نیرہٕ تھکنُ۔

کوٗژھل (۲) تو تہٕ چھکھ وُنہٕ اَڈ وَہ یٚیلہٕ بُڈکھ تیٚلہٕ آسکھ تھکھ کڈی کڈی یمن پادن کھسان تہٕ وَسان۔ اَڈ تُلہٕ ہس لور! اَڈ سایہٕ ٹاس لاکھ۔

کوٗژھل (۳) آدِ پر بجاتن پیٹھ ووت شین ڈُنگن منز ہٕارِ ہشر گردیٹھ ساران۔ دیچھ ہمیتھے اَس تہٕ سورُے ووت مندورِ ہندین کُھٹین تہٕ تاہ خانن منز۔

کوٗژھل (۴) یٚیمہٕ لِٹہٕ چھُ مٕے باسان زِیم کرن ووہلٕ مرناتس تام یٚیتی واس۔ کینہٕ ساٹھ ہے۔؟

کوڑھل (۳) پوز چھکھ وَنان۔ بڈہن گرن ہنٛدی نیاے تہٕ چھہٕ بڈی آسان۔

وونی دپھ ـــ؟

کوڑھل (۵) دپھ کیاـــ ژھو پہٕ کیاژِ کُرِتھ؟ وولہ ہیہٕ برشنر کھنڈہِ تھکہ!

کوڑھل (۳) "اَندرکُن نظر دِتھ" یہٕ چھ ترِہن پین ہنٛد نیاے۔ اکس پیران راج تیاگ کرنک۔ بیٚیس تہٕ زِگان راز آسِتھ راز کرُت۔ کھِلہ ڈُلہ کران بدکاری یہٕ تہٕ تریٚیم ـــ شوقہ بورت یاو پراران تاج کردیہ کلس تہٕ چھاوِ راجیُٹ۔

کوڑھل (۴) دراصل منز باگ ہیٚنہٕ آسِر راز رائی۔ سوہ پوشان پوترس نہ پینہ نس باژس۔ گوڈ جینٹی ہش چھنے تیز بلاے۔ پتہٕ رِچھے عقل تیٚترِ چھے شکل۔ دپو بھاشاتہٕ پرمتر تہٕ دیہ بھاشاہ گونماتھ چھس اَلینہٕ تہٕ وَلینہٕ یوان۔ مگر کرہ لائنس کیا کرہ؟

کوڑھل (۶) اصل کتھ چھے راز گرنے بیون بیون نگرن لگن سائنس کوڑھلی کارس کوسہ شوب چھیٚنے (چِھنہٕ گوڑرگوان) سانی زی کتھ رِہ زِ چالو۔ ہاہہ! ہاہہ!!

"رتم ساری آسان"

—

کوڑھل (۵) چاہ گوڑ چھکھ ـــ اچھا ڈلو کتھ کیاہ کیاہ سوز۔ ژِ ون گوڈ؟

کوڑھل (۱) ژے وُچھتھ نا؟ کُرلِہ وو تھکھ یینہٕ بیچھ مے ستی ستی کھاٹ۔ لاکہ لاکہ تہٕ اوسہ ہم ستی تو تلو زِ دمے ساری جنگ کرنکی بانہٕ بٹھ۔ ژُھکلہ، دنچہ، پھرآژ، گاگرِ ستلہ گونڈہ ڈولی ملر تہٕ بیٚنہ بڈی سماوار گنگہ ساگر ییٚمی کیاہ سوز۔

کوٗژھل (۴)۔ مےٚ پۄچھ نَرِ بَجہٕ بجہٕ وزن دار ژادرِ پچھ، پاٹِ پچھ، دُسہٕ، شالہا
زرباف تھان، روپیہٕ ڈینگی، سونہٕ داوی، ترِلہٕ گوٚڈ تِلہ چھاوی
چھاوی چھیٚتر بیسترِ کھاری کھاری تہٕ توٚ ہیٚ کیا سورُد؟

کوٗژھل (۲) ۔ نتہٕ دُچھونا توٚ ہیٚ! فرشہٕ فروش، وُرن وتھرُن، سرتلہِ مندر۔
سونہٕ سُرژ، روپہٕ سُرژ، ٹھاکرُ داپچ سامگری۔ روپیہٕ زوٗر
ستہٕ مہر، یمن پیٹھ سرتلہِ ژانگی ساس ساس دزن اکی ساعتہٕ۔

بیٚتیہٕ بیٚتیہٕ۔

کوٗژھل (۳)۔ رٹِن زلو پننہٕ۔ بیٚتیہ کیاہ؟
کوٗژھل (۳) ۔ بیٚتیہ کیاہ۔ یہِ گوٚنا کہیں؟ گوڈ پرتھ لاکہٕ اسم راپنہٕ رالی سوری
گنژریہِ تھ دِوان تہٕ گنژرِ تھ رٹان۔ پرژھے اسم نہٕ کران۔
شکلِ باسیوٗ ستس ستی ژوٗر۔ تہٕ ژے کیاہ سنا سوٗرُتھ؟

کوٗژھل (۵)۔ دھرمہٕ پُستک۔ تنتر منتر تہٕ نہٕ پپوتھ۔ ژترتھ لوکہٕ۔
بُرزہٕ ورقن پیٹھ نانا پرکاری ژتر بیٚتیہ ہچہِ دوجہِ زنتہٕ
چھُ شرہِن ژاٹہٕ ہالس گورن نِش پرنہٕ گژھن۔ بیٚتیہ سرتلہ
تہٕ ترامہٕ مُرژہٕ ڈہٕ پنداہ ۔ تہٕ ژیے کیا سوٗرُتھ۔؟

کوٗژھل (۶) مس بانہٕ، ہتہٕ واد کھاسی، کینژرِ کھاسی، تھال، لوٗدی، پہراژ
نارِ، ثمبہٕ۔ گڈہٕ، تاوِ درجن کھنڈہٕ۔ کرژھہٕ دوٗہ مہر، چمٹہٕ
— تہٕ — بیٚتیہ سہہ مُسلہٕ ڈہٕ مہر۔ ہالنگل ہانگ،
ہنگہٕ دار مار خور کھوبرِ۔ بیٚتیہ — آنچاری ژڈی سیٹھہٕ

(ژٕ اسان) ۔

کوٗژھل (۲) اَسان کتھ پیٹھ چھکھ ؟

کوٗژھل (۵)۔ سُتہٕ پلنسے ستی !

کوٗژھل (۶)۔ اُکس ژُڈِس تراوٕ ژٕ لوٗتی اَتھٕ ژٕ بتہٕ آچار کھنیجہٕ ژٕ و مبرٕ گُلس مشنز بُرِتھ۔ اوٚش پھوٚٹُم ــ مگر کرٕتھ کوڈمبہٕ۔ گھٹس پیٹھ چیٚیم ترٕیشہِ دوژھ ڈہ مبرٕ۔ آدٕ شیٚہلیوم ہُٹس نار۔

کوٗژھل (۵)۔ ییٚمس پژھُتھے ژٕ اَسہِ اُمی کیا سور۔ یہ چھُ لوٚب کُن ژھعو پہ کرِتھ۔

کوٗژھل (۳)۔ کیا ؟ کالوٕ بجہٕ۔ پٹاہٕ۔ لوٗکرِ پھل بُھری بُھری۔ ژٕ وٕ بہ کھراوٕ۔ کانگر کرِنجہٕ بیٚیہ اَشُد بُھری بُھری۔ بوستوٕ۔ گرایہ ژٕ شُشتر ژالبہٕ۔ امہِ علاوٕ تلوارٕ، نیزٕ، گدھا، ڈھالہ ہتھ شتھ۔ توٚ ہرٕ مشنز سارِنے کوٗنش آسنہٕ رکنہٕ دِتم وُلی وُلی زیادٕ پھیرٕ۔ مگر محنتاہٕ نیوٚ برابر۔

کوٗژھل (۱)۔ اُکس پہرس مشنزِ اَسہِ شیٚے ڈنگہِ ژٕ بُرژٕناوٕ خالی کرِتھ ژٕ بیہ وجیشورمندورٕ کُر سو بہ ساوی۔ کیا ساہے ؟

کوٗژھل (۵)۔ اَما پوٚز لوٗتاہ سور اَسہِ۔ گرویٹھ، مُرژٕ، یوٚدٕ استر بیترٕ۔ تتہٕ کوتاہ اَسہِ ہکھ تُتی تروومُت لازدانہٕ مشنز ؟

کوٗژھل (۶)۔ دپہ ساراز گرِچ وبھوٚتھ۔ زانہٕ چھُکھ رازٕ مندورِ اندر ژامُت۔ گوڈٕ ڈنگرُک آسی بہ وُچھمت بُھتھ۔ اَز وُچھتھ یہ سامگری۔ ییٚنہٕ نیٚو نیٚترو۔ ون برادلوٗکھ ما ؟

( بیٚیہ ساری اَسان (

کوژھل (۵) کمہ ساپیٹھ۔ پَن ہاگو بتہ گرُدھ پوش۔ ہے نے کمہ سپیٹھ چھکھ
پانسے وستھ آسان ؟

کوژھل (۳)۔ مے چھ یاد اکس بجہ منز آسی دان لونکی ہرز۔ براٹھ پھش
ڈیکی ہرز تہ لڑ ژھلی۔ یم اُسکھ سمجالیتھ تھاوی منز زنہ۔ بیبتہ
وجیشورس منز پہنزے وپڑھے اُس۔

(ساری آسان)

کوژھل (۶)۔ پوز چھے ساری چیز بنہ ہان ییتہ مگر لون ہرز۔ بنہ ہان نہ۔
(بیبہ آسان) وجیشورس منز چھے سارے زچہ کا منہ گامڑ۔
(بیبہ آسان ساری)۔

کوژھل (۱)۔ ہو۔ ژھو پہ کرُو۔ رسے سیرو ووتی ییتہ۔ وُچھو ادر چھ زہ لو
راڈی برہمن پہان۔

کوژھل (۲) ٹھیک چھ پکو۔ یہ یم کنہ چھیتہ لاگن۔ پکو۔
شبن برہمن ہند گوس اڈان۔
برہمن کوژھلن بتھ لوان۔

برہمن زیٹھ۔ ہے! توہہ چھو اندر پیٹھ سیران۔ ولو نگر پیٹھ کُس کُس آو لوہ؟
لوز۔ پتاماہ اننت دیلو آیہ بیبہ نگر منساوتھ۔

کوژھل (۳)۔ ٹھیک چھو بوزمت۔ ماہراتم آیہ۔ تہنز رانی سریہ متی آیہ۔
کوژھل (۲)۔ تنونگ راجنز دو شوے پوتھر تہ ــــــ بیبہ تہ کینژہ راز پرش؟
کوژھل (۱)۔ دیلو اَسہ گر گن سیر نہ۔ پربجات کالہ پیٹھ دوت گھاٹھ سار کران۔

کورس :- نپر و ۔ وبھیشور ساگی دپہو نوو زوبل تہ سمجھ !!

برہمن زیٹھ :- وُچھو وونی چھ ُشرنا گیتھ راژہ گرک لنگر تہ پاوہ آمت ۔ دہ چھ کھوتمت نبس ۔

کورس :- کینہہ نہ ۔ کینہہ نہ ۔ کینہہ نہ ۔

(یہ وُنان تھِینو ۔ برہمن رٹان شُسّے طرف)

برہمن (۱) یہ گوٚ راژہ گرن ہنٛد حال ۔ زیٹھ مشر عام لوکن کُس حال آسہ سپدان یئیلہ مالی پوترن منز بہاس آسہ پیوان ۔

کورس :- منوش کتھ کرِ پرژھ ۔ کتھ کرِ پرژھ ۔ کتھ کرِ پرژھ !!

برہمن (۲) ۔ اَسہِ برہمنو تہ کریوٚ نا پنُن برہمہ استر استعمال ! کریوٚ نا پراینہ اپواس ! پر لوژن کیا اوس ؟ مالی پوترن گوژہ اتھواس روزُن ۔ پیر نام کیا دژا لیو ؟

برہمن (۳) ۔ یی زِ راژہ کلش دلیو آیوٚ لوری کھمانگہ ۔ مالس ماجہ پیو پادن اَسہ تہ کرِ گوٚلی گنڈتھ لارس تہ راژہ رٹنہ وسنتھ زکر لوس کھما ۔

برہمن (۴) ۔ سوے اُس سالی حماقت ! بوڑ حماقت ۔ اُچھن ژھنن کچھ سارِ نے ۔ اُکس ڈامبل زٹنی یا ٹھو کوٚر کلش دلون کھمانگ نک سانگ یتھی شایہ ۔ ہتہ تم تہ اُنن ماٹھہ بیارس منز ولنہ ۔

برہمن (۵) ۔ کُس کرِ دی مول اننت دلیو، کوٚر راژہ رہنہ موم، شانت ۔ منہ ناویوٚن تمہ تہ کریوٚ پوترس کھمادان ۔

برہمن (۶) ژہ کرِ ژھلہ گوٚر ! ڈامبل گیندن گوٚر !! چھوٚہ یاد کھمانگان اوٚبش

تراوان۔ دوٚرٕھن منٛز تاج رٚٹتھ کوٗت رینٛٹھ لاگن۔

اُکیُم برہمن :۔ بیٚیہِ کیٚتی فاصلہٕ کرُن۔ پی مول ماجی وہنیم تی کرہ۔ کو سنگ تراوِ! زچہ، پھٹھ راج تہٕ جیانٛد کرکھ مُلک بدر۔"

دوٚیُم برہمن :۔ پٔرزایہ ہنٛد بن دوٚکھن داد بن گژُن دِمہ دِشیان۔ دھرمہٕ کامن دِمہ گوڈٕ اہٕ واری۔

ترٕیُم برہمن یہ اپٕزنہٕ گژھیا تگُن۔ ژٕھل تہٕ ڈامب گژھیا تگُن! اِہے گیہ کلہٕ کاہِج تگن گری ــــ کینٛہہ نہٕ!

کورس :۔ پوٚز چھُ ــ پوٚز چھُ ــ پوٚز چھُ۔

یِم ساری الگ الگ ٹھکراونہٕ یوان۔

برہمن (۴) ۔ یاد چھُو ییلہٕ سینہٕ صفائی کرُتھ۔ کھماداں مُنگھتھ کیول ڈاے ریچھ برونٛہہ سیٚمی وجیشور سیٹھ سائم راژہٕ گڑشوٚبہِ داریا تراییہ منٛز دڑاہے ٹنگر کُن واپس۔ یاد چھُو؟

پوٚنٛژیُم برہمن۔ بالکل چھُ یاد زِنہٕ کالگ بتہٕ۔ راجماہہ ہرش دیو بنے یوٗو ریٚتھ بان گرِہن ہنٛزِ لاکھ اتھس منٛز رٚٹتھ اوس ریٚتھ چلاوان

" سُہ پھٹھ بہِتھ زِنہٕ لاکھ رٚٹتھ ریٚتھ چلاوان۔

شٔیُم برہمن :۔ راژہٕ کلش دیو تہٕ پتاماہ اننت دیو آسی اکھے رتھس منٛز۔

(سُہ زِنہٕ برہمن پانٛژس پیٚتہٕ کینٛہہ رتھس منٛز ووٚدنی۔)

اُکیُم برہمن :۔ ووٚدنی! پٔرزایہ ہنٛدِس جیبہٕ جوشس وٕنی دِوان۔

سُتہٕ زِنہٕ (۵) پیٚتہٕ کینٛہہ رتھس منٛز ووٚدنی۔

سُریہ متی :۔ کیا چھوُنان ؟ کمن تھی چھوُنان !! یم ہیڑ نو اَتھو ژھی دُکھ
شاہ کولکی رازؔ کو مار یہ پچھ تھٔندے کار۔ کلش دیوس آسہ نہٕ
اَپُم خبر نہٕ۔

اننت دیو :۔ آسہ بس نہٕ باسہ کیاہ بھنگہٕ چھِتہ چھا آسان اٹھوے پہر۔
تسندِس راجس منز کیا چھہٕ کران بد ذات اُدھیکاری۔
تس چھناہ خبر ؟ تیلہٕ کمنک راز چھُس ؟

دوٚیم ژُلز :۔ وُہی انوم پان پھیری ہتھ کوٚت سنا گژھ ؟ کس رنش گرژھ ؟
کُس رُچھ یمن میانن معصومن۔ ماتا! یمن کُس رُچھ ؟

سوٗریہ متی :۔ لوٗن لِکا ! لوٗن لِکا ! "تریشوٗ رنہٕ سپوکا لو منز اکھ لوان بردہ نہٕ"۔

لوٗن لِکا :۔ راجماتا۔ وُلو کیاہ چھو پیڑھان۔

سُریہ متی :۔ یُمس بھدر دیو نہٕ گرواجنہٕ دِلکھ ساس ٹنکی۔ یہٕ سمجھانہٕ
پنٕن گرہ شُرہن رچھنک کرہٕ بند ھ۔

لوٗن لکا :۔ ماتا! وُلی آہ اَندرہ یہ ہیچھ۔

سو اَژان ہکہٕ اَندر۔

اننت دیو :۔ کھیر لاپ! اُسی کیتس کالس وُچھو نہٕ تہٕ زِو پیڑ زایہ ہیچھ
اتیا چار سیدان۔ کیاہ اوس بھدر دیوٗن پاپ ؟ کُس راز دروہ
اوسُن کورُمت ؟ راز دانہٕ منز اوس سون پہر در مگر ماہ نہٕ اوسُس
کلش دیو دِ دان۔ تمی سُندے سپوک اوس۔ تر اَہہٕ اترا ہہ را
مے سپوک زٕولکہ زندے اُس بند کرِتھ۔ کلس ترو ڈِ ترآو تھ ملا!

گاسہ ہۆ لشہ ڈلیتھ !!! ہا ! اَنرتھ !! اَنرتھ !!!

کلہٕ کاپٕچ ژھتھ ـــ پی بوزنہٕ خاطرٕ آسہٕ بہٕ لوَر ـــ مشیانہٕ

وِجیشور ساٗمی ـــ وائے !!

سٕ پھوان اَندر اَنٛز نہٕ کینہہ ہیر پاوٕن بیٹھ

کلہٕ نوٗمبرٕ تھ زنتہٕ ودان ۔

کھیٚر بوٗپ :۔ رازن ! شانت روٗزو !! شانت روزو !!

واہ واہ کلہٕ تلان تھوٚد

اننت دیو :۔ کمہٕ شانت مہنہٕ کریوٗ تلادان ۔ مےٚ ناپیوٗ ز وِجیشور ساٗمی

سنٛز روزِ کرِ پاٚ ۔ بجرس منٛز کڈ و سو کھسان بھکتی کران ہتٕم دوہ

مگر لوٗری چھ واتان ستاوِ ہتی ۔ ڈکھی ۔ اناتھ فٕری یاد کرنہٕ ۔

فٕری یاد کرنہٕ ۔ کیاہ کرٕ ـــ بہٕ کیا کرٕ ؟

سٕ شرارتس منٛز یتھ ساری سے پھیران ۔

کم ادھیکار پراوٕ واپس ! کُس حکم چلاوِ ؟ کُس تدبیر کرِ ؟

کھیٚر بوٗپ :۔ پتاماہ ! بینٛی ساری تھاوو کھ وِ بے کھیترس اَندی پکھی راچھی یتہٕ

پہرٕ درنہٕ موکھ ۔ تکیاز تُہندی شوٗتر روزن نہٕ شوٗترتھ وِ تلاونہٕ

روٗس !

اننت دیو :۔ یہ چھ بالکل صحیح ۔ کھیر بوپ ۔ توٗہی ، سوٗریہ چندر سینٛٹ

ہٕ کیمٕٹ روٗزِ وٕ ژھوٗن دِشاین ہنٛزِ راچھی موکھ بینٛی سوک

ہیتھ ۔ لوٗکن ہٕ گرٕ ھِ تاکید کرن زِ بینٛی بینٛی راچھ راوڑکرن ۔

کو کرمین سیٹھ کو سہ پڑھ چھے؟ کو سہ پڑھ چھے؟ کو سہ پڑھ چھے؟ کس کیہ مادن، کس کیہ زالن۔ کس کیہ ژُلہ راون۔ کس کیہ ژھلہ راون۔ کس کیہ گلہ ناون۔ کس خبر۔ کس خبر؟ ہے وجیشور ساعی ژاچھو کر۔ ساری ہے وجے کھیترس کرزاچھ۔ میانہ کشیر کرزاچھ۔!!

سُہ بیٹھوان بتیہ ہیر پاون سیٹھ۔ اندر نیران لونکا کرنچہ مشر ٹکی ہیتھ۔

لونکا :۔ ڈیوڑلو۔ اکھ ساس ٹکی۔ سمبالتھ تھاوو۔

دوٗیم زنانہ :۔ وولہ میانہ بھرتو اُوچھے۔ ووٗلہ وُچھ ہلم داریتھ چھس چانہ بلہ واٗنی ہُند معاوضہ رٹان۔ پی چھم چانہ زی۔ وونہ وُچھ۔

شُریہ متی :۔ (تس رنش پتہ زنتہ داسہ دوان) دِل گژھہ کرن۔ شانت زوزد پینہ معصوم شُری رچھکھ۔

دوٗیم زنانہ :۔ اد کیا کرِ۔ راز گرچہ ڈیڈتل کتھ کٹی پرہ تھن پیلہ راز گرا سہ اوبنس منز تیہ کس پاے آسہ اسہ در درن۔ واے! میانہ بھرتو۔ ژے کس پاپ اوسے کورمت؟

لونکا تہ شُریہ متی تس ٹاٹھ نیارسان وارہ وارہ کرنچہ ہن دیتھ نیبر کڈان۔ سوچھے پتہ اننت دیلوس نکھہ لوان۔

اننت دیلو :۔ یہ وُچھنہ بوزنہ کھوتہ اوس جان لیو دوے باندی وانس منز

بیٚرٕ ترٛاوِتھ آسہٕ ما دبھنگہٕ وُلتس منٛز پان زٕوٗمرٛاوِتھ اَچھو منٛز اوٗش ترٛاوان پوٚت کالُک دِیان کرِتھ ژھوپہٕ ہٕنٛدِس گٕنٛٹس منٛز کیول پسہٕ نین کرمن پیٚٹھ پشچاتاپ کران ۔ واہ ہے تہٕ ووٗش ترٛاوان ترٛاوان آسہٕ ہے نیٚندرٕ پیوان ۔ پوٚت واتتھ کیاہ کیاہ چھہٕ وُچھن ۔ لولہٕ منٛز چھیٚے راوَن دگ ۔ پرٕتھ کُنہٕ منٛز ژکھ تہٕ شبدس شبدس منٛز دٕے ۔ نفرت تہٕ واٹرا گیے ۔ ہے وجیشور سامی ! وونی چھیٚے شاہ کھسہٕ وس تہٕ ووٚلہٕ بور ، پوٚرٕ ووٚلہٕ بور ۔

کھیرٕ بوپ :۔ ہے رازٕن توہیہ کیاز ہسمتھ ہاران ۔

انت دِلو :۔ ہسمتھ چھسہٕ ہاران ۔ دپہ نہ نرکہٕ لیلاوُ چھتھ چھس پشیمان سپدان سورٕے مان ابھیمان چھُم چھلہٕ چھلہٕ وسان ۔

کھیرٕ بوپ :۔ رازن ۔ پکو اٮ۪زِ و اندرٕ ۔ کرو ہنہٕ شانت رُوٗزِتھ آرام ۔ پکو ۔

اِمی وِزِ چھہٕ تھکن سینٹ ، کھیمٹ اُکس ژٕنِس تہٕ زٕنہٕ زٕ گنڈ کران آنان ۔

سینٹ تہٕ کھمٹ :۔ راہ زٕ رتیشس ہیتن جے جے کار ۔

زُوٚن تہٕ زُلی :۔ جے جے کار مہاراج جے جے کار ۔

نت دلو :۔ توہہٕ آدھیکار ۔ ییم کم چھو کھ رزٕ گنڈ کرِتھ انی ہتی ۔

سینٹ :۔ رازن ایم چھہٕ اکہٕ فنکار ۔ گنڈن گری ۔ یہ کمہ چانہٕ ژوہ نزِ ییم کس پاتھر آسی اکہٕ ماٹس منٛز ہاوان ۔

نت دلو :۔ کس پاتھر ۔ !

کھیمٹ :- پتاماہ۔ اَسہِ چھ لزا یوان۔

کھیر بلوپ :- پۆز چھُ۔ لزا چھےٚ شرمدارن آسان۔ پرٛدارن آسان۔

اننت دیو :- ووٚنی کیاہ ہۆو پردن ژھایہِ تھوٗن لالیہ۔ ووٚنی کوہ سہٕ شرم؟

کوسہٕ لزا؟

کھیمٹ :- پتاماہا یم اَسی تۆہہِ ـــــ تہٕ راژماتایہِ ورگہِ پاٹھۍ تھکہِ ڈامبر

تہٕ لُڈھا ہاشنز ہٕ ہندۍ پاتھر بناوِتھ ہاوان۔ تۆہہِ منز چھاوان

تہٕ ہنرل کران۔

سُریہ متی :- (شرارتس منز ییتھ نزدیک یوان) اچھا! اَسی بنےٚ یاہ زندہ

ژُوے لکھ اسناوہ تہٕ موکھ ہندہ بن پاتھرن ہندی پاتر۔ کیاہ تہٕ

چھسا لُڈھا ہاشنز نی؟

پاتھر گر :- کھما ماتا۔ کھما۔ کھما۔ پتا۔ کھما!!

اننت دیو :- یمن ترآوِ ور ژۍ گنڈ یلہِ۔ یم چھہ کلاونت۔ کرُیو کھ کھما۔ یوٚد وے

یمن بہ تھکہِ ڈامبر چھس باسان گژھن کرٛن لکن منز ہاوتھ

یِھتی ساٹی کرم تہٕ کرٛے آسہِ۔ کرٛن ہاوتھ۔ ترآوِ وکھ یلہِ۔

سبنمٹ تہٕ کھیمٹ ہوان یمن گنڈ مُترا وِنی۔

سُریہ متی :- ہرگز نہٕ۔ یہ گوسانہٕ زندہ ژُوے حال۔ اَسہِ مُرتھ کھتی ناٹک

ہاوان یم۔

پاتھر گوٚر :- (کھوٚرن ییوان) کھما ماتا۔ کھما! اَسہِ چھنہٕ کانہہ دوش!

سُریہ متی :- کیازِ نہٕ۔ تۆہی کتھ ہیوٚتھ یہ پاپہٕ پاتھر گنڈان۔

پاتھر گوٚر :- ہی ماتا! اَسی آیہِ یم بے ہاوتھ کامہٕ منز گڈتھ راژ مندورِ

واتناوہٕ۔ تتہٕ ووٚنکھ تہٕنٛز ہٕند باکرن۔

سُریہٕ متی :- ہٕ تو ہیہٕ مونو۔ خوش آسو گامتی۔

پاتھر گوٚر :- ہٕ ماتا۔ دگہٕ مار کوڑکھ۔ اَسہٕ مون ہٕ توتہٕ۔ کرٕ دب لانے لاے کھاجہٕ ہم لہہٕ۔ وُہٕ چھم شانن آکھ وُچھو؟

سیمنٹ تہٕندی شانہٕ ہاوان

تیسر گال ہٕ سنہٕ لاوکھ۔ ڈوُد چھنہٕ موکھ پیلہٕ آسہٕ آمادگی ہاود۔ ڈبار دوٚڑھ دڑکھ ہٕ ووٚنکھ زٕ و جیشور کس ماس سپٕٹھ ہاوٕ و پاتھر۔ لڈھا ہاشنزہٕ ہٕ تھکہٕ ڈامرشند ہازری لول ہٕنٛد نقل بناوِتھ۔ ماتا نیہٕزہٕ بردار تھاوکھ راچھوور۔ گپت زٕر تھاوِکھ زٕرزٕنس۔ واے آسی کیا کرہاو۔

اننت دیلو :- کیاہ کیاہ آسی پاتھرن منٛز ہاوان! اَسہٕ منٛز چھاوان؟

سینٹ :- راذن ہٕ چھنہٕ ہاون لایق۔

اننت دیلو :- تم گپت زٕر نیہٕزٕ بردار کیتہٕ چھہٕ؟

پاتھر گوٚر :- پتاماہ ارتم چھہٕ سینتی وجیشورہٕ اذورِ زٕھیپہٕ روزتھ۔

اننت دیلو :- ذُورِ زٕھیپہٕ روزنگ کارن۔؟

پاتھر گوٚر :- راذن اَسہٕ کرٕ پٹھ۔ ماس منٛز شرکت کرنہٕ چھہٕ لُکھ اونتی پورہٕ پدم پورہٕ ہٕ دو ہیو طرفاتو سپھٕ آسی۔ تہمنے منٛز چھہٕ تم ہٕ اَسی سینتی سینتی آمتی۔

سُریہٕ متی :- ہٕ ہتی پاتھر کرٕ سپھٕ چھو ہاوان ہٕ گندان۔

پاتھر گوٗر :۔ ماتا۔ بس اُنزی ہوٗ۔ ہیم بے ہاوِتھ! کھاگرِو؟ کوٗتھ دِیتھ
ؤرغلاوِکھ، ہرمراوِکھ۔ تمبہ لاوِکھ۔ ہیم بے تھوٚوِکھ۔

سُرہِ مَتی :۔ یہ لکھ آسہ یان اُسان اُسان اُسہِ نِندیا کران۔

پاتھر گوٗر :۔ ماتا۔ ساوے بھگوت لیلایہ ترٲوِتھ وُونکھ بس ییہے پاتھر
گِندُن۔ کھاگرو؟

انت دیو :۔ سینٹ کھیمٹ یہ کھر لوٗپ ہُشیار روزِو۔ یمن گِندن گرین سیٹھ
آسن کلش دِلون ببیہِ کینہہ کو گرمی لور سوزی رمتی۔ خبر کیاہ نوقصان
واتہِ ناوِن۔ جیہِ روزِو؟

سُرہِ مَتی :۔ (پاتھر گرِ بنش گژِھتھ) ا یہ چھیہِ ووِنْ لٔڈھا ہاشنز دِ۔ وِن۔؟

پاتھر گوٗر :۔ ماتا۔ تو ہے چھو راجہ ماتا۔ اُسی چھہ دپن ہن۔ پاتھر ہاوان زی
زنیان یہ ووِدرس بران۔ ووِنْ گو کرتلہِ دارِ تل یہ راذِ ادھیکاری
گِندِ ناوِن۔ یہ سوٗرے چھُ ببیہِ ہمہ رکی رژ ناز اوی جارہ و
روٗ ستے کلا زنتہ گوجہ روٗ ستے ڈوٗنِ گولرٕ۔ ببیہِ نہ کینہہ۔

انت دیو :۔ تراوِکھ ہم گِندن گرِ۔ تراوِوکھ۔ یم سیرن یہ گِندن بھگوت
لیلا۔ توہہ کرِو وِجے کھیترس راجھ۔

ہمن یتیلہِ تراوان۔ بلاقی یہ نیران

گِندن گرٕ :۔ دے گرٕن تھنزبسہ کامن لوٗرِہ ہی راذن آسہ چھِ چاٹی داس۔

یہ وُنان اوڈرِ لیور پھیران

سُرہِ مَتی :۔ واہ! راذہا! یہ چھس ووِنْ لٔڈھا گاڈ ہاشنز۔!!
یہ وُنان وُنان اوڈرِ لیور پھیران۔

انت دیو :۔ ہی وجیشو رسامی ۔ وُنہ کیاہ کیاہ اُشبہ چھُ وچھُن تہٕ بوزُن ۔
ہے مہیشور ۔ ہے رشو شنبھو !!

سُہ اُڑان اندر ۔ وونی چھے سُر یہ ستی تہٕ تیشنز
ژوشنزاتہٕ ۔

سُر یہ ستی :۔ ییمہ کھوتہٕ بدمستہ ہاوتم ! کس ماہٕ ریٖنہٕ ۔ راہٕ ریٖنہٕ پانس آم ہانیزدٕ
وننہٕ ۔ اَمُن لایق گوم ۔ اَسُن لایق گوم ۔

سو چھے بروہہ بیٹھس بیتہ کنہٕ بیٹھ بہتھ گیگہ
راوان پیتہ ووشِ تراوان تراوان یِم ژداکھ گیوان ۔

؎ راہٕ ریٖنہٕ پانس ہانیزبہٕ رنگ گوم
جنگ پیٖوم دہترُن گرِ نیائیک
شاپہٕ بار پٔننے کوتاہ گوٚب گوم
چھاوان ماہٕ ریٖنہٕ وانگج وور
اکھ اکھ دوہ ییٖتہٕ کوٚہ کڈنے گوم
اَندریُم سِر پیوم منز بازار
چھانگرِ تن من دوہن ڈنگرن گوم
ڈیٚنجِ چھیُنہٕ روزان ژنترل پھوٚر

ژوشنز چھے یِوان تہٕ تس نکھہٕ زنتہٕ ڈلاسہٕ دِوان تہٕ اَندر اَژنہٕ موکھ
تکرار کران ۔

---

وودُر : میٖاد ۔ یڈ ۔ اَشبہ : بد ۔ ناکار ۔

لونکا :- راجماتا۔ نیٹبر کینہ زنتہ چھ کُستام ژھایہ رگتی ہوی گران !
دوشوے خبردار گژھان۔ لونکا بُتھہ نیران۔

لونکا :- راجماتا ! یہ چھے دیہ ڈُتی لوٗری لپکان۔

سُریہ متی :- یہ آسہ ژرژھنہ آہشر۔

لونکا :- (نزدیک پیٹھ) اُمس چھُنہ تۄتام بتہ شرپان یۄتام نہ ازرُن
بزرُن نہ لوکن ہُنڈ گدرُن دویمین گرن واتتھ کرِ۔

سُریہ متی :- دِس پیٹھ۔ از اُنترراو بُتہ سو شنکا یوسہ مے اُندری سٗنز
گدٕی چھ گران۔ دِس پیٹھ۔

لونکا تس بُتھہ نیران نہ پانس ہتی انان۔ دیہ
ڈُتی اندر اُژی تھے کینہہ قدم دوٗری وٕنان۔

دیہ ڈُتی :- کمہ بُتھہ اوس سکھُن پراُلب۔ تراہہ ! تراہہ !!
سُریہ متی آسان بیٖیس طرفس کُن بُتھہ کرِتھ
سو ہکہ دوٕتھان تھوٚد نہ بتہ پھیران۔

سُریہ متی :- یہ کُس چھ تراہہ تراہہ گران۔ ہو — ژ — چھکھ — دیہ وتی !!

دیہ ڈُتی :- ییلہ لوٗزم قرار روٗدم۔ واٹج ژھینم۔

سُریہ متی :- کیا لوٗزہتھ ! کمہ ہتی ژھینی واٹج !!!

دیہ ڈُتی :- لیٖ زکلس دلو اوس یژھان تۄہہ باٹدی بناوِتھ بند تھاوُن۔

سُریہ متی :- بیٖییہ۔ ؟

دیہ وُتی :- توٚہی آدِ لور و جیشور واپس۔

سُرٕیہٕ متی :۔ تہٕ ژٕ ییٚ آسی ریڈ شیشیلیٚوٗمت! واٗنجہِ آسی ٹھنڈک پیٚمژ!

وَن اَز کیاہ منگنہٕ آیکھ؟

دیٖیہٕ ڈُتی :۔ ہے! ہے کیاہ سناوَن ییٚمس! میوٗن بد چھُ لوٗکا لنہٕ وونمت؟

سوٗریہٕ متی :۔ سیٚود کرکتھ۔ وَن؟ ــــ اَز کیاہ آیکھ منگنہٕ؟

دیٖیہٕ ڈُتی :۔ اُنہہ۔ اُنہہ۔ بلاے ییٚژ شُرن! یہ ترٛوٗ شُر ژٕ وٕ لے نہٕ وُنہٕ تہٕ

ییٚتھ دِشایہِ داٗرِتھ تہٕ!

سوٗرٕیہٕ متی :۔ کتھ دِشایہِ داٗرِتھ ــ لوٗلکا! اُدھا تہٕ ولگا اَکُن نادِ رتھ

ژٕ شُر تہٕ لوٗلکا اژان اَندر یتھ چھِیہ اِشارٕ سمجھان۔

سُرٕیہٕ متی :۔ دیٖیہٕ ڈُتی۔ وونی چھُنہٕ ژٕ ییٚ تہٕ میٚ سوٗ آے ییٚتہٕ بیاکھ کانہہ۔

چھا۔؟

دیٖیہٕ ڈُتی :۔ (اَژ پور نظر ترٛاوِتھ۔) نہٕ۔

سُرٕیہٕ متی :۔ لیٖ بہٕ پرژھے لی وَن۔ اَز۔ کینہہ میٚ تھاو کھٹِتھ؟

دیٖیہٕ ڈُتی :۔ میٚ تہِ چاہ گژھن! بہٕ آیس ییٚمس نِش ہمدردی سان تہٕ یہ

چھم اور زٕ نہٕ پُھٹنہٕ پلوان۔

سُرٕیہٕ متی :۔ یہ چھے ژٕ ییٚ پانس تکیہ! ژٕ ییٚ لاجس بہٕ ڈلکہٕ کو وادس۔

اَز روزے نہٕ بہٕ ژٕ ییٚ پرژھنہٕ وراے؟

دیٖیہٕ ڈُتی :۔ شاہمتھ ایم۔ لوٗر آیس۔

سُرٕیہٕ متی :۔ دن؟ یہ کلش دِلوچھا چون لوٗتھر کِہ میوٗن۔؟

دیٖیہٕ ڈُتی :۔ کیاہ!

سُربہ مِتی :- چانہِ ڈمبہِ زامُت کیتھ میانہ ڈمبہ ؟

ڈیہہ ڈُتی کِنہ ٹھِکر دِوان آکاشس کُن وُچھان

سربہ مِتی تس نزدیک گژھان۔ دوشوے بَرِ

زُنبہِ بٔرِ ژھان۔

سُربہ مِتی :- ون ؟ ژٕ ہے آژ چھکھ سربس واقف ؟

ڈیہہ ڈُتی :- ژٕ ہے کیاہ چھے سپدمُت۔ کیا چھے گُدر یومُت۔ ژٕ پرِ ژھان کیا چھکھ ؟

## نِر یلہ تراو ناوان

سُربہ مِتی :- تکیاز ژٕ ہے آژ چھکھ پزر زانان۔

ڈیہہ ڈُتی :- کیا چھس زانان۔ چانِس پوترس لوگ میون پوتُھر چھینبہ۔

سُربہ مِتی :- یہ واکھ وونُتھ ژٕ ہے لبہِ لبہ یہ یِ ونان وَنان نیوتھ ژٕ ہے میانہ ہٹنگ سون وِرِ وِرِ ازدن پزر ؟

ڈیہہ ڈُتی :- ژٕ ہے اکِس دانشہِ زنانہ کیا چھُ یہ سپدمُت۔ یہ کرِہ کانہہ غافل چارِہ یہ ژٕ کران چھکھ۔

سُربہ مِتی :- مے چھُ خالص پزر زانُن یُتھ وانگنِہ یمہِ پلہ بار ژہ لیم۔ ون پرژنہ پیدا یہ پتہ ہُرس یمہِ پوترس زنم دِتھ یپلہِ یہ بے جس آسیس یمہِ نہ پرستایہ ہٕندِس جِگرِ جوشس منز سوپنِکھ میون زاتشر ژٕ ہے یُتھ تس دود دِکھ۔ تکیاز ژٕ ہے یہ ادے تمی دُتِھ دودِ دُشرو چھس یتی۔ گجرانی آسنہ موجب کرِ ہا کھ ژٕ ہے

تسٕنٛز دوٚہ ڈُگاہ جوٚ تہٕ مقرر۔ راژٕ مجلس منٛز لگی ساری پوتر زنمک جشن مناونہٕ تہٕ ژوٚ شنٛز دایہ لجہٕ سون روٚپھ تہٕ دینہٕ سوٚبراوس منٛز اوس یہٕ سار تھ تہٕ اُمسس ہٕنٛز سپھ دوٚتھی لالیق پیٚلہ کرٕتھ گیہ زِ دوٚ لوٚنزاشر پو منٛز گو اکھ شُر تھ۔ گو ڈٕ ڈاگو میانین کنن زِ راژٕ کُمار زاوٕ تہٕ پتہٕ پیٚلہ جِس ہوش سمبولُم تہٕ بوٗزُم اکھ زاشُر گو تٕر تھ وَن یُس میون پوتھر زٕلو نے ژٕ دیُت ہوے، کلش دیلو چھا سے کیٚنہٕ یُس ژٕ نےٚ چھےٚ تھنہٕ پیوٗمت ؟

دیبہٕ وُتی :- ژٕ نےٚ چھےٚ بوٗدِناش گوٗمت۔ ژٕ نےٚ خبر ژٕ کیٚاہ پٕزژھان ؟

سُربہٕ متی :- چون کیٚنہٕ میون۔

دیبہٕ وُتی :- میون گیٚنو وُتر تھ۔ تس پاپٕ پھپرِس ہے سیٚتی وجیشورس منٛز پٕتم سنکار کرٕتھ۔

سُربہٕ متی :- وُمرِ تہٕ واُنٛسہٕ دوٚ نِھلی۔ اَزوَن پٕزر۔

دیبہٕ وُتی :- کیٚاہ فَنے۔ ژاٗرِ تھوٚ ہٕ کیٚاہ بنیرہے۔

سُربہٕ متی :- ولے! مےٚ مہ تُل وانجہٕ پھُن۔ اَزوَن پٕزر۔ بہٕ چھا چون کیٚنہٕ میون۔ ؟

دیبہٕ وُتی :- یُس مےٚ زالوسہ زٕرناو لوٗ نہٕ دیَن تہٕ یُس روٚ چھم سُہ چھُ چون۔

سُربہٕ متی :- ژٕ نےٚ چھیہٕ یاد۔ پیٚلہِ ژٕ نےٚ اکِ لٕٹہِ دوٚ نِھ زِ پیٚلہِ اکھ موٚلود ژٕ گیکھ دوٚن پھِرن بے ہوش۔ تہٕ پیٚلہِ جِس پھیوٚرے اکھ شُر

اوسکھ گوتم ناگ نیوٕمُت۔ وَن سُہ کُس ہیوٗہ اوس؟

دیہِ وُتی :۔ سُہ اوس میشون۔ تہٕ راہُ کلش دیلو چھُ چون۔

سُریہِ متی :۔ واہ! واہ! راہُ کومار بنہٕ نکہِ لا یچہِ وۄنتھ ژٕ یے یہ۔ تاکہِ راجیُت چھاو چون اولاد۔ وَن۔ اَز وَن پیزر۔

دیہِ وُتی :۔ ترٕشٹھ مے پینئہ۔ یہِ کُس لانٛگ چھُہم کھاران وولۍ بڈِ تھ۔

سُریہِ متی :۔ وِنہٕ ہاٹے یِہٕ۔ مگر کلش دیوٗلۍ آزار وُچھتھ چھسے پرزاشنکا کران۔ وَن یہِ چھا چون کِنہٕ میشون؟

دیہِ وُتی :۔ مرناتس تام وَنے ـــ یہِ چھُ چون ـــ چون۔

سُریہِ متی :۔ ژٕ ہے چھے خبر بہٕ چھس راجپوت خوٚئِنٛگ۔ کرتلِ ریستی کرتھ چھو کہِ لدیو تام نہٕ پیزر وَنِتھ۔

سُریہِ متی چھے کمر تلِہ لوکٹ کرتل کڈان تہٕ مہاکالی ہش دیہِ وُتی کھوژٕ ناوان۔

وَن ـــ ژٕ یہٕ تھوٚو تھ وُمریہٕ وُالنہٕ پیزر کھٕنٹھ۔ کیول پنٕن پوتُر راج لوگی راجہ بناونہٕ موکھ۔

دیہِ وُتی :۔ تھپھ ترٛاو یکہِ۔ ترٛاو۔ وَنے ـــ (ریشنتھ لاگان) پیزر چھینہٕ مے تہٕ پتاہ۔ یتیلہِ وُتار پیٹھ چھس آواکھ دوٚد رُشر اوس راہُ پلو لاگتھ میانس وَچھس ژٕ ہہ ژٕ ہہ دِوان تہٕ بیا کھ اوسکھ نیوٕمُت۔

سُریہِ متی :۔ کیا چھکھ وَنان۔ ژٕ ہے پیزر نوٚو تھ نا سُہ کُس ہیوٗہ اوس۔

دیہِ وُتی :۔ مے اوس نہٕ اکُشند تہٕ وَدٕن۔ تیلہٕ ات موقعے میوٗل نہٕ۔ گرتھ

موکرشنکا ۔

سُریہ متی :۔ اوہ ! تہ سے چھُے اُتھ کورمت ۔

دیہ وُتی :۔ میانِس دودس مہ کھار ہاشنِہ ۔ گُجرا نہ ہُشند دود گو سیمنہ ہُشد دود ۔ اَز تام کورنہ کانٛسہ باز خاص تہ ژِ سے کتھ بسہٕ پتھی کو ڈٕرِ وہ سِتراد لیوان ۔ تراو پمہٕ شنکایہ تہ وسواس ۔ اکھ دیتم پنُن چانِس لوانِس چھیپہٕ ۔ بیٚیہ چھوم ترہن وُرین دود ۔ اَز چھکھ ژٕ دونٛ خبرٕ ژٕ تجسی وُہرِ ٹلی ہتن زاگان بیٚیہ چھکھ شنکے ہشر ۔ سو راتھ پیٚیلہِ سہ میون اوس کیٚنشرن پہرن نِنہِ دلہِ روزِتھ گُزریومت ۔ چھ مےٚ دوش ولے تہ اوشِ ہاران گُدا ہشر ۔ خبر گژِ لیہ آم دُناپہ کس زانُشری سُند موکھ روزِ ہاسم وُنِس تل ۔

سُریہ متی :۔ ژٕ چھکھ پیہ وُنتھ پٕزِس وُرن تراوان ۔ مےٚ چھ گرو دتہ ستاپہ رکھ ساپدے کایا یہ ٹھتھراے ۔ کمین ۔ اَز وَنتہ پزر ۔ ؟ وَنتہ ۔ ؟

دیہ وُتی :۔ نتہ کیا ؟

سوُریہ متی :۔ نتہ وایے کرتل ۔ پیٚتی ہسےٚ زُو ۔ نتہ کرتھ ہو چھو کرلد ۔ وَن ۔

دیہ وُتی :۔ یہ پزر چھُ تہ بُو وَے ۔ آمہ اور نہ رکھیں ۔

سوُریہ متی :۔ ژٕ چھکھ اپُز وَنان ۔ وَن ۔ ژٕ سے گڈٕ تہ نامےٚ کُل گلشن دلوس شُری پانے ساری ژرمہ سنسکار کرناونہ موکھ تس جوانی ہشر کھُدر تراونہ برف ٹھے نیتھر کرناونس ۔ تس ماہانہ بُڈراونس ۔ تس راجیت ساتنپناونس ۔ وَن ۔ وِتہ وِتہ اوسے ژٕ سےٚ ماجہ ہندِ کھوتہ

زیادہ تمی شند ژک۔ وَن ۔ تُشندِ دوہراو اِدچ اُوسے کل روزان۔ پربھات کالس اُسکہ مبارکس واتان ۔

دبہ وُتی :۔ رچھن دگ آسم۔ رچھن دگ کرناوان خبر کیاہ۔ آخر پنُن دود چھُم چوُمت۔ کھوتہٕ کھوتہٕ چھم للوُمت۔ پنُنز رُم چھمس وُندکرمتی۔ زاو زن ژےیے رُچھو مے ترین وُری ین ۔

تمہٕ پتہٕ تہٕ چھس روگہٕ روگہٕ وُچھمت۔ ژھاین تہٕ گراین چھُس ووُندمت پان۔ ہنگہٕ منگہٕ کیاز ژٕ از شنکا کران تہٕ کیازِ ؟

سُریہ متی :۔ ژٕ چھکہ سپنز ژھلہٕ گرُمتے توُر فکرِ از ۔ دوہے اُنی تھس وودہٕ دوہے رُوُپزے کل کلش دیو گوژھہ بہٕ کرُن تہٕ ہسہ کرن۔ بسہٕ اُسس ژےٚ پنُن ژکی درزاشتہ گرا اکھ وس تہٕ گرا میاکھہ وس بخشان۔ سوُتہٕ ساوی گرمکھ ۔ ژےٚ اوسے پنُن مُدعا بامل۔ تہٕ وولی ونتہٕ پزر۔ خالص پزر۔ یہ چھاچون کینہ میثون ۔

دبہ وُتی :۔ زانہٕ دے تیمس کمی کیا چھُ وُنمت۔ واتشہٕ وہتروُمت پوشر چھوکس چھم از تہٕ تحی وُری۔ گژھتھ ہنگتہٕ منگہٕ کرُل تُلان ۔

سُریہ متی :۔ راتہٕ گرچ کتھ کیازِ رُوز ژوُن ڈہلین لوُکن وُتھن بیٹھ ، پھرِی لالِق۔ پژنا کیازِ شنکا کران۔ ژےٚ چھُے ناز اتھہ پزر کاشہٕ دلیہٕ، بتینہٕ، زامم کا کینہٕ نِش لوُمت۔ ژہٕ تہٕ چھکھ زنانہٕ بُتہٕ چھس زنانہٕ۔ وَن۔ از کر ہزرس باد تھ ۔

دیہِ وٕتی :۔ پاپن تہٕ شاہن کھوٗژ۔ کیا چھکھ پرٛژھان۔

سُریہِ متی :۔ شاہچہ! شاہہٕ دۄش چھُم تہٕ لوگان چھُس۔ ڈۄمب الگ تہٕ
ڈیکہٕ ہیتھ دھرم سالہِ منٛز شرنا گتس لگمُژ۔ نہٕ گرٕ کُنہٕ نہٕ گر
ویٹھ۔ راژہ رینٛز اسۍ چھس لگمٕژ وانگیج واٲرس۔ نگرٕ کرٕ گھاٹہٕ
وس لس تہٕ وجیشور کرٕ گھاٹہٕ کھسہٕ نس۔ شہٕ تہٕ ییتھ واٲنۍ منٛز۔
ہیرٕ سو کلاوِیہِ دے۔ پزر وَنیہ۔

دیہِ وٕتی :۔ گرٛژِ لٹہِ وَنے۔ پزر رٕود میانِس غش کھنس ستۍ ییلہِ کنُولوٗزم
زِ دوٚیو شُرٕ لو منٛزٕ گوٚاکھ ہنگتہٕ منگہٕ سرِتھ۔ گرٛژ کھ گیہِ زِ میون زا
شُرگو مُرِتھ۔ پانس چھم نہٕ رُکہٕ نیٖن خبر۔ خبرٕ پھیرِتھ دِتم بُتھ بُتھ
ساری آم ژہ ہتھ رچھنہٕ۔ ژۍ ہیوٚ کُنتھ نہٕ یتھ۔ ژٕہ تہٕ اٲہسکھ لوسے
زاشُررانہٕ کُمار تروٗوہم کھونہٕ دوٚد دیٖن کیُت۔ دیٖن ذٕ پرنوٗو نہٕ
میون۔ شہٕ ہے بجومت آسہٕ ہے آز مالگہٕ ہاچانہٕ کاژِتل!

سُریہِ متی :۔ یہِ وٚونتھ ژۍ گرٛژِ لٹہِ۔ ییلہٕ یہِ سوُرے پزر آسہٕ ہے تیلہِ ماکر ہاٲن
لکھ کو واد۔ نیند یا۔ شک تہٕ شنکا! وَن۔؟

دیہِ وٕتی :۔ آمہٕ اَپور نہٕ رُکہٕ نیٖن۔ دِین ہے آمہ ییتہٕ منٛز آسہٕ ہے کو چھ شرمژ
ہٕ پرٕم ہاہ نہٕ شاید لکش دپوس الیہٕ تہٕ ولہٕ۔ رچھن دگِ کیا کرٕ۔
اوے چھے ژۍ شک گنان ہنگتہٕ منگہٕ۔

سُریہِ متی :۔ یوٚ تام نہٕ رٕود ییٚیہِ رب چھینہٕ ووتھان۔ وَن ہیعوبے چھُ سے
ازٕ پرٛزس وُرُن تلہٕ نکھ۔ یکھ۔ کرٕ بُتھ وجیشور ساٲمی ییس کُن تہٕ

ون — پکھ۔ وَن ۔ کلش دیو چھاچانہٕ ڈمبہٕ زامٕت کیتہٕ میثانہٕ
ڈمبہٕ — وَن ۔ پرزٕ وَن ؟

سوریہٕ مُتی چھےٚ تس اَتھس تھپھ کرِتھ ہیرٕ پادٕ ین کُن
اَنان ۔ بُتھ اندر وجیشور اَڈٕ نہٕ کیس برس کُن کران تہٕ
اور چھےٚ نارٕ لمبکھ درینٹھ گژھان ۔ نیٚبر چھےٚ کریکہٕ گژھان
نار ہو ۔ نار ہو ۔ زٕ اَلکھ ہو ۔ زٕ اَلکھ ہو ۔ کورس ۔ برہمن
تہٕ تھاشہر ہمتی اَڑان ۔ وجیشور اَندرٕ نیران لونکا تہٕ
دلگا ۔ پریشان کریکہٕ دوان ۔

لونکا ۔ راز ماتا! نار ۔ نار دُیتکھ! پرتھ اَندٕ دُیتکھ نار ۔

دلگا :۔ ڈُدی! اگپُن گاٹن ۔ کوٹھارن تہٕ ژھینیہٕ پیٹھن دُیتکھ نار ۔

لونکا :۔ زانہٕ دے ۔ معصوم گوژھ نہٕ آٹن کانہہ پہرہ ین مشر ۔
سُریہٕ متی گوڈٕ ہے بنگہٕ گژھان ۔ پتہٕ دیہٕ ڈُتی
تھپھ تراوان یلہٕ تہٕ کریکہٕ دوان لونکا دلگا
تہٕ ادھا ہٕتھ اَندر اَڑان ۔ دیہٕ ڈُتی گژھان بہتھ ۔

سُریہٕ متی :۔ افسوس! پننہٕ سوڑے دزٕ ییٚتہٕ ۔ وَتہٕ پیٹھ پٹمو !!

کورس :۔ ہاہا کار ۔ زار ن ۔ ہاہا کار ۔ ٹلکھ شُوترو چھُ سوڑے وجیشور پرتھ
اَندٕ نارس منز وُلٕت ۔

برہمن زیٹھ :۔ ییٚتہٕ کیا کرو اے برہمنو !! ٹکو پننہٕ پننہٕ ہُرٕ ہٕ ، پہرٕ ہٕ منز فکر
کرِو ۔ ٹکوہے لوکو ماریکھ ۔ زٕ اَلکھ ہے وجیشور سأمی دیا کر ۔

اَسہِ رچھ اِیتھہِ اَگنہٕ بیہِ مشٕر کڈٕ!!!

دیہہِ وٕتی واہہِ واہہِ ہیر پادِ پیمھٕ تھوٚد

ووٚتھان تہٕ وٚنان ۔

دیہہِ وٕتی :۔ ژھیوو رآوِ ونار!! ہنگہِ منگہِ مےٚ نبشہٕ. بوہہِ ستی دِندوزُن

لاگان!! میٖثاٖینس دوٚدس کھاران ہاشرہ!!!

پتہٕ سوٚرتہٕ بیٖران نیٖبر۔ کرِہکہٕ جاری۔ ناہہِ لمبکھ

دوٚتھان۔

---

تریٚیم ژھین

بڑزابہ ہندی مختلف مصیبت زدٕ لکھ زنتہ
کلہ نوٚسراٚدٕ تہٕ چھکرتھ وجیشور کِس آنگنس منز
بہتھ اٚندر پچھٕ زنتہٕ دِہے پٕدٕ درشنٹھ یوان
اَمہ وِزِ چھٕ اٚندر برہمن زیٹھٕ نیران۔ تسنز آداز
چھےٚ دردناک۔ کورس تہ آسان بہن لوٚکن منز
چھکرتھ بہتھ

برہمن زیٹھ :۔ دم سمبھاٚلِو۔ اے وجیشور واٚسیو! دم سمبھاٚلو! کیٚاہ اوس اَبہ
پراٚلب پنٕنہٕ سوٚ نیٚترو وٕچھن سوٕرے وجیشور نگر اٚکِس راٚتھ منز
نار بزی گرٕھن۔ کٔمی کوٚر یہ اَتھ وکِس راز چھٕ پاٚلی پانہٕ پننٕ نِس نگرس
نار دِدناوان؟ بہٕ چھس کانٔہہ یود۔ نہ چھٕ کانٔہہ شوٚتر آمت جملس!
نیٚتہٕ بوٚد تہٕ نیشہ پاپ دِ وجیشور واٚسین تروٚوکھ ڈیٚرواد!
برہمن ہُند کورس مختلف جایو بیہتھ ووتھان
تہٕ اکہٕ اکہٕ وٕنان۔

برہمن دوٚیم :۔ نار چھٕنہٕ خاٚلِص لرٕ جایہ تہٕ جاداد زاٚلتھ تراٚوان بلکہ گروک سر
چھٕ پھوان وٕنہٕ پہتھ۔

تریٚم برہمن :۔ یہ چھ کلام کتھہ دِ بیٚرواد کھوتہ گوٚ ڈیٚرواد سخ۔ سُے زانہٕ یس
گٕدران چھٕ۔ کس وٕنو کس کس کیٚاہ گدریوٚو! کس وٕنو تہ کُس
بوزِ۔؟

ژوٚرٕم برہمن :۔ بانہٕ پھوٚترِ پلو بوکھچہِ۔ وٕرانِ وٕتھرِ نٕہ چیہ تہٕ شُری باٚتہٕ ہیتھ چھٕ

پڑتھ کاتھہٕ خانہٕ دار زنتہ لیتھ نۆوُمُت ہیوٗ جاے ژھاران تاکہٕ
رۆدس شینس، ژھٹہٕ تہٕ واوس نش بچاوِ ژو۔

پۆنشٕریُم برہمن :۔ کوسہٕ جاے تھاوکھ مۆچھ یتھ تہٕ نار دیُتکھ؟ سارٕ لم نگر دھرم
سالہٕ، مندورٕ، وہار بل، کچھِ، کوٹھار، گیُن گان ملبس تل
پچھ ساری وَتہٕ پُدرٕ تہٕ کوچہٕ گلی تام۔

شییُم برہمن :۔ لُرِ تھ تہٕ بالتھ پڑتھ جایہٕ ہُند ملبہٕ۔ خانہٕ دار تہٕ خانہٕ دارِنہٕ
چھ شُری مُری، سیٹھہ گران واویلا! عائلس واویلا!!
باقے ساری گینگہٕ راوان زیٹھ رآتھ۔

واے۔ واے، ہاے۔ ہاے

زیُٹھ برہمن :۔ پانڈورن تہٕ چھینہٕ تیُتھ حال گومُت یُتھ حال ییمہٕ نگرُک چھ
پڑتھ اَندہٕ دزان پھکھ۔ ییمہٕ اَندہٕ پکو تہٕ ملبہٕ تلہٕ ووتھان آمِش۔
ہُمہٕ اَندہٕ پکو تہٕ ملبہٕ تلہٕ ووتھان دہن تہٕ کشنرن مُشک پھہلان
ژھ پاری۔

دۆیُم برہمن :۔ دھرمہٕ پُستک، شاستر تہٕ ژترٕ پوتھین ہندی امبارٕ گییہٕ کاٹھہ و
گرومنٕز ڈزتھ۔ بُرزہٕ ورقن کیاہ لوگ ڈزنس۔ بُرزہٕ تہٕ لۆگُکھ
پنہٕ دزنس۔

زیُٹھ برہمن :۔ اَڈٕ ڈٕڈی کھنگرٕ سیرٕ پھلی بارٕ لوبرٕ، ٹینگ
تہٕ دوب اے۔ یِس پی چھ اَژنیک وجیشور نگر! اتھ واڑانس
منز چھ کُن تہٕ کیول وجیشور مندر زنتہٕ ساری سیٹھہ اسن کران۔

اُے وِجیشورو آسیو اہسمتھ کرُو ۔ وونُز وُچھو ۔ وُچھو ییٚہ نیرو
باپتھ بہتھ وِجیشورو آسی خالص "واے واے"
زیٛبٹھ رآوتھ گیگہ راوان ۔

برہمن ژٕیٹھ :۔ یوٚزُ چھُ توہہ کیٚہ لُبو ہسمتھ ۔ توٚہی کیٚہ سمجاٚوِدم اتھہ ندین
موکھن منتر چھُ وُہرتہ واے ۔ وَچھس منترگ راوَن تیوٚل
وُٹھن ییٹھ شاپھ ۔ شاہس شھَس منترکو واکھ ۔ نہ آہی یٖہ اٚلی
واکھ ۔ اے وِجیشورو آسیو اُوتھو کیٚتس کالس کرُو توٚہہ اٚلی ناشُش
سپدُنک ماتم اُوتھو ! تھکن چھُ وُلی کینس نیٚبر ڈیار باگران ۔
ساری زنیٚہ کلہ تھوٚو تُلیتھ دیان دِتھ لوزان ۔

تریٚیم برہمن :۔ کم ڈیار ؟ یس یس ڈیار تہٕ وَسمتھ سنتر ہیتھ اوس ۔ سوُرے گوٚنارٕ
بُزی ۔ تھکن کیٚہ اَنہ ڈیار دِنہ تہ باگراو ؟

برہمن ژٕیٹھ :۔ لوٗزو ۔ بیلہ ہو ۔ دھرم سال ساٲرے ڈُز ییتھ منتر رازِ ماتا اٚس
رُوزِتھ ۔ رازِ ماتادی سوٗرس منتر پننہ سنتر ہیتھ زاٚلی تہٕ تتنو
جُریتھ اٚکھ شولنگ ڈراو تیتُھے ییتھ اوس ، تسے دُتین تھکنس ۔
تنونگ راجنس تیٚپھوِس ۔ تمی کوٗن سہ ٹاکن ہنڈ گرِ ستھ یِچھ
دِینارن بیلہ ڈیار ہیتھ رازِ ماتایہ نِش آو ۔ تمہ کرُس آگنیا زِ بنزراہ
یِچھ دینار باگراوُن وِجیشورو آسین منتر ییتھ تم پننہ لِرجایہ
شیٚرن سمبھالن تاکہ تہٕ نارٕ پور تراوُن ۔ وُچھو نیرو گرُو پَنُن
پنُن لوگ حاصل ۔ وُچھو ۔

تم وۄتھان اَتھہ تہٕ پوٗشہٕ تلی تلی آہی کران
تہٕ نیرِ پنٕ سکھر کران۔

لُکھہٕ تہٕ کورس:۔ وچیشور ساَمی کرِن راژٕ ماتا یہٕ تہٕ راژٕ اننت دیوس اَتھہٕ روٹ!

برہمن زیٹھ:۔ ہیمتہٕ گرِو۔ دار کرِو۔ پینی لساے گرِو نوہ سر شروع۔ سرِو؟
بیتہٕ چھہ ہرِو کال۔ پس پس ہرِ دوٚنے چھُسہٕ کرِن ہرِ د
وٚ تینی سکھر۔ نیرِو وچیشور ساَمی یہٕ وزِن توہہ بیٹھ مہربان!
آسِ بیٹھ مہربان۔!!

اَندر نیران اننت دیوٚن لو کر گنگا دھر زنہٕ
چھُسہٕ ژہٕ تہٕ سوٗرس سنز آمت ہیٚنہٕ۔

گنگا دھر:۔ ییٚتہٕ کُس چھِہ؟ کُس چھُو۔ برہمن زیٹھ مہہ کاک!! اپرنام مہارا!
بہٕ چھُس گنگا دھر۔ گرِ ہو گرِو راژٕ ریتنس خبر زِ میٚنے کوٚٹھ ملبہٕ تلہ
ہُند گنج۔ ساٚلم سون تہٕ روپہٕ چھہٕ برابر۔ مُرزہ تہٕ تہُند شرنگار
آبھوشن چھہٕ برابر خالِص چھکھ دِسہ تہٕ دزِن آکھ کُنہٕ کُنہٕ۔ دراصل
چھہٕ ہیٚرہ مہہ پور ک ملبہٕ وٚستھہ آمت تہٕ تُتھی تل ساٚلم سنزٕ ہہ
دٔبتھ روز مُتہٕ۔

برہمن زیٹھ:۔ تم کیٚتہٕ چھِہ۔ تُمتے اَندرے اوسُس وچھنہٕ گومُت۔ تم چھینہٕ ییٚتہٕ
گنگا دھر:۔ تم ژلی نارہ پتے واراگی سندی پاٹھی وہہتہٕ اپدریتی چھِہ اَکس
ژھیتیہٕ چھپرس تل کران واس

کورس تہٕ لکھہ:۔ راژ اننت دیو چھا وہہتہٕ اپارہ ژھیتیہٕ چھپرس تل کران واس۔

تعجب چھُ !!

گنگا دھر :- پی چھُ ڈیکہ لانیٚک چکر ! کُس راز ! یُس رنگہ چوکین پیٹھ بہتھ رودِ پنڈ تھالن منزٕ اوس ان کران ۔ سُے چھُ گاسہ ہٕکھ یُس پیٹھ بہتھ مُنتر واہرتھ ٹاکین منز ان کران ۔ ان تہ کیاہ خالص ژھینٹہ راوان ۔ یہ چھُس نہ ازمن کُن وُچھتھ تہ ہکان ۔ وادِ جہِ واوس تل شونگ تراون وول راز چھُ انہ ڈولی پینہ پتہ یانہ چھِ واوُن کران ۔ گھنٹہ واد ان ڈدی مُتس نگرس کُن مُدے گنڈِتھ پشپاتا پچو نظرو وُچھان روزان ۔ ڈیکہ تال نتگہ چھوت پس شانن پیٹھ وُہریتھ چھُ باسان زنتہ آرو چھُ واڈا گی گرٕ چھتھ ڈولی بُکس تل مون ورث دھارن کُرِتھ بہتھ ۔

اُندہ سیران بیاکھ لوکر دنڈک

دنڈک :- گنگا دھر - گنگا دھر -

گنگا دھر :- ڈلو ! دنڈک چھا ڈلو ۔ پرسن کتھ پیٹھ چھکھ ؟

دنڈک :- ڈلو ـ وُچھو ـ ملبہ تلہ کوڈ مے سورُے شستر امبار ـ تلوار، ڈھال، کوچ ـ کرپانہ، تبر، تیر بیتر سالم چھِ بچومت ـ

گنگا دھر :- دنڈک !! پوز چھکھ ونان !

دنڈک :- آ - آ - ڈلو وُچھو ! باسان چھُ ہیری مہ پورک تالو چھُ ڈزِتھ ڈٔسِتھ آمت تہ ژس گرٕ چھتھ زنتہ شستر بھنڈارس پیٹھ ٹھانہ ہیوہ پیومُت ـ سورُے چھُ بورس تل گومُت ـ کُنہ کُنہ چھِ معمولی

ددابٕ ووٗنمُت دپھ زِ مرمتہٕ رٔژ پتہٕ گرٕزہٕ سوٗرے ٹھیک ۔

گنگا دھر :۔ واہ ! مہیشور ہنز کرٕپا ! ! یہٕ شیٖچھی بآوِو راژٕ رِیشِس ! پکو تِم گرٕژھن

برن ۔ تِمن ہِیہٕ لوٗ ہاہمھ ۔ پکو

رِتم دوہ شوے نیران ۔ تِمن ہِتی نیران کورِ

ورأے ساأری نگروآسی ۔

برہمن زٕیُٹھ :۔ ہیٖرِ وُلو یہٕ شیٖچھی راژٕ رِیشِس ۔ تس ہِیہٕ پُزٕ کرِنٕ لوٗشکتی ۔ ژٕ

اَتہٕ سارِنے پرانین پوکن تہٕ سینکن سوٗمبراوِتھ یُس ہیکہٕ نوٗسر

وجیشورس آباد کرِتھ ۔ نِوانمانہٕ گنٛڈ زٕٹھتھ ۔ نوٗو روٗپ دِتھ ۔ ووٗنہٕ ۔

ون ۔ وان ۔ وِہار ۔ مٹھ ، کوٹھار ییٖن نۆوسر تعمیر کرنہٕ ۔ دینہٕ گرٕزہٕ

آسُن ؟ یوددٕ سون روٗپھ تہٕ دیٖارن ہُنٛد گنٛج ساٗلم اَتھہٕ آس یہٕ

سوٗرے تعمیر واتہٕ کینژن رٔتن منٛتر اَنٛد ۔

اَمی وِزٕ لوٗن لنکا تہٕ دلگایہ ہِنٛدِ پِن شانن

پہیٹھ نِزٕ تراوِتھ نیران اَنٛدرٕ ۔ سُریہٕ متی وِلس رٕمیٖژ

ہش زٕنہٕ تہٕ وِلاپھ کران ۔

سُریہٕ متی :۔ واہ کوٗژکھ ساٗری ہیے ! لمہٕ ژٕندن نہٕ وٗرٕ روزٕ تہٕ ! ڈوٗاٗنہٕ ہچوی

پلنگ ، چوکہٕ ، سنٛزٕ مہٕ ڈرٕ ، ہچہٕ مُرٕژہٕ ۔ ساٗری ہیے چھُ گوٗمُت سوٗرٕ

بُتھہٕ چھُ وَنِد ۔ پلوو دلوو خاطرٕ گرٕژھو موحتاج ۔ کم زیور گیہٕ

ڈٕزِتھ ۔ کیٖاہ وَنہٕ کیٖاہ کیٖاہ اوٗسم ؟ کس سوٗتٕ سامٹھ نوشہٕ واجنہٕ

کرٕکھ ساٗرے گرٕ ویٹھ نابٕ بُزی ۔ کوٗہٕ شوٗب تھاوٕہم ۔ کیٖاہ تھیکٕ

ناو؟ تہٕ کیا ہاو؟ کیا چھاو تہٕ کیا باو؟ یہٕ اوس تہٕ گوٚنارٕ بُزری!
زاٹھ ماٹھ دِونوٗوکھ نار۔ تاکہِ میانِس ڈیمبس تہٕ ڈیکس منٛز
زیٹھ نیاے۔ اَکھ اَکس نِش بیوٚن بیوٚن روزٕتھ تہٕ چھکھ نہٕ
دۄنہِ حسد پرٕ تریش ہمان۔ کتھ حالس واتہٕ ناوہس؟ خاکس
پیٹھ بیٚہہ ناوہس۔ کس ماہنہٕ ریٚنہٕ! کس راہنہٕ ریٚنہٕ!! اَکرٕ ہم
وَتہٕ ریٚنہٕ ہنٛز باش۔

سۄ چھےٚ اوٚش تراوان۔ وۄتھراوان

ولسگا :- ماتا! ہیمتھ کرو۔ یہٕ سوٗرے بَنہٕ بیٚیہ! وجیشور سارِمین روٚ چھنوٚ
زو۔ یہٕ چھا کم۔ ہناہ نیٚنٛدرٕ تراونہٕ پتہٕ ہیے آسہٕ ہکھ نار دولنوٗ مُت
اَسہِ تہٕ ما آسہٕ ہیو نارس منٛز ڈدی مِتی۔

برہمن زیٹھ :- ہی راجماتا! دِل کرو۔ تۄہہٕ چھےٚ بارٕ ذمہ واری لوٗرٕ کرنہٕ۔ پرزایہ
ہُند حوصلہٕ ڈرراوُن۔ کمن کمن دیِن درٕ ہدرن دزٕ پہیرٕ پرٛنہٕ،
کمن کمن زمین زراعت والین دزٕ گُچھہِ، لرِ، وانن ڈدی وان
کمہٕ دھرم سالہٕ گیہٕ بُرزٕ کیا ٹھِ ڈزِتھ۔

دوٚیُم برہمن :- مالہٕ مُتی بُنتھ روٗدی نارٕ ژوٗر لوکن منٛز یاترٕ بُنتھ تہٕ کمہٕ
ژھلہٕ اوٚنکھ سوٗرے نگر گیرس منٛز تہٕ دزوٗنہٕ لشہٕ دِزکھ
ژھیٚیہِ پشن تہٕ گاسہٕ ڈیرن دازِتھ۔ زولکھ سوٗرے نگر۔ کس
روٗز خبر!

ترٛیِیُم برہمن :- بسکین اَسی پنٕنہٕ نین زکہن شرہِن بتہٕ کھیاوان۔ ہنگہٕ منگہٕ

گوکھ وُنیٖب کس رؤز خبر !!

ژۄریُم برہمن :۔ بجہِ ماجہِ آسہٕ وۄژھین دوہ دچاوان تہٕ گاسہٕ کرتچن وُچھکھ نارہٕ لبکھ وۄدہ تھان۔ کس تھاٲوِکھ خبر !!

پوٚنژیُم برہمن :۔ شہران سند دھیا گرِتھ آسی بھکھتی مندرن منٛز لوٗز آپاتھ تہٕ بھجن گیوان تہٕ نارِ کرٲکھ گیکھ۔ وۄنہٕ آیکھ نہٕ ژلہٕ نس یُشرِ مُرِ تہٕ گبر ژھارنس۔ گیٚن ڈانگرِ یلہٕ تراونس۔ بےخبرِ منٛز آیہِ ساری ہنہٕ اکس تھاٲوکھ خبر۔ !!

ولگا :۔ کُشند دوہ کھ چھُ زیادہ تہٕ کُشند کم۔ نار چھے پھٔرِس لاپِہ ناوان یَس جایہِ پور دوٗد تس ہیوڈ یِرواو۔ یس دوہ شوٗے جاے جادار دوہ دُسہ گوٚ در ہدر بُنِتھ۔ آسن وٲلی کرٕکھ موصاج۔ لوکن تہٕ یاترین شرن دِنہٕ دٲلی کرٕکھ شرنا گتھ۔ وجیشور وٲسی ترٲوکھ وۄتہٕ بیٚتھ۔

نولنکا :۔ آز کتی چھےٚ ڈۄرِ ہن تہٕ وُڈرن ہیٚتھ ڈُنگجہِ چھیرن تل شُرِ مُرِ گرسہِ بار ہیتھ ابیا گتھ بنیمتی۔ سارِ نے چھےٚ ماتا ہیمتھ دِنی۔ اکھ رژٹ کرن یُتھ شِن پیٚنہِ بردنہٕ جایہِ پور شیرن۔ سمبھالن۔

سُریہِ متی :۔ نولنکا! تھکن چھا حاجتمندن نارن ماہ گریٚ متین دِیارہ ہاگران کرنہٕ بیٚیہ کُنہِ کاسہِ کُن دراو۔

زِشیٹھ برہمن :۔ راجماتا! امہ دی بوز لوٗد زِ تھکن چھِ نگروٲسین جایہِ پور

شیٖرتھ ہا پتھ دیٖنار ہا گران ۔ ماتا ۔ یتھ لوز زیٖرانہٕ سُند ساٲلم گیہ
سۆن تہٕ ردٕ پتھ چھُ بلا نوقسان باٲہ تلہٕ درامُت ۔

سُربہٕ متی :۔ تہٕ چھُ پوٗز ہناہ دداہٕ رتھ کھنڈ چھُس وۅتمتے ۔ تۆ تہٕ پھٔٹے
وِجیشور ساٲمی یِن کرٕ پاگرمُژ ۔

برہمن زیٹھ :۔ استر شستر بھنڈار تہٕ چھُ میتر تلہٕ درامُت ۔

سُریہٕ متی :۔ تتہٕ چھُ پوٗز ۔ تۆ تہٕ چھُ نوقصان تیوٗت زِ ترسٔے پُتیہٕ لگن زینہٕ نس
تہٕ سوٗمبرنس ۔ کس ؤنہٕ کیاہ کیاہ چھوٗنیوم ۔ نار بزی گوم ؟

لونکا :۔ ماتا ! تہنٛد سۆن زیور تہٕ نیر ۔ ساٲری ہے گژھیا سوٗر ۔ اسی دمو
ؤنہٕ بیٚیہٕ زاٲل ۔ کیچوٗ ستی کھنو ڈستھ آمتس تالوس ۔ ڈزِتھ تہٕ کوٗت
گژھِ ۔ کیٛاہ ستہٕ کیٛاہ نیرِ نوٗن ۔

ولگا :۔ نارٕ دزاو سۆن ۔ پوٗز تہٕ پوٗر ۔ شودھ تہٕ پوٗز ۔

اورٕ اژان اننت دیٖو ، گنگا دھر تہٕ ڈنڈک جو ۔

برہمن ہُند کورٕ :۔ راہز ریٚشیٚس آسن سون پادٕ پرنام ! وجیشور ساٲمی دی لوٚ
ہیمتھ تہٕ حوصلہٕ !!

سُربہٕ متی بر بکرٕ ہیتھ لوان تہٕ اننت دیٖوس
بتھ سینٛس ستی بتھ تھاوان تہٕ اننت دیٖو
تس شانن متھِ متھِ دِوان ۔

سربہٕ متی :۔ نوٗت کیٛاہ ژلِو توٚہی وٕ بتھ الوردِ ژٕ ؤنِس وجیشور نگرس
نظارٕ ۆچھنہٕ ۔ ؤنہٕ چھا یٚیمہٕ کھۅ تہٕ بدوٚچھن بیٚیہٕ کیٛاہ ۔

انند دیو: ۔ کیا ووٚ نۄۍ؟ دزِ وُنس نگرس وچھم نظارٕ۔؟ نارس وُچھم نظارٕ؟

ہُشہ ہاہشہ!! یہ چھُ کیول پرارمب! تمہِ لوگُک ییٚس برونٛہہ کُن

یہِ ۔ یِیلہ بلہٕ روان، گییانی، گونماتھ، گاٹلی، مرٕتھ گرٕی، کاٗری گر

کاسب، تٕرتٕر کار، گیتہٕ رینہ تہٕ کلاونت کُشر ترآوِتھ دوٚیمین

دیشن کُن ژلن ۔ ییٚمہ دیشس منٛز گرٕ لڑایہ ووتھن تیٚتہٕ کیاہ

کرن تم ۔ یِیتہٕ تہٕ رازس درشتی آسہِ ۔ ییُس تہٕ پیٚنُن، پرٕزراہ

ہُند تہٕ دیشُک لِگاہ ہیکہِ وُچھتھ تہٕ ووشراٗرِتھ ۔ ییُنداز کال

کیول پرٕزا پیدا آسہِ ۔ نگر زالنٲوِتھ اَن دھن تہٕ لوٗشی دھن

راوراوٗن آسہِ ۔ تِہُند ژرٕی درکُس گاٹل آسہِ ۔ کُس گونماتھ آسہِ؟

کُس کرِ تِہُندِس رازٕ کاسن منٛز ماہرٕ تہٕ سوکھ سان بسُکے ۔ کُس

کرِ؟ یِی آم نارٕ منٛزِ درشٹی تی وُھلے! لِگاہ آسہِ کروٚٹھ ۔

سارِنے کیٚنت! ژٕنے کیٚنت! میٚتے کیٚنت! پرٕزایہ کیٚنت ۔

کورس: ۔ پرتاماہ! ترآوِو! یہ کلیش تہٕ وسواس!! نگر لوٗسرِ تعمیر کرنُک

یتن کُرِو ۔ دُکھی وِجیشور دٲسی ین دیو ہسمتھ ۔

سُرمتی: ۔ یہ چھُ بے ساعتہٕ کو ساعتہٕ گرٕ ترآوِتھ ینٛزنٕک بٕھل ۔

انند دیو: ۔ یِیلہِ نٕو تہٕ مان رچھنہٕ سوکھ گرٕ ترآوِتھ ژلُن چھُ پہوان

تمہِ وِزِ چھنہٕ منوش نیشترٕ تہٕ ساعت وُچھان ۔ اَنگس اَشناوس

اُکس بیٚیس پرٕژھنہٕ وراے چھُ کیول ژلان ۔ شرٕمدار گلہٕ

یُزنہٕ وول ژلہِ ۔ اُچھی لوٗن کُن ترآوِتھ اَندری گلان سورسے

ژالان تہٕ ژلان ـ رو۔ تۄ باگٹ تہٕ ژٕٹ ہیتھ پھیران جنگلہ

ہیتھٕ جنگلس تام خاٗلص ژھپن جاے بدلان۔ اگیات واس

کڈان۔ چاہے کشیرِ منڈلک سروادھیکاری راژ آسی تن اوٗسمت۔

کورس کو ٹھن ہیتھ راژ اننت دیوس اٗندر

اٗندر بیٹھوان۔

کورس :۔ بس کرِو پتا ـــــ بس کرِو! تُہندر واکھ بوٗزتھ چھِنہٕ اَسہِ

سہم گژھان اٗسی کرو ہیتھ خبر کتی نگر تُہندِ پہ ژہ باپتھ

بلہ دان۔ اکھ وجیشور نگر کیا ـــــ ژٕو تہٕ دِمو ـــــ یوٚدوے

ششتر تہٕ ہین تُلنی تِم تہٕ تُلو تہٕ یہ تو ہی پراوٕن چھِوِ یژھان

تمہ خاطرِ جنگو تہٕ۔

"تِم وو تھان تہٕ ساری ہیوٚن ہیوٚن گژھان"

سُربہ متی :۔ اَسہِ چھِنے تُہنزِ طرفداری تہٕ وفاداری ہیتھ پور پزھ مگر

اَسہِ یہ کینہہ اوس تہِ روٗو ہیتھ نگر داہس منز۔ دولت یوٚ تام اُچھو

چھِ وژھو تہٕ شاہ چھِ کھسان ـــــ توٚ تام چھُ ـــــ

اَمی وزِ چھِ کینہہ راژ پُرش کینشرن ناپہ ژورن

رٕژ گنڈ کرتھ ژانان۔

تیمر بوٗپ :۔ راژ اننت دیوس اٗسن سون پرنام۔!

---

کلیش۔ دوکھ، درد۔ یتن۔ کوشش

اننت دیو :- کھیر بٔوپ! یم کم چھو کھۄرنہٕ گنڈ کرِتھ اُنمٕژ۔

کھیر بٔوپ :- ہے دیون! یم چھ تمو ناہٕ ژوٗرو شنز کیتہٕ موہنوٕ یموٕ جیشور
نگرس نار دیٗت۔

سُریہ متی :- اچھا یہند بلٲے سا تھی۔

کھیر بٔوپ :- ماتا رُم ژٕلی بیوٗن بیوٗن وتو۔ تہٕ یم اَسی ژھہٹہٕ کارِن
کیتھ ژلان۔ مگر اَسہِ ژٕلہٕ سنگمہٕ تار۔

اننت دیو :- پرژھیو کھ یم کتِکی روزن واٛلی چھہٕ۔

"ناہٕ ژوٗر اَچھ بوٗن کُن کرِتھ ژھوپہٕ کران"

کھیر بٔوپ :- وٕنیو ہینہٕ زِلیو! کتِکی روزن واٛلی چھیو

ناہٕ ژوٗر (۱) :- ہے دیون ہند دیو!! اَسی چھ کھما منگان۔ اَسہ زٕ چھ
سری شوہرکی روزن واٛلی تہٕ یہٕ ترٛیشیم چھُ آنچار و اَسی۔

اننت دیو :- پرژھیو کھ کار کیاہ چھ کران

ناہٕ ژوٗر (۲) :- اَسہِ ترٛیشولہٕ ہند کار چھُ۔ رازن! اسن ہنز پیٔسر
ژٕنہٕ وٕ ژٕنہٕ وگوٕ بناوٕ تہٕ تھےٕ رکنہٕ۔ بیٛن زوٗز ییتھ شُر
باٛژ پاریو۔

اننت دیو :- پرژھیو کھ! یور کمہٕ سوزی؟

ناہٕ ژوٗر (۳) :- رازن! اَسی سوزی ____ اَسی سوزی۔

کھیر بٔوپ :- (روبہٕ سان کُرٕ دب لاٛیتھ ونان کوٚنہٕ چھو۔

اننت دیو :- کھیر بٔوپ! ییتھ استھانس بیٛھ نہٕ یہٕ۔ نہ کُنتر مارنہٕ ژھر

مار۔ پٔرژ ژھیوکھ!۔ کمۍ سوزِ کمۍ سوزی یور؟

ناپہ ژٕدر (۳):۔ راژن! اُسی سوزی جیانندن! سُے پھیور سارِنے گامن ڈلن تہٕ سرین۔ ژاری ژاری کڈن اُسی۔

اننت دیو :۔ پرژسیوکھ! کوژس چھیکھ دیُت مت رکنہٕ معاوضہ چھیکھ چُھکو ومت؟

کھیر بوٗپ :۔ ڈُلنو! ڈُلنو۔ جل ڈُلنو!

ناپہ ژٕدر (۱) :۔ راژن! کیا ڈُلو۔ کمہ زِلوٗ ولو۔ ساٗلم کوٗمبہ ہیتھ آیہ باٗندر بناوِتھ بہرن منز بھرِتھ راژہ محل واتناونہٕ۔ یپتہٕ، ساری شری مری باٗژ تہٕ زِٹھی تھاوِکھ باٗندروانس منز۔ اُمہ آنہٕ ناوِکھ بیئتر۔ وگوی بچہٕ ناون تہٕ بہرن بریتھ کھاچہ یور۔ بٕندِش تھاوِکھ زلوٗ تام تراوِن نہٕ ساہن کوٗمبھن یلہٕ یوٗ تام نہٕ وجیشورس نار دِموٗ۔

کورس :۔ ترٛاہہ! ترٛاہہ!! دھرے روٗو۔ راژہ دھرے روٗو۔ دیا دھرے روٗو۔

کھیر بوٗپ :۔ ہے پتا۔ یم چھہٕ اَپزٕ وَنان۔ ڈامب لاگان۔ یہ کوٗنڈ کلش دیو تہٕ جیانند زنجہٕ تہٕ ہیتھ راج کتین تھاوَن باٗندروان تہٕ گژِن دوہن کھیاونکھ تہٕ چیاونکھ۔؟

اننت دیو :۔ ییتھ استھانس منز وَننہ اَپزٕ! پرژھیوکھ وُنہٕ کوٗسہٕ کام چھکھ بیتہٕ مژ

کھیر بٹوپ :- ڈلو۔

ناہہ ژدرِ (۱) :- ہی رازن! اَسہِ ہتہ کَرِ تو شرمندٕ! اُسی چھہ پاپی۔

" (۲) :- اَدھرمی! اَسہِ کیتہ بخشہِ دے۔ اَسہِ کُس بخشہِ۔

" (۳) :- اُسی کَرِ کھ مجبور۔ گرٕ بار ترآوِتھ شُرِ باٗژ تھاوِ کھ بند۔ کُنی کٲم تھاوِ کھ مٹہِ۔ ژھوپہِ کرِتھ وَگوی بیٹھ تہ ہیچہِ کُن والِ بُنتھ ماس مشنہِ یتھ نگرزاٗلُن۔

" (۴) :- دَنُن لایق چھِنہٕ۔ وَنُن لایق چھِنہٕ۔ ہنگہ منگہ دِین اناتھ زاہلنی۔ ساہم نگرزاٗلُن۔

" (۲) :- سُتہِ بیبلہِ ساری یاترِ، ماٗلہِ سالبر، بعلکھتر زن مندرن تہ وِہارن شنہ سندھیا پوزا آسن کران۔ دِیپ دان آسن کران۔ تو تاہ آسن پیران۔

" (۳) :- رازن! یِی اوس آدیش تہ یِی اوٗن اَسہِ کو کرمی زلو باعمل دلو اَسہِ سزا۔ ۹ دنڈ دلو۔ نوم ہُنرِ ژلو۔ اَسہِ پیر بوگُن۔ پرایشچتھ۔

" (۱) :- اُسی چھہ کو کرمی۔ لاچار کو کرمی۔ مجبور کو کرمی۔

کھیر بٹوپ :- یتھ نگرس کوٗر وُڈبہ ڈاس۔ شُرِ باٗژ ہتھ کرِ وکھ ساہہ واد گرُو جار۔ ساہہ واد گین۔ ڈور ڈ نگر چھہ وتن، کھتن، ڈلن تہ وُڈرن بیٹھ۔

ناہہ ژدر (۲)۔ کھماکر رازن۔ اَسہِ چھہ پاپ کوٗرمُت۔ مہا پاپ!! مگر

کلش دیوئہ بیئیہ بَیہِ کرِ۔ اکھ اکھ ساس دینار چھکھ
چُھکوُمت۔ بیئیہِ وگوہن تہٕ پیتجن ہُنٛد مول الگ۔

ناریٹُور (۳) :- ساٗنی شری باتہٕ، بب ماج نے بند تھاوِتھ ہن اسی کرہاوتہٕ زانیہہ
یتھ کار، یتھ پاپ۔ وائے! مجبور گییہٕ لاچار۔

(۱) :- کُس ییتھ ہنگہ منگہ یتھ گانٛک کار کرن۔ راژن! اسہِ
کرکھ!!

(۲) :- یتھ کارس تہٕ لگو تھو لاگِکھ۔ میون بُڈ بب ماج تھاوِکھ
بند۔ تمن واجکھ کرٕ۔ اد کوٗر مےٚ مجبور گرٕمتھ یور ینک
آلشکار۔ پانہٕ کوٗر تہٕ زانتھ ماننتھ کینہہ تہٕ ہے پیتا! کُس پوتر
ییتھ بس ماجہِ ہُنٛد باندر بنُن۔

گوڈ انت دیو زبردست اَسُن کران
پتہٕ سنجیدہ تہٕ اَسُن تہٕ کران۔

اننت دیو :- ہا۔ ہا۔ ہا۔ کھیر بوٗپ! ہم تراوکھ یلہٕ!! تراوکھ یلہٕ!!!
بوزتھ ؟ (سُریہ متی کُن) وڈِ نن کُس پوتر ییتھ پن بب
ماجہ ہُنٛد باندر بنُن۔ کُس پوتر ؟ کیول سون پوتر!!۔

راژ کلش دیو: !! مہارانی سُریہ متی تہٕ مہاراجہ اننت دیوُن
پُتر۔ بیئیہ کُس۔ ہا۔ ہا۔ ہا۔ تراوی وکھ یلہٕ۔ والیس
سیرن راژ دانہٕ۔

کھیر بوٗپ :- ہے پیتا ماہ! یہ کیاہ چھوتوہی وَنان۔ اسہِ ازی ہم ووٚٹھ زنانہٕ

گرٚتھ مشکلن رُٹھتھ ۔ یمو زول وجیشور نگر۔ یمن دِلو سزا تاکہِ
دوٚیمن روزِ عبرت۔ یم کوٚت تراٚوی وُکھ بیلہٕ۔

اننت دیو :- گرٚیوٚکھ کھما! یم سوٗزِ کلش دیون ۔ جیانندن۔ یمن سون
شوٚتر ژُنہٕ چھُ ۔ یہندی کوٚٹھ چھکھ بند رٚڈ ٹمتی ۔ گرٚیوٚکھ کھما
۔ ہے وجیشور سامی ! کُس پوتُر پیٚتٕرٕ ہبس ماجہِ ہُند باٚندی
بنٕن ۔ کُس پوتُر !!!

اننت دیو اندر اُتران۔ سُریمتی۔ گنگا دھر
دنڈک۔ لوٚن کانہٕ ولگانہٕ آندر اُتران۔ نارِ
تژوٚرن پوان اَتھ گنڈ یلہِ تراوِنہٕ۔

کھیر بلوٚپ :- رازہ پوتُر چھُ یتھس راج تیاگی ماٚرس نارِ بُزی کرِنہٕ موکھ
نارِ تژوٚر سوٗزتھ وجیشور نگرس زالہِ ناوان تہٕ رازہ مول چھُ
نارِ تژورن کھما کران۔

برہمن زِیُٹھ :- یِ چھُ سمیک کرٕٹھ تہٕ ہیٚوٚ تھ الو بھو! اَکھ تیاگ۔ کھما
تہٕ دان کران۔ بیاکھ ڈُبہٕ ڈاسس لوٚگمت ۔ لکہٕ ناشش
لوٚگمُت۔

نارِ تژوٚر (۱) :- یُس کار اُسی کرنا وِکھ تتھ اوس آسہِ زُو ڈنڈ دیُن۔
,, (۲) :- نہ تہٕ آسی دو شوٚے ہتٕری زٕنہٕ ناوِن۔
,, (۳) :- دے دین اننت دِلوس رُمہِ رٔشُن آے۔ آسہِ کوٚرن
کھما دان ۔ زُو روٚچھُن۔

نابہ ژوٗر (۱) :- ساٚنۍ رٚم رٚم کرنس آہی ۔

بالہٕ قبٕر :- اُسہٕ چھ پاپی - اَدھرمی !! اَسہٕ کرٕو توہہ کِچھما - اَسہٕ متہٕ وُچھی تو
پنتیٖژ لنظر - اَسہٕ کوٚر آتُر - بارٕ آتُر !!!

نابہ ژوٗر (۳) - رشتہٕ ہینز بہتہٕ اُس زِندٕ روزٕ پٕنٕ آش تراوِ مژ - زونمت
اوس زِندگیہ اٹھارس منز یموٗ پسگاہ دارس کھارنہٕ -

" (۲) :- نتہٕ ژٕٹ ساٚنۍ ہٹرٕ - سارِ نی لوکن تھی - مگر راہٕ ز رٚیشی کوٚر
کھماوان -

تریشوے :- ہی زگت امبا ! راہٕ انت دیو تہٕ راہٕ ماتا سُرٕیہٕ متی کڈُن گریٚہہ
دشایہ منز -

نابہ ژوٗر -(۱) :- ہے ہیشور یمن کرٕ آچھو - یمن کرٕ آچھو - سون ماہرا آسی لوٗ سارِ نی
پادٕ پرنام -

رتم سارِ نی نمان تہٕ پتہٕ نیران - کھیر بوٗپ
تہٕ نیران -

کورس :- نابہ ژوٗر آسکھ انت دیوس تہٕ سُرٕیہٕ متی زِندے زالنہٕ موکھ
سوزی رتی - اَمہٕ کھوتہٕ بوٗڈ شُترا تھ کیا آسہٕ - ہی وجیشور ساٚمی !
ہُنٕ ڈوٗمب چھ ہُیتھ کرم کرناوان - بییہٕ نہٕ کاہنہٕ ! ییمہٕ سمیک
بوٗڈ آسترٕ چھ یہ !!

برہمن زٕ ہٹ :- کیشتھ سمے آو - ییمہٕ سمیہ پتہٕ کیشتھ سمے ییہ ! دان دھرم
پُنیہ پراوپکارُن کیا ارتھ تھو - کینہہ ساٚری سنکار راوُن -

دۆیِم برہمن :۔ سنسکار راوَن تہٕ سنسکرتی موکلِہ۔ ریشر تہٕ مریادا یہِ موکلن
کو واسنا، بدآثار تہٕ بدوہ شرار بنِہ دوہدش زِندگی ہُند رویہِ۔
ترٛیِم برہمن :۔ کیرن بدلن، واکھ، وژن، واَنی تہٕ شبد بدلن پننۍ معنیہ تہٕ
ارتھ، رہن سہن بدلن، مزاج بدلِہ، دھنس پتہٕ دوَن ساری۔
ژوٗرِیُم برہمن :۔ سمبندھ بدلن، رشتہ بدلن، ورن بدلن، کولاثار بدلن تہٕ
ورنہِ سنسکرن کھسہِ بوش، کل یگ آسِہ رگن رگن مشنر تس
ستی ژلِتھ گوٗمت۔
پوٗنژیُم برہمن :۔ گوتھر، کول، آثار تہٕ پرٛتی سو بعاد آسن بے معنے، ارتھ ہین۔
برہمن زیُٹھ :۔ اَما پوز لوٗت ژہری کُس چھُ یور پکان۔ شاید چھُ کُستام
ژتھی۔ گرٛی ٹاپن تہٕ ٹکرارن، شنز آواز چھےٚ کنن گژھان۔
ریٚنہٕ... کیا سا ہے... ڈلو وُچھو۔
کورس روزان برس بُتھِ زنہٕ پراران
اوراٗٹ ان تھکن تہٕ ہرش دیو۔
ہرش دیو :۔ میانہِ پتا ماہ تہٕ ماتا ہمی چھا وانہِ پاٹھۍ۔
تھکن :۔ بلکل وانہِ تہٕ کانہِ۔ کیول گو ننگرس بتہِ مژر، ڈبہ ڈاس
برہمن زیُٹھ :۔ نارن تردد نہ ریٚکھیس باقے۔ راجکمار اتو ہی کیتھ کنزا اوبور،
ہرش دیو :۔ بیلہِ نے لوٗزِ میانہِ ماٗلی چھُ یہِ نگر زالناک سنز گوٗرُمت ہہ تہٕ
کوٗ زسہ دی دی بل پوٗزدکہ جوٗنہِ جوان رخ تہٕ روٗپ بدلتھ
یور سوٗزی رستہِ۔ بُتہِ ژوٗس راٗتی نہِ تمنزی راٗچھی درن تہٕ

پھیر درن بارٕ کوٚژھ دِتھ۔ مگر مےٚ گوٚ سخٹا ژٕ یر۔ یہ نادمارٕ ہیکہِ

ہے نہٕ رٕکِتھ۔

تھکن :۔ اَسِ تۄر ہٕ نٕ کٲنٛسہِ دُیت نٕ اِشارٕ۔ اَسہِ آسہِ زانان اگر کانٛہہ

پیہِ یہِ کرپتا ماہس دۄکھ دِنٕچ کوٗشش۔ نگر زا پنٕچ آس نٕ کٲنٛسہِ

تہِ براتھ۔

برہمن زٕنیٛٹھ :۔ راجکمار اکیاہ ژلنوو امالہِ اوس طیس پیٹھ۔ کوچہِ کوچہِ آسہِ دان

ہاٹ لگی متیہ۔ وگوی تہٕ پتجہِ کنن وٲلی آسہِ دوہس وِجیٖنورس

پھیران بیلہِ سندھیا سمیس ٹکھ مندرن استھاپن کٔر سامۄہک

ہرارِ تھناکرنہٕ گیہِ۔ ژٔدرو زون ہیوے سمے مناسب تہٕ رتکھی ژھبیہِ

پٹن درۄز ڈنگی ڈاری ڈاری تہٕ تارُکھ نٕ اکہِ اَند بیٹھہِ

بیٖنس اَندس تام ناد لگہِ نس۔

اُکیُم برہمن :۔ وگوہن تہٕ پتجن تہٕ دُبتکھ نار تہٕ ژلی۔ اڑلی آسہِ گرین پیٹھ دتہ

اڈی نادن کیتھ۔ کُس سنتھیا سمے ادسکھ ژورمت اَمہِ بدکارہِ

موکھ۔ ہی دَیہ! اَسہِ کرٕ رکھیا!

ہرش دیو :۔ مےٚ کوٚر یور واتنس ژیر۔ بہِ بدکار ہیکہِ ہے رٕکِتھ!!!

برہمن زٕنیٛٹھ :۔ ماہرا کیتھ کُنہِ یہِ اوس سپدُن تہٕ سپد۔

ہرش دیو :۔ لیوٚدوَے بہٕ پٲوٕ اکھ کچھ رنگہِ منڈوس منزٕ گبتہٕ رٕتینن، نٹ

تہٕ سازندرن سٕتی ناٹکرِ یہِ ستی آسہِ ہا نٕ وسِتھ۔

برہمن زٕنیٛٹھ :۔ گوَ تو ہرآسو کانٛہہ نوٚو ناٹک گِندنٕچ تیاری کران۔

ہرش دیو :- بہٕ اوسُس گرٲگ راگنی ژاران تہٕ گرانٹرن واد بدلاوان تہٕ میٔون
مول اوس بینٛہٕ ادھیکاری ہیٚتھ وِ جیشورس ناوٕ بُزی کرنک شُز
کران۔ ژٕ وہ بہٕ گرن ہستی یینہٕ نگرُک سرِوناش یِنٛھان۔ افسوس !!
برہمن زُنیٹھ ماہرا ! توہہٕ کرلوٗگ اَمہٕ ژٕ وہ یہٕ ہُند پے پتاہ۔

ہرشدیو :- ناوٕ ژور دیور سوزن بہٕ پتہٕ سہ تہ دوہ ہرِ یِیلہِ الگٲہ بہٕ بہٕ اکِہ دوہ ہانٛدی
وانہٕ کنہٕ لوٗکُس۔ بند کو کوٗر بہٕ وُچھم واویلا، ویداکھہ دتکھہ۔ یلہٕ
تراوٕ نیٚخ پرار تھاگرکھ۔ تموے کرٕ باوتھ زٕ ہتھہ دیہ یا وستان
چھکھ جنگلن منٛز ناوٕ مار ژھل ہیچھناوتھ یور سوزی رمتی تہٕ تمن
تراون نہٕ لوٗ تام یلہٕ لوٗ تام بہٕ تم وِ جیشور نگر ناوٕ بُزی کرتھ
واپس پھیرن۔ بہٕ آسہٕ ہا تمی وزِ دراٚمت مگر بہٕ پرار ژوس
پنہٕ نس مٲلِس راٗزہٕ کلش دیوس نیٚتھ۔ تم بانٛدی تراوناوکھ یلہٕ
زٕ دوہ گام بُلی ہراوان آخر بنیوم یہٕ پرزرِ راٗزہٕ کلش دیو
چھُ پانہٕ تہٕ یہٕ وُچھنہٕ موکھ وِ جے کھیتر کُن دراٚمتی زِ جیشور
نگرُس پیا نار دِنہٕ۔ کاش! بہٕ آسہٕ ہا نہٕ دون دوہن تہٕ
ٹھہر ژوٗمت۔ راٗزٕ مندورِ منٛز دراس ژھل کرِتھ۔ آندے
اوت تُلم پانس وستہٕ تہٕ وُزُوزٕ و دتُس یور۔

آنند :- راجکمار۔ بہٕ کوٚت تراوٕ تو ہی کُنی۔ ییتہ بے پرٛمہ کاس منٛز۔
میٔون ژٕ وتے تو ہہٕ یتھ لگہٕ توتہٕ گیاہ گو۔

تھکن :- راجکمار ! وُلوٚ آندر اَژٕ وتہٕ وُچھو جیشور مندر چھُ اَزٕ دھرم

سالو روٗستے کِنۍ سیٖتے مشٕرس۔ دھرم سالہٕ چھےٚ کھنڈ ژینمٕژ۔
تُہنٛد پیٖتا ماہ تہٕ پٔتٕتا مہی آسن ملبس ژالی دِوناوان تہٕ ژھانڈان
پُراتنی سنسٚرہ ہتھ۔

ہرش دیو:۔ مطلب؟

تھکن:۔ آسہِ مانہٕ بزٕی گژھِتھ وُنہِ تہِ کیٚنٛژھہ نچومٕت۔ کانٛہہ نتہٕ
کانٛہہ مولل چیز۔

ہرش دیو:۔ ڈیکو؟

ہرش دیو، تھکن تہٕ آنند اٚژان اندر

برہمن ژیٖٹھ:۔ راجکمار ہرش دیوُن بُتھ وُچھِتھ کوتاہ پرسن سپدن دوشے
راجماتا تہٕ راز ریٖشی۔ لوٗو ژُو پیٖکھ۔

دوٗیم برہمن:۔ پٔژٕ ہے پیٖکھ نہٕ ژٕ تم چھا ہرش دیوس بروٗنٛہہ کنہٕ وُچھان؟ کینہٕ
سوٗین چھہ وُچھان!

تریٖیم برہمن:۔ لولہٕ ملٲری ین راز ماتایہٕ بُھرِتھ تہٕ اٚشنی دارِ گژھن یلہٕ۔ لولہٕ
آگُر پیٖہ وہتھ ہنٛدِ آگرِ کی پاٹھی برٕبکہٕ۔

برہمن ژوٗریُم:۔ وُنہِ تہٕ پٔژٕ ژھن کیٚنٛژھ واریاہ اٚسِتھ تہٕ سمہٕ نہٕ تمن اکھ اٚکس وٕھن
ہیٚتھ شبد۔

پوٗنٛژیُم برہمن:۔ یس راجکمارس نِیٖتھ بروٗنٹھی چھہ وُچھان تس کُس وتھرُن کرِن؟

---

پراتنی۔ پرٲن۔ سنسٚرہتھ۔ سومبرٲو مشٕر دولت۔

کم پلنگ تہٕ پرنگ وتھراون؟ کوس تور تہٕ پاٹھی تژادر وتھرنس؟

شیٚیِم برہمن:۔ کمن بانن منٛز کھیاونس تہٕ چاونس؟ کمہٕ لنگہٕ منٛز آیہٕ نس ازنانا پرکاری بوٗزن!!

دوٚیِم برہمن:۔ شرناگھ راژہ ریوٗش کمہ سوٗ نہٕ چوکہٕ سیٹھ ہیٛنہاوِتھ چھلہٕ ناوِس پاد۔؟

ژوٗرِم برہمن:۔ آسہٕ چھُ رتہٕ کھلران ٹٕشٕرِ پوٗزا نہٕ آسہٕ چھُ منٛدرِ چھاوان! آسہٕ واٹس اننت دیوس تہٕ چھُ ازناہٕ مارمنٛدرِ چھاوان لالیق بناوان۔ پانہٕ ژھیٚنہِ چھپرس تل اما پوٗز راژہٕ کمارس کیتھ کرٕ ناوِ واس!!

تریٚیِم برہمن:۔ آیہٕ گٹس منٛز یِتھ زوٗ نہٕ گاشس منٛز کوتاہ ہاوس ڈٕ دیٚمہٕ نگرٕ درسیٹھان۔ وُنہٕ چھُ دِودٲری کوٹھن ملبس تل دٕہ وودتھان۔ یِتھ گٹہٕ کارس منٛز کرن ترٚیشوٚے راونس سیٹھ واویلا۔ ییٚہِ کیتاہ کرن۔ کُس ونہس یہٕ سوٗرے کیاز گُدرٕ یوٗکھ۔

ژوٗرِم برہمن:۔ ہے وِجیشور ساٗمی!! پرٕدٕ پوٗشی کر تیتھل گرن۔ نیٚشہٕ پاپ، نیٚشہٕ بوٚدھ تیتھل زن پرٕدٕ پوٗشی کرعابن تہٕ ہرن۔ ییٚنہٕ رٕنس سایس تل رچھکھ ساری بھکت زن ہے وجیشور ساٗمی۔

رتم ہوان نیٚرن یِتھ ووڈی گرن منٛز آرام کرن۔ تمی وِزِ چھ کینہٕ نگرواسی سینٹہٕ کھمبٕ اندر آژان۔

سینٹ :- اے برہمنو ! ڈلو ڈلو راہ انت دیو کتہ چھ ؟ ییتہ چھا کینہ
ویتھ ہیٹھ اپور چھ۔

زیٹھ برہمن :- ڈلو کڈو تھکھ اکتہ ییہٹھ آو ! راہ انت دیو تہ مہارانی سُرمتی
زایہ آدی آدی ییمہ وجیشور کہ پوت آنگنہ منز اندر۔ شاید
نارہ ستی مسمار گامتہ دھرم سالہ ہند بن فرش تہ تالون زآلی
دنہ۔ تم چھ ونہ سنز ہتھ ژھاران۔

کھیمٹ :- یہ چھ راز دانہ ییہٹھ راہ کلش دیون دوت آمت۔ راہ انت
دیوس تہ سُر یہ متی کیُت فرمان ہتھ۔

زیٹھ برہمن :- کیا ہتھ – فرمان ! راہ آدیش !! یہ چھا کیول راز پتا
ماہ تہ راہ رآلی پتاہی کیُت کینہ سارنے پتر ازنن کیُت۔

دوت :- یہ چھ کیول راز انت دیو تہ راز ماتایہ کیُت !!

سینٹ :- توہی کرو ییتی ٹھہراو ! یہ کر یانہ راہ رتیتس وہتھ ز
نگر ییہٹھ چھ آمت راہ کلش دیون دوت راز آگنیا تہ
پآغام ہتھ۔

سہ اژان اندر

دویم برہمن :- اما کیا آسہ راہ آدیش ؟ توہہ چھا کینہ خبر ؟

دوت :- بالکل نہ ! مۓ چھ تاکید آمت کرنہ زِ یہ پتر کیول راہ
انت دیوس دیُن۔ بییہ نہ کانہہ۔ ؟

تریم برہمن :- ضرور آسہ راہ کلش دیون وجیشور واسین اتھ روٹ کرنہ

سو کھُ نگر لوٗ اَنماہٕ تعمیر کرٕہ سو کھُ دِنہٕ دیار سوزنک آدیش
سوٗزمُت۔

ژوٗریُم برہمن :۔ ناممکن۔ بیٚن پان نرِدوش ثابت کرنُک ہیٚتر آسہِ۔ بیٚیہِ ہو کینٛہہ

پوٗنٛژیُم برہمن :۔ وجیشورُک سمہار وُچھتھ تہٕ بوٗزِتھ آسہٕ سس پئیران۔ اَدے
آسہِن پشچاتاپُک نامہٕ سوٗزمُت۔ بیٚیہِ ہٕ کینٛہہ۔

شێیُم برہمن :۔ بیٚیلہِ آسہِن بوٗزمُت لُکن گوٚ اٚلہ ناش۔ گیٚن ڈوٗر ڈٲنگر
بیٚیہِ سرِ راہ۔ پھیوٗرمُت آسہٕ سس۔ ٲسہِ تہٕ وجیشور واسہِن
آسہِ ہن کھماد ان موٗنگمُت۔ بیٚیہِ ہٕ کینٛہہ۔!!!

اَور نیران سُریہِ متی تہٕ لون کا۔

سُریہِ متی :۔ کھیمٹ! کُس چھُ نگر ہہ سٹھ آمُت؟ سینٹ تہٕ ہرشد لوٗتری
لوٗ کنٛہ گھاٹھ کُنی وہتھ اَلوٗر۔ تمتارن اَسہِ سارِنی کیٚنت ٹاکن
کہتھ کھین۔ بیٚنہٕ نارلوٗگ تینہٕ آوہہ پہتھ استھاپنس منٛز لسنگر
سُندراوہٕ۔ ون کُس چھُ آمُت نگر ہہ سٹھ؟

کھیمٹ :۔ راز ماتا۔ یہِ دوٗت چھُ راز رٲنیشس کیٚنت رازٕ کلش دیوُن
فرمان ہہتھ آمُت۔

سُریہِ متی :۔ رازٕ دانہٕ ہہ سٹھ!! کینہٕ تمہ شایہ ہہ سٹھ بیٚیتہٕ شہ کلش دیو ٹھُرتھ
چھُ؟

دوٗت :۔ رازماتا۔ میوٗن آسرلوٗ یادِ پرنام۔ مےٚ یہِ وَننہٕ چھُ آمُت
بہٕ چھُس تی وَنان

سُریہ متی :- ڈیوٗ ! کیٛاہ چھُ فرمان !

دوٗت :- راجماتا ! یہ چھُ یمہ پاٹھۍ پتٕرس پیٹھ لیکھتھ ۔

سُریہ متی :- ڈیوٗ لوٗری ۔

دوٗت :- ہے ماتا ہے ۔ مے چھُ تاکید آمٕت کرنہٕ زِ یہ دِمہ یہ کیول راجس اننت دیوس ۔

سُریہ متی :- کیا ؟ ـــــ

سو پھیران پوٗت پتہٕ ونان برہمن

سُریہ متی :- اے برہمنو ! اسے چھُ ژیر آمُت ۔ گرٛ ھو کرٛو وۄنۍ پیٹھ ڈیرن پیٹھ اَن زل تہٕ آرام ۔ ژوٚدش ہُند ژٔندر تہٕ چھُ وۄنۍ کھوتمتُ پیٚرد ۔

برہمن نیران ونان ۔

کورس :- دیون ہُندِ دیو ۔ مہادیو کرٛن رکھیا ۔ ہی وجیشور سامی رُت رُت ہاو ۔ سور پٹہٕ زایہ تہٕ رازس ۔

سُریہ متی ونان دوٗتس نِش گژھتھ ۔

سُریہ متی :- ڈیوٗ یہ راز آگنیا پتٕر لوٗری ۔

دوٗت :- ہے ماتا ! مے چھُ تاکید آمُت کرنہٕ زِ یہ دِمہ یہ کیول راجہ اننت دیوس !!

سُریہ متی :- کیٛاہ ! یہ رِچھس نا وۄنۍ کہیں ۔ ؟

دوٗت :- ماتا مے کیٛہ دوٗن تہٕ ۔

سُریہ متی :۔ دِ اکیا چھُ کلش دیوُن فرمان۔ بُتہ بوز۔ اَن لیوری ؟

دوت :۔ ماتا ! راجہ اننت دیوس سوآے ہیکہ نہ بہ بہ بنیہ کاتسہ دتھ۔

سُریہ متی :۔ کیا ؟ بہ چھسا وونی بناکھ کاتہہ ! دِ لیوری ؟ کیا چھِ اَتھ لیکھتھ

دِ ؟ ۔ مہاراجہ اکہ کہتھ ستی اوس چون کلش دیو وسران تہ

نہ چھکھ دِلہ دور تہ فرمانبرداری ہند ترکی درلاگان۔ دِلیوری۔

دوت کھوڑ ان کھوژان فرمان پرھان

کھٹُو ہکر سُریہ متی چھس ہکہ لِوان اَتھو منز۔

سو چھئے دڈ یس اَندس تل گرھان تہ لشہ

گاشس تل پران۔ سو چھنے خشمہ چشمو زنتہ

بجھنہ لوان تہ وَنان۔

سُریہ متی :۔ تس چھُ لو دِ ناش گومُت ! ُسہ کمہ بُتھ چھُ اَسہ ہانشرِ دِ کھاران؟

پنز ہن کو کرمن ہند ذمہ وار اَسہِ ٹھہراوان۔ اَسہ یہ حُکم دِوان

زِ کاتہہ کاری گر گرِھ نہ تہند اِجازت وراَے وجیشور لِوِ سرِ تعمیر

کرُن۔ سہ کُس چھُ ؟ لکھ چھِ یاترِ ہند شینھہ بہارِ موکھ وَتن

بیہتھ گلی رُوان تہ رازس چھا اِجازت ہوان ؟ تہ نو تعمیر

کرنہ موکھ چھُ اَسہ وونی تس اِجازت ہیون ! دِکار آسی

نس ! دِکار ہیتھس رازس ۔ دِ کار !! تس کیتھ کُنی دوتھ نیتھ

کو ڈرد ہشرار !! گرِھ وَنس وجیشور نگر لِوِسرِ تعمیر کرنُک

سنز چھُ مے گومُت ! دنہ تہ دیار لاگر بہ۔ سہ کُس چھُ ؟

دپُس پنڑہِن کاڈہِن ہیٚنی کامہٕ !! ژٕ کیازِ تِمن اُپاری مِن بدیشی

ژٕھ یہ گرٕہِن ہیٚدہِن وَنہٕ نس کن تھوان !! تِموا ونٕ پنڑنِس

دیٖشَس راجس تہٕ کوس ٹھونٹھہٕ تہٕ وونِ چھہٕ تس تُلان، اکساوان

گژھہ یِیمی دمہٕ ییٚر زونہٕ گاشس شنزواپس تہٕ وَنُس ییٚنہ یور

نہٕ کانہہ دُوت تہٕ آدیش سوزُن ۔ گژھہ ؟ چھیرن تل واس

کرن واٰس گرتہٕ راج تیاگی ماٰرس کتھ بیہہٕ چھہٕ کھوژان ؟

تُسُندکُس بے چھُس ؟ دیُس پنڑنہٕ گاتہٕ جارِ کاڈہن کامہٕ

ہیہہِ کرن راج ۔ ییٚر — ییٚرواپس !!!

دُوت :۔ ماتا ! بٕ کرس باوتھ — اَپابوز۔

سُریہِ متی :۔ کیاہ ؟

دُوت :۔ ہے ماہوک یہ فرمان رازٕ اننت دیوس دِتھ۔

سُریہِ متی :۔ تِمن تہٕ مےٚ منز کوٚسہ فرق چھےٚ ؟ یوسہ کتھ اُتھ فرمانس

منز چھہٕ آخرس پیٹھہٕ لیکھتھ بہٕ ہیکہ نہٕ یمیچ باوتھ کٕرتھ

تہٕ کرِتھ ۔ ہرگز نہٕ ! — ہرگز نہٕ !! ییٚر ؟ یوت — اَیزٕ

یوت اَند کار دوچھیہہ ! تس کوٚسہ گژِھہ وُژھ ۔ ہی پرمیشورا !

تس کوٚسہ گژِھہ وُژھ۔

یہ دِوان فرمان بہنیس اَندس کُن ڈارتھ

اُمی وِزِ رازٕ اننت دیو نہٕ تھکن ییٚران ییٚبر۔

سُریہِ متی وارٕ وارٕ سمبھلان۔

کھیمٹ :۔ پرٛنام! راژن یادِ پرٛنام!!

دوٗت :۔ راژ اننت دیوس آسن راژ کلش دیو سٕندِس دوٗت سُند

پرٛنام!!

اننت دیو :۔ دوٗت!! کشیر منڈلُک راژ کلش دیوٗن دوٗت!!! پرٛنام؟

کیا چھ شینیچھ! کیا چھُ پاٛغام!! کیا چھُ فرمان۔ ڈیو؟

سُریہ متی :۔ مےٚ دیُت اَمس جواب۔ نیرِو نیو ہر؟ تس ڈیوٚڑی پیٚہ

سےٚ وٚن۔

دوٗت :۔ پرٛنام مہاراج۔

کھیمٹ :۔ راژ ریٚشس آسن جے جے کار۔ جے جے کار!

دوٗت تہٕ کھیمٹ نیران۔ سُریہ متی

گژھان پتہٕ پتہٕ زنہٕ فرمان کھٹنہٕ۔

اننت دیو :۔ کتہٕ چھ فرمان۔ کیا چھُ؟

سُریہ متی فرمان تُلان تہٕ وُلی وُلی وٹان۔

اننت دیو :۔ کیا چھُ اَتھ لیکھتھ؟ کوسہ شینیچھ سوٗزِن؟ کتہٕ۔

سُریہ متی :۔ یہ چھنہٕ کہیں! بلی! شری گی! تو ہیہ کیا! مےٚ دیٖت تمس

جواب۔ اَتھ۔ پکو سےٚ آوُزیر۔ آرام کرو۔ وُچھو نیٚبر

چھےٚ زوٗنہ راتھ۔ ژٔودِش ہٕنز۔ پکو وہتہٕ بُتھس بیہتھ

رٛوزِتھ ــ کرو بھگوت بھجن ــ پکو۔!

اننت دیو :۔ اَتھ کیاہ چھُ لیکھتھ؟ کیا چھُ فرمان۔ راج آگنیا؟؟؟؟

سو چھےٚ کمرس پتۍ کنٕ فرمان چھپاوان ۔

سوریہ متی :۔ رکھیس نہ ۔ کھیس نہ ۔ یہ کیا چھُ ۔ یاوٕ بہ ٹکر —

بنیہ کیاہ ۔ بنیہ نہ کہیں ۔

اننت دیو :۔ کلش دیوٗن فرمان کیا چھُ رٕیشم پٹس پیٹھ لیکھتھ ؟ —

کیا چھُس لیکھتھ — ہر ؟ بوزناو ؟

سُریہ متی :۔ نہ ۔ نہ ۔ چھُنہ پُرن ا — تراوِو یہ کتھ ، ٹیکو کُنہ جایہ

کٔرِو آرام یوتام اَن ہیتھ واتن سیمنٹ تہ ہرش دیو ۔

اننت دیو :۔ یوتاہ اَمہٕ پتہٕ کنۍ اَچھر کھٹکھ تیوتاہ بڈٕ ہے فرمان زانہٕ

نٕچ کانکھیا ۔ سےٚ پیہ نہ قرار ۔ تو تام یوتام نہٕ — فرمان

پرکھ — پر ؟ دِنتہ لوٚری ۔

نہ ہوان تسندِ اَتھہ منٛز فرمان نیٚش

سو چھےٚ بنیس اَتھس کنٕ لوان یوتام

آخرس پیٹھ اَکھ اَند تس اَتھہ تہ بناکھ

اَند اننت دیوس اَتھہ روزان تہ پتہ سارٕ لم ۔

رٕیشم پتٕر اَننت دیو تھیہ نوان ۔ تو تام

روزان نوٗم سمواد جاری ۔

سُریہ متی :۔ نہ ڈولہ یمن پاوہن پیٹھ رٔہو ۔ یہ بوزناوو پٕر اَکھ تمار بھگوت

بجھن ۔ نتہ وہنتھ پاوژن ۔

اننت دیو :۔ فرمان کیا چھُ ؟ — تہ چھم بوزُن

سُریہ متی :- تراوِو ___ یہ لوٗ ژر ___ مےٚ کرُو پٔژھ ___ یہ چھینہٕ کانٛہہ آدیش آگنیا ___ بوٗزِو ہرشدیوُنٛ تارٕ رٹنا ___ بوزناوِو۔

اننت دیو :- معصوم شُرۍ ہٕندۍ پاٹھ چھُکھ ٹالان ___ دِ فرمان بوٗزِ نتہٕ پر ___

سُہ چھ تھیپھ دِوان ___ وولۍ چھہ اکھ اند
تس اکھ رٕتہ بیاکھ اند سُریہ متی اکھ ___

اننت دیو :- تراو تھیپھ ! یوٗت کیا چھ کھٹن لایق ؟

سُریہ متی :- یہ چھینہٕ توٗ ہہ پرن لایق ! ___ چھینہٕ ___ وائے مےٚ ییٚتی چھٹہٕ تہٕ پھرٹہ گژھن ___ !!!

اننت دیو ہکہٕ نوان فرمان تہٕ سُریہ متی
پُھترس پوان لاینہٕ تٕسند ڈوٗل مس چھُ
تس کلہٕ ہیٚتھ پُھترس پوان لاینہٕ ___ سُو
روزان کینشرس کاس اُتھی مُدرایہ زِنتہٕ
پشیمان ___

اننت دیو :- تھکن ___ وولہٕ پر ییتہٕ کیا چھ لیکھتھ ___ ژےٚ پٔرہہ بوزِ پہٕ ___

تھکن رٹان فرمان تہٕ لشہٕ تل پران ___ ::

تھکن :- یہ بوٗزِتھ چھ کشیرِ منڈلہٕ کِس رازٕ کلش دیوس سٹھاہ افسوس زِ وجیشورکِس استھاپنس تہٕ نگرس چھ نار دِیاو ناوتہٕ آمت ___ پرزا چھ شک کران زِ وجیشورک سمھارسِنٛد

ایکانت واسی رازٕ اننت دیوٕنس وَنہٕ نس پیٹھ۔

اننت دیو :- (کرِتھ دِوان) واہ! واہ!! بوزان چھکھ یہ سمہار سِتٕھ
مٔیانِس وَنہٕ نس پیٹھ۔ شاباش چھےٚ سانٕہ کولہ تارکہ ــ!!
پرــ تھکن برونٹھہٕ کُن پر-؟

تھکن :- رازٕ کلش دیوٕنہٕ حُکمہ ورٲے سیدِ نہٕ وجیشور نگر لوٚسرِ تعمیر
توٚ تام یوٚ تام نہٕ رازٕ اننت دیو کشیر ترٲوِتھ ــــ
نہٕ رُکان تہٕ وُچھان اننت دیوس کُن۔

اننت دیو :- پر-
تھکن :- یوٚ تام نہٕ رازٕ اننت دیو کشیر ترٲوِتھ پرٛونشرہ ترن تہٕ تسی
کرن واس۔

اننت دیو :ــ (کرِتھ دِتھ) کیٛاہ ــــ ہ ــــ ہ !!!
تھکن :- کانٛہہ کارٛی گر ہیٛکہ نہٕ رازٕ کلش دیوٕنہٕ اجازتہٕ ورٲے
وجیشورس منٛزلوٚ تعمیر کرٕنٛج کام مٔتھٕہ۔ ستہٕ بوگہٕ دنڈہٕ
تھکن کران مُقرٕراو۔

اننت دیو :- برونٹھہٕ کُن پر۔ ہیٛکہٕ چھاکیٛنہٕ لیکھتھ
تھکن :- یہ فرمان چھہ اننت دیوٕنہٕ کشیرِ لٔش کاسنٛج راج اگنیا۔
راجا کلش دیو۔

اننت دیو :- بوزٕتھہ؟ــ پُھترس نُیتھ دِتھ کیازِ چھکھ گوٚش دوان
بوزٕتھہٕ؟ ییمہٕ کشیر منٛزٕ نیٛرنگ حٔکم آو دِنہٕ۔ پرٛونشرہ

گُژھتھ چھُ کرُن واس۔ بوٗزتھ ؟ یہِ نگرِ زالنوٗ کھ میانہِ حُکمہٕ ستی۔ چانین اِشارن پیٹھٕ ۔ بوٗزتھ ؟۔ ہاے ــ افسوس !!!

تھکن پشیمان گژھتھ پاوِن پیٹھٕ بہان
کلہٕ نوٗمراوِتھ تہٕ اننت دیوس زنتہٕ جیرٕ
لِوان ۔ بٕ چھُ کرٕکیہِ دِوان۔

اے اننت دیو! چانہِ رازِ بوٗدِ کیاہ گوٚ ؟ کیاہ گوٚ ؟ دِکار ۔ چھُ تس رازس یُس زِندٕ ژوٚے پنٕنیس پوترس راج سانپِہ! دِکار تس رازس یُس پننہِ نہٕ آنی ہٕشدِس موہ زالس منترٕ ہیٚنہٕ پیٹھ پوترس راج تاج دِیہِ! دِکار تس راجس یُس نہٕ پنُن پگاہ سونچہِ! دِکار تس راجس یُس نہٕ لُکہٕ کوٚ وادس سام ہیٚنہِ اسٕنہِ۔ تہٕ انجامُک پے کٕڈِ!! دِکار تس رازس یُس ترٛ باتٕرِ تھس پر کھ ہیکہِ نہٕ کٕرِتھ۔ دِکار۔ دِکار۔ اننت دیو! ژےٚ چھےٚ دِکار! سوٗرے راوٕرُتھ۔ مان! وقار! پرتِشٹھا! آزار! وِشواس! بلہٕ واٗنی! مردانگی صرف ییٚمِس راتمہٕ ہشدِ ارمان ہوَس تہٕ شوق رچھان۔

سُرییہِ متی ہوان اُچھ ترٛکراوِتھ وُوٹھن
تھکن یوان کیتھٕ قدم برونٛہہ ہیٚن
کُس پوتھُر کرِ پنٕنیس واٗنشہٕ ماٗلِس مُلکہٕ نیبرٕ نِشکاسنک حُکم

کُس کرِ ؟ آسیٚ ایُتھ پوٚتھر تٲنٛدِ بیٚنٛزِک انش۔ ہرگز نہٕ ہرگز نہٕ۔ ہرگز نہٕ۔

سُریہٕ مَتی ووٚتھان۔ اننت دیو تھکن ہشہٕ بَن
شانن پیٹھ زنتہٕ یِوان لایِنہٕ۔ سُریہٕ متی
گژھان ڈٲن ہش یِلہٕ۔

سُریہٕ مَتی:۔ ژھو پہٕ کرُو۔ ژھو پہٕ! تۄہہِ چھِنہٕ خبر تۄہہِ کیا چھِوٚ نان شرم لزا۔ سوچِنہٕ سمجھِنہٕ زنتہٕ سہے وہرادنہٕ روٚستے چھِوٚ نان گژھان۔ کوس کمہٕ کمہٕ وِزِ ہیز کرنی۔ یتہٕ چھُنہٕ تۄہہِ تگان، وہرادُن۔ تۄہہِ چھِنہٕ پانس پیٹھ بینہٕ وٲنی زَنہٕ زیوٚ پیٹھ کانٛہہ بُندش۔ یہٕ اناپ شناپ کرُو بند۔ کیا گژھِ یوٚدوے اُسی یِیتہٕ منیرتھ زنتہٕ بالہٕ اپور تَرِتھ پرٛونشرٛہ کرُو واس!!

اننت دیو:۔ کیا گژھِ!! اژِ زنتہٕ چھکھ تی یژھان یہٕ کلش دیو چھ یژھان اژُن۔ تُژ۔ میاٚنٛ اردھانگنی! راٰنی۔ نہٕ دھرم پتنی! اژتہٕ رتی یژھان یہٕ چون پوٚتھر چھُ یژھان۔ مئے۔ مئے وُچھتھ ژادِس دیتھ ہنٛدِ بنھ نیٚبر کڈِتھ بالہٕ اپور یژھان تراوُن۔ واہ! واہ!! اے وجیشور سامی بوز۔ بوز پیٚمس ترِیا بہٕ ہنٛز کتھ۔ کیا دائے تدبیر چھ دِوان!! افسوس! اُمی سُند آگیا کاری بنتھ۔ کیتاہ کیتاہ راوُرنہٕ مے! عام لُکھ چھِ زنانن مردن ہنٛدِ بھوگُک تماشہٕ نانان۔ مگر اصلیت چھنے زِ مرد چھُ زنانہٕ

ہند گنڈن تماشہ، کاٹھہ پوٗتل!! پیاری پھیرو پس تیاری پھیرِ، بیٚیہ نہٕ
نہٕ رکھیں۔ ہاے، افسوس! کہ شُر زنانہ چھےٚ کمن کمن مردن شٕنزن لولہٕ جذباتن
منٛز وٚلِتھ ہنزٕ ہنزٕ منٛز راوان، تمبہٕ لاوان حبہٕ راوان دولساوان تہٕ آخرس ہمہ دارس
کھارناوان کینژرو رنگو کُمی بلوان نزِیل۔ کینژن کوٗر گاٹل چور تہٕ کینژرو
سوندرو کوٗر جود۔ کھٕری کھوت تہٕ کھوڑو ہدیایہ ستی مردن
..... ہنز مردانگی وٕش تہٕ کینژرو ہٕنٛزی تھندی پران۔ ہاے
افسوس۔ یتھہٕ کٕنی واہرآٹہ رٕود چھُ بالو ہیٚتھ جسر وُ سیٚٹھ بال
زٹان تیتھے کٕنی چھےٚ کمہٕ یاون منز سینہٕ کہ وونہ زار ہسی دوہمین
گوتھرن منٛز زامتین پوترن اکھ راج تاج ہرن کرناوان۔
اَجہٕ چھےٚ اُڈہ رٕتھ بٕنتھ کمن کمن تیہر لیٚشن تیہٕ والان۔ اَجہٕ
چھےٚ راز کولیچہٕ آسِتھ دوہمین کولہٕ کیٚن پوترن کھوتہٕ للہٕ وتھ
راج سانیان۔ کمہٕ چھہٕ مردس ہیدِ والان۔ کو مارگن لاگان۔ ہناہ
واٹھہٕ ڈلِتھ چھےٚ باسان زٕ مردُ بُڈ تہٕ کتھ لگہٕ کماویاکینہٕ نہٕ۔ اَوے
چھےٚ پوترہ پوترِ کران تاکہٕ تہٕ چھکھ بُجرس منز۔ اوے چھےٚ اُڈور
گُرتھی تھےٚ پوترِ کل تھاوان۔ تسندی ارمان رچھان۔ ضِندیوپر
کران تہٕ باتس پنٕنس نم تل تھاوان۔ بُڈس او نگجہِ ٹینڈین
ہیٚتھ نشر ناوان۔ ہاے۔ افسوس!! زنانن ہنٛدی یم ساری
دوش زانتھ تہٕ کرمے یہ ینٛہ بار تیاسوکار تہٕ زانہہ تہٕ
کورمس نہٕ انادر!! دہے اُس ییتے ستے ہیٹھ راج کران۔

آگنیا کران پریھاوتراوان !! آدھیکار حماوان !! ییٚمہِ لۆکہ ساریٚے
سۆکھ سمپداین ہشد ناش کرنوٚونم تہٕ وۄنی کرٚیم پرٕ لۆکہ
سۆکھ، کانکھیایہِ نشہ تہٕ !! افسوس ! وۄنی چھس واتسمتھ !
ژم چھم ڈیٚجیمژ۔ ہنگہ ہانگر چھنہٕ متی، مس گومت، تال چھیٚنی
گامژ تہٕ موتس نکھہٕ آمت۔ تہٕ یتھ دِشایہ وٲتتھ کوس جاے
چھ وجیشور تراوِتھ لوٚتمتھ مے گژھن پزِ۔ ۹ تہٕ ندرشیکھر شو
سندِ مندرک دار تراوِتھ کوٚت پزِ مے وۄنی اَنت سمیٚس
ہیتھ گژھن۔ کوٚت؟ ایہہ لوک تہٕ پرلوک تارن وول چھ
پوٚتھر آسان۔ تہٕ کس آسہِ یتھ پوٚتھر مے سواے یُس ییٚمہ
استھاپنہٕ تہٕ تیٚرتھہ منزکڈ ناوِتھ کومارکس منز ییٚژھہِ میٚون
مرِن۔ ہاے ییٚتمہِ میٚانہِ لانزہٕ ییٚنہٕ! ییٚنسندہن گونن مےٚ دوہے
لۆزا کراوٚن دوٚیمہ گوتزک بالک تہٕ راز مندورِ منز روٚچھن۔
یِ چھ لۆکھ اَز تام وَنان۔ تہٕ وۄنی چھہ مےٚ اَتھ منز پزٕ لبنہٕ
یوان۔ ییٚس پوٚترس نہٕ مالی سندہن آژارن وسترارن تہٕ شکلہِ
رٕ بِس ستی مثل آسہ۔ یُس پیٚنزہ نتہٕ بندن، آشناون، رُشناون
دوہے بدنظرِ وُچھ ضرور گژھہِ زانُن زٕ تہ چھنہٕ تسندِ بیٚعزک
بالکل نہٕ۔ ہاے — افسوس — ییٚژھہِ ہشہٕ زنانہٕ کیا گژھہِ
سیٚدن۔ زندے وہتِھ منز شژہن۔ نتہٕ — نتہٕ لیتہٕ تل جان
ہیوٚن۔

شرارتس یتھ کڈان سُرمیتی
لتھ۔ سو یوان لایتھ۔ تھکن تُلان تس
تھوڈ۔ سو چھیے پتہ یلہِ گژھان تہ ونان۔

سُریہ متی :۔ یمیس وانسٹھ بُڈس مُرکھ زیور آدس چھنہ وہ نہ کُمتھ شوب۔ یس زُٹ تام اُس قرضہ لادس تل۔ یس تاج، تخت تہ ٹھوکر دار چ لوز اسامگری تام اُس رہن آسان۔ یس یہ شُران سندھیا کرتھ بدلاون کیٔنٹ یکو دلو اوس تمی کیٔاہ پرژو یہ مے ہستی نیتھر کرتھ۔ یہ چھیے ساری پرژا زانان زِ یہ کینہہ زِنے مے متعلق ونہتھ تہ چھ سوری چانہن بینین، مان، لوپھن تہ پسترِ بینین یکہ۔ تمہِ کمہ ستی ساوِتری تہ ستی ستایہ چھیے۔ یہ سمے چھ چانہ خاطر پرایشچھتھ کرُنک۔ نہ یہ تہ یکہِ کرُنک. کیا زِ چھکھ نہ پرایشچھتھ کران؟ پیتہ نین پاپہ کرمن کھمانگان؟ یمس کرمہ ہین بُڈس کوز نیچوی دِلشہِ لِشکاسن کرنج اگنیا تہ وہ نہ ترٛژو ہینہ زنانہ تہ۔ بس امی کو واد مو کھ چھس یہ زِنے لار۔ ستہ کُس بے اوس مے؟ راج کرنا۔ وُنمہِ تجس نہ کیتھ کرنہ از چھ بھاشن چھکان؟ تُہمت لاگان ــــ
ساریوے ترٛژو منساوِتھ تہ یُے آز چھس یوسہ اُمس ستی ستی چھس! چانہ کیا چھم! اپامن روزہم جاے! اجبرس مثر

ترۆوُن رۆن تہٕ پوترِ سوکھ چھاوُنہٕ ہیمہٕ راز مندورِ منز!
بہٕ۔ ہٕ نے ستی مہ ستی آسے اَبیا گیمتہ ہیوٚہ آسھکھ کوچہِ
کوچہِ پھیران ٹوک ہیتھ !!

اننت دیوُس مکمل جیرِ لوان سٕہ کرِیکہٕ
دِوان دِوان ہیرِ یاوُن کھسان۔

اننت دیو :۔ بس کر۔ بس کر شُبھٹا! گُلٹا!! بس کر۔ گرٕھ کرِ لوترس
ستی راز داہ منزِ واس؟ گرٕھ؟ سٕہ ترٕنے تہٕ ترٕ تس۔
سیرُوس راجدھانہٕ واپس۔ چھاو۔ راجیُت۔!!!
ہی وجیشور سامی! ہی تُہندرِ شیکھر! بھگوان شمبھو!!
نے کر یمہِ دیہہِ سنکیٹہ باہرٕ نِش موٚکھی! وُچھ؟ وُچھ ہیوٚن
پراینچھتھ؟ ہو۔ شمبھو!!!
سٕہ چھیہٕ تھر لوٚکن کُن کرِتھ خنجر دوٚشوٚرٕ اَکھن
منز رٕٹتھ ہیوٚر کھارِتھ ہکہٕ داٚلِتھ یڈ وایان
تہٕ پتہٕ دوٚ گُن گرٕھتھ یاوُن پیہٕ لایہٕ لِوان۔

تھکن :۔ ہے پتاماہ۔!!!
سٕہ یوان دوران ہیوٚرنس اننت دیوُس
زنتہٕ کھوٚنہٕ منز رٕٹان۔

تھکن :۔ راجماتا۔ اَنرتھ۔ راز! اننتے دیوٚن۔
سٕہ ہیہٕ متی وارٕ وارٕ اننت دیوُس کُن نظر دِوان۔

سُریہ متی :۔ شُہ ۔ شُہ ۔ ژھو ہیر ۔ ہیر ۔ ژھو ہیر کر ۔ کڑکھ مہ کر ۔؟

تھکن :۔ ہے پتا ۔ ہا پتامہہ !! ہا راز ماتا ! ربہ سُری گوَ !! ہے مہادیو ۔

"اننت دیوُن کلہِ ہناہ تُلان بہ تس کنن تل پران۔"

تھکن :۔ شمبھو ۔ شو شو شمبھو ۔ شمبھو ۔ ہے مہادیو شمبھو !!

اننت دیوُن کلہِ پھٔر تراوِتھ وَنان ۔

تھکن :۔ راجماتا ! اننت دیوَن وُاَج پائی پانس کرتل ۔

سرمیتی پتھ کُن دِوان نظر ڈیشِتھ کڑکھ دِوان ۔

سُریہ متی :۔ کیاگوم ۔ ! سو یوان ہکہ اننت دیوس نزدیک ۔

تھکن :۔ ربہ سُری گوَ ربہ سُری گوَ ۔

سُریہ متی :۔ ژھو پہ کر ۔ کانسہِ وُذِ نہ ۔ اَمی کیا کوَر پانس ! تہُند دیُن
لایق تھونس نہ !

سو چھےٚ اننت دیوس کلس تل نرہن بہ اَتھن
وُچھان ۔ خنجر اَتھن منز ژٹھِتھ داہِتھ دِوان ۔
پتہٕ ہول مرراوان بہ تمہٕ سےتی اننت دیوٕنی
یڈ گنڈان ۔ تھکن چھُس مدد کران ۔

سریہ متی :۔ منز چھاونس ! کانسہِ وُذ نہ کیا کوٚرن ۔ یکہ کانسس پتہٕ
تراوُن ۔ ہیکہ ہا نہ ؟ وودتھ !۔ یہ سیدُن اوس تہ شُید
دُیتِھ پتہٕ پان بلاین تہِ
اَندر سیران لنوُن کا ۔ ولگا ۔ گنگا دھر ۔

لونکا :- یہ کیا! یمن کیا سپُد؟ کیا سپُد!

ولگا :- یہ کیا سپُد اہے پتاماہ!!

گنگادھر :- نہ - نہ! ایم ہکن نہ مےٚ تراوِتھ گژھتھ- ہی راز! یہ کیا گو!

سوٗرسمتی اننت دیوس، ھکنس تہٕ گنگادھرس حوالہٕ تراوان تہٕ پانہٕ بر تکر یتھ بٔہنی زیور کڈان- نیٚبر پیٚٹھ اژان ہرش دیو- آنند تہٕ ہمنٹ بتہٕ ٹاکی بجن پہر اژن مشر ہیتھ۔

ہرش :- پتاہی! اسہ آیہ سارنے کیٚشت بتہٕ ٹاکی ہیتھ۔

تس پیوان تھکن تہٕ پتہٕ اننت دیونہٕ لاشہٕ کُن نظر۔

ہرش :- پتاہی! یہ کیا؟

سُہ ہکہ کھان ہیر پاوِن- آنند تہٕ ہمنٹ پہر اژہ پاوِن ہیٚٹھ تھوان۔ ساری خاموش ہیے بُنگہ ہوی اننت دیونہٕ لاشہٕ اندی اندی- لونکا تہٕ ولگا سُرسمتی نزدیک یوان۔

ہرش :- گنگادھر! یہ کیا سپُد! ایم کیازِ ریتہٕ سُرگا متی- ہاے پتاماہ!!

سوٗریہ ستی :- ہرش دیو- یہ گوٗر تہٕ سُری، رکھتہٕ سارہ کنہٕ

ہرش دیو تھوٚد ووتھان تُھقر تلان خنجر تہٕ
سوٗریہ متی نزدیک یِتھ وَدوٗنہِ ہیٚتہٕ تشویشہِ
سان یہٕ ژَرہان ۔

ہرشدیو :۔ مگر ترلہِ چھو کُن کینہہ کُنہ کرِ یِم چھو کرِ لد۔ کمی کوٚر جرأت
یِم مارنکی کینہ یمو واَج پاٹھ پانس کرِتل ۔

سُریہ متی :۔ یہ چھینہ کانہہ ونُن ! راژہ گرن ہُنز چھینے کمن کمن سِرن پردٕ
پوٗشی بیوان کرِنی ۔!

ہرشدیو :۔ یہ رازس اَتہ ٹھس سوزو نا شیچھ

سوٗریہ متی :۔ سوزیوس ۔ مگر تس پتہٕ نس ماپس کرِ کرِ زنہ زاہنہ تہٕ پژھہ !
زاہنہ تِہ یہ ۔ تہٕ اوِلیوٗن گاسس پیٹھ ۔ نولِ کا تروٚنگ تھوٚی وُس
شانُدن تل ژاٹلِتھ۔ پگاہ سندِ وُھیا سمیہ بروٗنہہ کرِ لو مس داہ
سنکار تہٕ بُتہ سپدہٕ ہمس ستہ متی ! کرِ و تیاری ۔

ہرشدیو :۔ کیا ! ۔ کیاہ ! ہے پِتاماہ ! ۔ تہٕ ۔ تہٕ پِتاھی ! ستی نہٕ کینہہ
سوٗریہ متی چھہ زیور ہلمس منز آسان ۔ سو چھنے
تھوٚد ووتھان تہٕ یمِن ڈاریتھ دوان ۔ تہٕ ہرش
دیوٗن کلہٕ وَچھس ستہٕ رٹان ۔ آنند چھہ انُدر اژان ۔

سُریہ متی :۔ لیس بیتھ واَنہِ گِتھ دِتِم تس ستی بسم گرِژھن چھ میون دھرم !
یِتھ شاپہ لد کا یایہ کوٚپہ شوٗب روٗز ہمس رٚوس ! لیوہ
راژہ رِینز کوو ادس بدنامی تہٕ گرِنیاپس لاجھ سو کیا کرِ وُنی زِندٕ

روزِتھ؟ زِندِ روزِ نہ یُس ہوس آسہِ، مۍ کامنایہِ تہٕ آرزو آس اَلوسہِ شان و شوکت، مان مریادا ہیتھ زِندِ روزِ۔ یُس کُن ساری اۄنگ تُلن، ہندیا واکھ تہٕ وژن گیون، ریٚشرِ تہٕ ناو کڈُن، سو کیاہ کرِ زِندِ روٗزِتھ؟ یُس گرٕ آسِتھ گرٕ آسِنہٕ راج آسِتھ راج آسہِ نہٕ، سو کیاہ کرِ زِندِ روٗزِتھ؟ خبا۔ نہٕ بہٕ سپدِ ہینس باژس سیتہِ شتی۔ کرُو تیاری۔ کرِو تیاری؟

اُندرِ نیران آنند اَکس اَتھس منز
دِزۍوُن ژُونگ ہیتھ تہٕ بٔیس اَتھس
منز گاسہِ گیٚجہِ ہیتھ۔

ہرش :۔ میٚانہِ موکھ پیتا مہی! میٚانہِ موکھ بدلتہٕ فاصلہٕ؟
ساری گرژھان فرہنز

آنند



## موتی لال کیمو

۱۹۳۳ ہس منز زامُت۔ بی۔ اے کٔرِتھ کوٚرُکھ نیشنل سکالر شِپ حاصل تہٕ کٔرِکھ بروڈا یونیورسٹی منز ڈرامہ سپیشلائزیشن۔ یِم چھِ رقاص گیتہٕ کار، ادا کار، ہدایت کار تہٕ ناٹک کار۔ کلچرل اکیڈیمی نِش چھکھ بہترین اداکاری، بہترین سیٹ ڈیزائن تہٕ بہترین کِتابو موکھ درجن وادا ایوارڈ حاصل کٔرِی متی

مطبوعات :۔

تیٚن اَسنگت ایکانکی (ہندی)۔ ترٕنُوٕ۔ (ناٹک سوٚمبرن)۔

لل بہٕ دراییس لولرے۔ ژھالے۔ ناٹک ترُچ۔ (ناٹک سوٚمبرن)۔

طوطہٕ تہٕ آنہٕ۔ ڈکھ ییلہِ ژلن۔ (سوٚمبرن)۔

اَدٕک ژٕنگی ناٹک۔ (سوٚمبرن)۔ ساہتیہ اکیڈیمی خاطرٕ۔

وُہن تھیٹر ورکشاپن تہٕ کینژن ڈراما نویسی ورکشاپن ہٕنز ہدایت دار یاہن تنظیمن سٔتی وابستگی تہٕ کینژن کلبن تہٕ ریاستی تنظیمن ہٕندِ بانی کار۔ نامور تھیٹر ایکسپرٹ۔ ۲۷ وُہن وٕری ین مختلف عہدن پیٹھ رُوٕزِتھ کٔرِکھ کلچرل اکیڈیمی منز نوکری تہٕ سیدٕ بحیثیتِ ایڈیشنل سیکریٹری ریٹایر۔ وُنی کین چھِ مرکزی سرکارٕ کی سینیئر فیلو۔ تخلیقی کام چھُ جاری تھوٚوتھ۔